# ییلہٕ پرٕ ووٗتھ

(افسانہٕ سۆمبرن)

اوتار کرشن رہبرؔ

| | | |
|---|---|---|
| گوڈنیک چھاپ | : | 2014ء |
| تیداد | : | 500 |
| چھاپ خانہٕ | : | جے۔ کے۔ آفسیٹ۔ جامع مسجد۔ دلی |
| پبلشر | : | مُصنف |
| سرورق | : | نسرین (مُصوِر) |
| مول | : | ژورہتھ ررۄپیہِ |
| کمپوزِنگ | : | روشن لال بٹ روشنؔ |

(نستعلیق، ناگری تہٕ رومنس منز کاشُر لیکھنس ماہِر)

8/469, Sec-4, Vaishali, Gzb. U.P - 201010

Mob-+91-9540497333

کِتاب میلنُک پتاہ

1) اے۔ کے۔ رہبرؔ

شتابدی وِہار سکٹر۔52 فلیٹ نمبر۔ 2B پلاٹ E.5

نویڈا (یو۔ پی) فون نمبر 0915766866

2) عبدالاحد فرہادؔ عمر ہیر بژھ پورہ سری نگر (کشمیر)

فون نمبر 09419077605

3) کُلدیپ بٹ 'رگودن'

127/5 ہاوسنگ کالونی روٗپ نگر جموں توی

فون نمبر۔ 09419127780

نذرانہٕ

# شیخ محمد عبداللہ

تہٕ

# پریم ناتھ بزاز

ہِندِ ناوٕ[۱]

---

۱۔ یمن دوشوٕنٕ ہندی خط چھِ کِتابہِ منز شأمِل۔ گوڈٕ کتھ پٔرِو۔

حُسنُک مےٚ گوٚ وا کھ بروٚنت، لچھ بُتخانہٕ بنأوِم
اولُک پزٕر ژینان پننٕہ افسانہٕ بنأوِم

(راہؔی)

# وار وبستار

صفحہٕ نمبر

# گوڈ گتھ

کاشرِ زبانی منز یم افسانہٕ لیکھنہٕ آیہ تہٕ یمو لیکھی تمن منز چھُ اکھ اہم مُقام اختر محی الدینس حاصل۔ کاشرین افسانن ہنز گوڈنچ سومبرن چھےٚ ینٛہزے۔ اُتھ چھُ ناو ''ست سنگر

اختر محی الدین چھِ سہٕ لِکھارُد یمہ افسانہٕ نویسی ہُند فن گوڈنچہِ لٹہِ سبٹھاہ سبٹھاہ سنجیدگی سان نیُو تہٕ روٗدلگاتار زِندگی ہنزن آخری گرین تام مولہٕ وِنی، لوٚبہٕ وِنی تہٕ زور دار افسانہٕ لیکھان۔ یہُند اکھ شاہکار افسانہٕ چھُ '' آدم چھُ عجب ذات'' شمیم احمد شمیم تہٕ رحمن راہی یس درمیان یُس اکھ شاندار تنقیدی بحث اتھ افسانس مُتلق ووتلیو تمچ مِثال چھےٚ نہٕ از تام میلان۔ یہِ اوس اکھ وُزملہِ گاش۔

''ست سنگر'' پتہٕ یوسہٕ دوٚیم افسانہٕ سومبرن کاشرس منز چھاپ سپز، سو اُس میانی۔ اتھ اوس ناو ''توبرُک'' (تبرُک)۔ یہِ سپز 1958 عیسوی سنس منز چھاپ۔

توبرُک کین افسانن پیٹھ یُس گوڈنیک تنقیدی جایزٕ ''خدمت'' اخبارس

،مژ چھاپ سپُد ، سہٕ اوس دیہاتی گنگا دھر بٹ سُند۔ یُس 1947 بروٚنہہ اردوٗ ہس منٛز پریم ناتھ پردیسی تہٕ پریم ناتھ درس ستۍ شانہٕ بشانہٕ رلاوِتھ پانہٕ افسانہٕ لیکھان اوس۔ سہٕ رؤدٕ "دیش" ناوِ کِس أکِس اخبارس منٛز بحثیت اسسٹنٹ اڈیٹر 1947 ہس تام کام کران۔ تیمکۍ اڈیٹر کشپ بندھو آسۍ۔ پتہٕ سپُد یہِ اخبار بند۔ تہِ کیازِ بندھو جی لوٚگ دیہات سُدھار محکمہٕ سنبھالنس ستۍ۔ دیہاتی ین کوٚر ووستادٕ سُند پیشہِ تختیار۔ دیہاتی چھُ پنہٕ نِس تبصرس منٛز لیکھان:۔

"اختر محی الدین کے "ست سنگر" کے بعد اوتار کرشن رہبر کا تبرُک ہمارے سامنے آیا ہے۔ "ست سنگر" اختر کی سات کشمیری کہانیوں کا مجموعہ تھی اور تبرک رہبرِ کی نو کشمیری کہانیوں کا گلدستہ ہے۔ سچ تو یہ ہے کہ ان دو کشمیری کتابوں نے اُن لوگوں کی آنکھیں کھول دی ہیں جو کشمیری زبان کو بے حد تنگ داماں سمجھ رہے تھے۔ اور یہ فرض کیے بیٹھے تھے کہ اِس زبان کی تہہِ دستی اِس کو پروان چڑھنے نہیں دیگی..............

بعض اوقات ایسا دکھائی دیتا ہے کہ رہبر کافی پختہ مشق اور تجربہ کار ادیب ہے۔ اِس کے افسانوں میں شوخی بھی ہے اور شرارت بھی۔ اِس کے افسانوں کے کردار اپنی فطرت کی آخری حدوں کو چھوتے ہیں اور بقول شاعر ؎

روتے پہ جو آجاییں تو سمندر ہی بہا دینگے
شبنم کی طرح سے نہیں، رونا نہیں آتا

رہبر کے کئی افسانے بڑے دِلدوز ہیں۔ مثلا نارِ گلی ژاپنی، زوٗن تہٕ

آفتاب اور اِن میں اِس نو وارِد فنکار نے انہیں چابُک دستی کا خوب مُظاہرہ کیا ہے۔

باقی افسانوں میں زندگی کے شوخی اور شرارت باہم دست وگریبان نظر آتے ہیں اور اکثر موقعوں پر اِنسان پڑھتے پڑھتے ہنسنے پر مجبور ہوتا ہے۔اِتنی چھوٹی عمر میں زندگی کے نشیب وفراز کو اتنے غور وفکر سے دیکھا ہے۔اور اس کی عکاسی کرنے میں اتنی صلاحیت پیدا کی ہے اِس پر حیران ہوتے ہوے بغیر نہیں رہا جاتا۔"

دیہاتی ین یَنہٕ یہِ تبصُرٕ لیوٗکھ تنہٕ گیہِ پۆژاہ وٕری پیٛٹھی۔تنہٕ وۆتھ وۆتھِ واریاہ پوٗنی۔کٔشیر بدلے یہِ کاشُر بدلیوٚ۔تہٕ لِکھاریَن ہنٛز سوچن ترائے بدلے یہ۔دُنی یا بدلیوٚ۔

بہر حال وُنن چھُم یہِ زِیوٚ دوے پۆنٛز افسانہٕ پانہٕ وہُٕنس سبٹھاہ مُشکِل چھُ تاہم چھُ اَکِس لِکھارِس پنہٕ نہٕ لِکھایہِ مُتلق اکھ باس تہٕ مولہٕ اَنکون ضوٗروٗر آسان۔یِمہِ کِنی سہٕ مٔنزِل بہ منزل ژھنڈان بروٗنہہ پکان روزان چھُ۔اگر یہِ آسہِ ہے نہٕ لیکھنہٕ چہٕ عملی آسہِ ہے دم ہوٗرمُت۔اَکِس خاص عملہِ منز پیٛتھے چھِ دُرِ نایاب ئژ نیران۔

وخ گنڈرنس ستۍ ستۍ چھِ ہیٛیہِ تہٕ کتۍ ذرۍ یہِ ونہٕ یوان یِم لِکھارِس فنٛچ اصل تیمہ تہٕ نزاکتہٕ،خوٗبی تہٕ گون پرزناونس منز مدد چھِ کران۔

توٚبرُک پیتہٕ یِم افسانہٕ ٔمے لیکھی یِموٚ منزٕ روٗدۍ واراہ وِزٕ وِزٕ مُختلف رِسالن

تہٕ کِتابن منز چھاپ سپدان۔ نہٕ صرف موٗل (اورِجنل) شکلہِ منز یانے کأشرِس منز بلکہِ ترجمن ہندِس صورتس منز تہِ۔ ہندی انگریزی ترجمہٕ روٗدی اوٕ کٕنہ سبھٹاہ موٗثر تہٕ کارگر تہِ کیاز یِمہٕ وِے دٔسی وأتی یم افسانہٕ مُلکہٕ چِن مُختلف علاقأیی زبانن تام تہِ۔ یہِ چھُ تیلی مُمکِن سپدان ییلہِ افسانن اندر دم آسہِ۔ پٔنٕز خاص زِتنٕ تہ مخصوٗص ہرتر آسہِ، منفرد رنگ تہٕ انداز آسہِ۔ کہانی پن تہٕ کُشِش آسہِ۔ یِتھٕ پأٹھی تہِ سپدُس بہٕ پنہٕ نبن افسانن ہندِس اصل بجرس تہٕ رُتبس سِتی وأقف سپدان۔ تہٕ مےٚ ژیوٗن زیادٕ بہتر پأٹھی بہٕ کتبن چھُس۔

کُنہِ تہِ بہتر افسانُک اکھ جان ٹیسٹ چھُ یہِ تہِ زِ تتھ کأتیاہ کوٗٹھی چھِ ترجمس منز درٕنکی۔ جاندار تہٕ شاندار افسانٕے چھُ کھوچہِ پٹھ پوٗرٕ وُتران۔ تہٕ پٔنٕز اصل جودتھ تہٕ کُشِش ظأہر کران۔ مُلکی تہٕ عالمی سُتھرِس تام واتنہٕ خأطرٕ چھُ میانہِ عقلہِ موٗجوٗب یہِ اکھ جان پرَکھ۔ زُودار تہٕ بہترین افسانہٕ چھِ جوغرأفیأیی حد بندی ہندی دأیرٕ ژٕٹتھ پرتھ کأنسہِ مُتأثر کران۔

پنہٕ نہِ زبأنٕ منز چھِ کینٛہہ افسانہٕ محض لبہ وٕلِجس یاسٹالیس پٹھ زِندٕ روزان تہٕ ترجمہٕ کٔرِتھ چھُ تمن سورُے زُو جان نیران۔ تم چھِ لوٚتی ہار ٹاہری تہٕ محض لو برلولو باسان۔

خأر یہِ زِندگی چھِ حأری ثاتن تہٕ وأری داتن ہُند اکھ اژھبنہٕ سِلسِلہٕ۔ ووٚنی گودوکھ تہٕ دود ہیکہِ ہنا مُختلف أستھ۔ ترأے تہٕ گرأے بیوٚن بیوٚن یا بِدوٗن بِدوٗن أستھ۔ ونو وٕ کیاہ؟ مکانہٕ دوٗد۔ سورُے رِدو۔ یہِ زِندگی ہُند حأصل

تہٕ مولُل خزانہٕ اوس۔ افسانہٕ، ڈراما، تنقیدی مضموٗن، پرٲنۍ نایاب مسودٕ، تحقیقی مواد، زٕ ڈاے ساس اہم کِتابہٕ،..... سورُے گوفنا۔ دِلس پێیم شرٛاکھ۔ وخ گوٚگزران۔ سنہٕ اوس زٕ ساس دٔہ (2010) عیسوی۔ ربتھ اوس اپریل۔ مےٚ آو یومہِ مہجوٗر کِس سِلسِلس منٛز سرینگر گژھنُک موقہٕ۔ کینٛژٕ دوستو یمن منٛز ابدال مہجوٗر، تہٕ رفیق راز کٕنٛہہ خاص ناو چھِ کوٚر ہم باند بانٛدی زِضوٚروٗر۔

بہٕ ووتُس اَتھ چکرس دوران بڈشاہ نٛگر کاٲمل صابُن گرٕ تہنٛز خبر اتر ہێنہٕ۔ تم پێیہ مےٚ وُچھِتھ اسانہٕ۔ کتھ کتھ کران وٲتی خبر کوٚت کوٚت۔ لہٕذٕ منٛز آیہٕ اسانہٕ ہا ژھٔنڈِتھ۔ یتھ منٛز کِتاب چھاپہٕ نٛک تہٕ تٕہندِس فرزند مُنیب الرحمان سُند ذکر خاٚرتہِ سپُد۔

کاٲمل صاب چھُ بے شک ہرفن مولا۔ یوٚ دوے تٕہنٛد ظوٗن ژوٗر ژوٗر شارٕ شاٲری تہٕ تنقیدس ستۍ روٗد۔ تمو لیکھۍ بے جوٗر افسانہٕ تہِ۔ یمن پٔنٛژ خوٗبصورتی، وتہٕ پٔدٕ تہٕ زُوزبتہٕ چھُ۔ یہنٛز افسانہٕ سوٚمبرن ''کتھِ منٛز کتھ'' سپٕز 1966 عیسوی سنس منٛز چھاپ۔ امہِ پتہٕ تہِ روٗدۍ تم افسانہٕ لیکھان۔

کاٲمل صاب چھِ ابس۔ پی کالجس منٛز میانۍ وٕستاد تہِ روٗدۍ متۍ۔ اوٚ کِنٛز چھُم یہُند احترام زیادے پہن۔ کاٲمل صاب اُسۍ اسہِ کالجس منٛز اردوٗ پرناوان۔ یُس تمہِ وقتہٕ ہندی لیس لرِلوٚرا کھاوپشنل مضموٗن اوس۔

مےٚ چھِ کاٲمل صابس ستۍ اِختلافات تہٕ روٗدۍ متۍ مگر۔ یم چھُ محض ادبی توٗیٔگی امیکٕ چھُ تہذیب تہٕ تخلاق پوٗرٕ پوٗر اِجازت دوان۔ سلامت روزِن

میون ووستاد۔ یُہند سوچ تہٕ ذٔہنی وُپھہٕ وار چھُ مولُل۔

یتھ چھُ پتےٚ محشر تہٕ حساب
یتھ سمسارس کھوٚن کٔمی زوٗل

کأمل صأبس ستی کتھ کرنہٕ پتہٕ لٔجی میأنس اِرادس زیر زِمے پزٕن پننہٕ نہ تخلیقات کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ چھاپنہٕ۔ رُمہٕ ریٚشُن آے اَسنِ غلام رسول حسرت گڈھس یُس امہِ وِزِ سبٹھاہ بکار آو۔ سہٕ زانن بہٕ تمہِ وقتہٕ پیٹھٕ ییلہِ سہٕ ذٔہمہِ جماژ پران اوس تہٕ خانیار سرینگرس منز بہاو الدین زأہد سُند گرِ ادبی میٹنگن منز شرکت کرنہِ یوان اوس۔ اتہِ اَسی پرتھ ہفتہٕ ادیب تہٕ شأیر سمان۔ تہٕ پننہِ تخلیقات پران۔ خوب بحثا بحثی اَس سپدان۔ اتھ ادبی اَنجمنہِ اَسی ''حلقے علم و ادب خانیار سرینگر'' ونان۔ بہٕ واتنوٗوس پٔنزٕ اَکی قریبی دوستن اور یمس وجیہہ احمد اِندرابی ونان چھِ۔ یُس کینژس کالس اردو اخبار'' چٹانس'' ستی وابستہٕ رود تہٕ پتہٕ روٗد پنُن اردو ہفتہٕ وار اخبار ''جبروت'' کڈان۔

راہؔی صأب، غلام نبی فراقؔ، غلام نبی خیالؔ، حکیم منظوٗرؔ، پران ناتھ جلالی، پُشکر بی۔اے، مخمور حُسین بدخشی، بدرالدین، طاہر مُظطر، برج پریمی بیترِ شخص روٗزی اور یوان تہٕ اکھ اَکس مُستفید کران۔

خأر گڈھا صأبن گٔری بڈٕ جوشہِ سان مُختلِف رِسالن تہٕ رِکتابن وٕنی دِتھ میأنی افسانہٕ تہٕ تنقیدی مضمون جماہ تہٕ سوٗزِن مے۔ مے گٔری یمن ستی بٔیہِ کینہہ افسانہٕ شأمل تہٕ سپدُس یِم دُرِ نایاب توہہِ تام واتہٕ ناونس منز کامیاب۔ یِم افسانہٕ

چھِ میانہِ خیالہِ یمن پتہٕ مین ؤری ین دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن منٛز اکھ بہترین ژاٰر۔

یہ چھُس منیب الرحمٰن سُند تہٕ شُکر گُذار یمو امریکہ ہس منٛز بہتھ میانٛین سۆنبرن چھاپ کرنچہِ کامہِ منٛز پننہِ سورُے اتھ روٗٹ آیتن تھوو۔ اما پوز کینٛژو المناک ذاتی وارِ داتو کِنۍ ڈوکیوس تہٕ ژھوکیوس پے تہٕ یہ کاٰم روٗز الاٰنہٕ ے۔

آخر گۆنڈ مےٚ پانے ہیٚمہِ کمر تہٕ یہ کِتاب چھاپ کرنک بندوبست کوٚرم دِلہِ منٛزٕ ے۔ وچی وینٛجہِ براٰری قلاقُک روشن لال بٹ روشنؔ آو ودلہٕ سنٛس تہٕ دِژن کمپیوٹرس پیٹھ بُنیاٰدی کاٰم ژٕ کہِ سان انجام تہٕ مےٚ تروو پھرکھ۔

از یوسہٕ راحت تہٕ مسرت بہٕ واریاہِ کاٰلہٕ موسوٗس کران چھُس تمیُک اندازٕ لگاوُن چھُ مُشکل۔

*

یٔمہِ سۆنبرنہِ ہُند اکھ افسانہٕ چھُ ”ییٚلہِ پردٕ وۆتھ“۔ یُس مےٚ سبٹھاہ ٹوٗٹھ چھُ تہٕ مقبول تہِ سبٹھاہ سپُد۔ مےٚ زون مُناٰسب یوہے ناو پیٚیہِ افسانہٕ سۆنبرنہِ تہٕ دیُن۔ یہ باسیوٚ مےٚ اِکِنۍ تہِ موزوٗن تِکیازِ کتھن چھُ پردٕ وۆتھی تھےٚ تر نیران۔ تہٕ تاپھ ہش حقیقت چھےٚ ویٚز سپدان۔

اکہِ افسانُک اصل زوٗ تہٕ جِگر تہِ چھُ پردن منٛزٕ ے پۆشید آسان۔ پردٕ وۆتھی تھےٚ چھِ اصل کِردار، عکس تہٕ نقش اٚچھن تل درینٛٹھمان سپدان۔ واقات تہٕ حاٰری ثات اٚوِجہِ زاٰوِجہِ حقیقژ چھےٚ استہٕ استہٕ قاٰبلِ توجہ بنان۔ گنڈ تہٕ شُرکی چھِ

مژراونہٕ یِوان۔ اندرٕٹھِن ستی چھےٚ پأری زان سپدان۔ پرَن وول چھُ افسانُک گوڈٕ پرٕی تھٕے اتھ منز تیوٗت جذب سپدان زِ توٚ تام چھُ نہٕ أچھی تھوٚ دتُلان یوٚ تام نہٕ افسانہٕ ختم چھُ سپدان۔ اکہِ جان افسانٕچ اکھ بڈ خوٗبی چھےٚ یہے۔ افسانُک مخصوص فضا، کردارن ہُند وٕ وپدُن، پھأٹن یا بیٚیِہ کنٛہہ انہاریم افسانہٕ نویسن ووتلأوی ستی آسن چھِ سو دِلچسپی پأدٕ کران زِ پرَن وول چھُ یہ أکی ہے دمس منز پرِتھ موکلاوِتھ نِوان۔ بیژاہ امہِ قسمٕچ تھچھ یا پکڑ افسانہٕ نِگارٕ ہندِس فنس منز آسہِ تیوٗت چھُ افسانہ جان لگان تہٕ متأثر کران۔ امہِ پتہٕ چھِ سوچہٕ نچ عمل شوٚروٗ سپدان تہٕ قأری چھُ پنُن ردِعمل ظأہر کرِتھ ہیکان۔

اکھ جان افسانہٕ پرِتھ چھُ امیک ایکو (echo) یانے صدائے بازگشت پھیرِ پھیرِ قا؛رِی ہندِس ذہنس پانس کُن کھچان روزان تہٕ اکھ حسین یادگار بنِتھ یاداشت کِس ٹیپ ریکارڈس منز تروتازہ روزان۔

زبان، لب و لہجہ، اسلوٗب، جزیات، علامژ،، کردار، پلاٹ، طنز، مزاح، سسپنٛس (suspense) بیترِ عناصر چھِ تم وسیلہٕ یا ہتھیاریم افسانہٕ نِگار پنہٕ نہٕ أڈرنہِ اکھ خاص شکل دِنس منز پنہٕ نہِ شودِ یودِ موجوٗب ورتاوان چھُ۔ یہِ سوٕرے چھُ اکھ زیوٗٹھ بحث یتھ منز یٚتھِن پیوٚن نہَ چھُ جأیز تہٕ نہَ چھِ تمچ گُنجأیش۔ مگر یہِ وٕنُم تہِ باسیوم ضوٚروٗری۔ بڈ کتھ چھِ ٹیکنیک (tecnique) ۔ ٹیکنیک ونو ژھوٚڑِتھ ورتاوس یا طریقہٕ کارس یُس اکھ افسانہٕ نِگار پنُن افسانہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ استعمال کران چھُ۔ یُتھ زٕنٛمی سنز أڈرن (material) بہتر بتہ موثر اندازس منز دُبرِتھ ہیکہِ۔

عالمی یا مُلکی افسانہٕ نِگاری منز سپد ییہِ از تام، کتی تجرُ بہ ۔ تمو اوٗ صوٗلوٗ تہٕ قاعدو نِشہِ آو انحراف تہٕ کرنہٕ یم وقتہٕ وقتہٕ ضوٗ روٗری باسان اُسی ۔ نتیجہٕ دراو یہ زِ نوٗ نیجہٕ آیہِ وۄ جوٗدس ۔ نوٗی قالب آیہِ بارسس ۔ یہِ روٗدسپدان تہٕ روزِ سپدان۔ یک سوٗیی یا یک رنگی (montony) چھُ کھران ۔ تہٕ نوبر پاٗدٕ کرنچ عمل چھےٚ شعوری تہٕ غاٗر شعوری طور جاٗری روزان ۔ کاٗشرس افسانس منز تہِ روزِ نوٚ آیہِ گراییہِ لبنہٕ یوان، یتھ منز کینژ و افسانہٕ نِگارو پنُن باگہِ بوٚرُت روٗل ادا کوٚر۔

میانٮ۪ن افسانن منز لبوٚ توٚہۍ اکھ وکھرٕ رنگ تہٕ اثر، عکس تہٕ نقش تہٕ الگ وُ پھوار ۔ تہٕ زُو تہٕ جان ۔ یم باسہٕ نوٚ دوٚیمٮ۪ن افسانہٕ نِگارن ہندیو افسانو نِشہِ بلکُل بیٚون تہٕ بِدوٗن ۔ پنٕنۍ مشاٗلی پانہٕ شولہِ ناوان ۔ یہِ چھُ میانٮ۪ن نوقادن تہٕ دوستن ہُند نوٚ ژُریُس تمو وِزِ وِزِ ظاٗہر کوٚر۔

مےٚ چھِ ۔ رمید توٚہۍ پرِیوکھ یم افسانہٕ پنٕنہِ فرصتہٕ تہٕ فراغژ منز تہٕ کرِو مےٚ پننہٕ نوٚ موٗلہِ نوٚ مشورو ستی مالامال۔

*

" ییلہِ پرٕ ووٗتھ " ۔افسانچ کتھ کران چھُ مےٚ اکھ دلچسپ واقہٕ یاد پیوان۔

تنہٕ گییہِ واراوٗری بہ آس دِلہِ پتھٕ جوٗم ۔ اتھس منز اوسُم انڈین لٹریچر میگزینُک تازٕ شُمارٕ یتھ منز میانہِ لمہِ کاٗشرِ افسانُک انگریزۍ ترجمہٕ چھاپ سپد یومُت اوس یُس پروفیسر ٹی ، این ، رینہٕ ہن کوٚرمُت چھُ۔

بہ یٚیلہِ دِلہِ دراس نیران نیران آو دَوِمیوٚن برادر تہٕ وۄنہٕ نَم یہِ گوٚ وُمشتھ۔ اوے روٗدُم یہِ اتھہٕ سے منز۔ سوٚنچُم جان گوا کھٗتے پرٕ یہِ سورُے شُمارٕ ریلہِ منز۔

جیٚمی سٹیشنس وأتِتھ روٗٹ مےٚ سکوٗٹر تہٕ ووٗتُس سٹی چوک۔ وسان وسانٕے وُچھُم بلراج پوری وودنی۔ یُس جیٚمہِ کِبن موشور تہٕ معروف شخصیٔژن منز کُنہِ تعارفُک موحتاج چھُ نہٕ۔ أمی زن لوٗبُس بہٕ۔ دۄ پنم ون دِلہِ ہنز شیچھی خبرا۔ کیاہ ونان ازکل؟ سہٕ اوس یژھان تہٕ سورُے بوزُن یہِ سرتاز اوس۔ خاص کر ریاست جموں وکشمیرس مُتلق۔

پوری صأب چھِ ژ کہِ سیاست دان۔ تیٚمی سُند اصل غذا سیاست چھے۔ افسانہِ نِگار یا اکھ لِکھأرٕ چھُ حالاتن تہٕ واقاتن پنہٕ نہِ آیہِ وُچھان۔ سیاست دان پنہِ نہِ۔ سوٚنچُم ونس کیاہ؟ حالات أسی امہِ وقتہٕ سٹھاہ بدتر نہ صِرف یتھ برِ اعظمس منز بلکہِ دُنیاہ کِبن مُختلف حصن تہٕ ملکن منز۔ مےٚ آیہِ وِم (whim) بوٗزی تو یہے۔ پنج لہرہش تہٕ وۄنمس ''یہِ پچھے اِنڈین لٹریچر۔ اتھ منز چھے میانہِ اکہِ افسانُک ترجمہٕ چھاپ سپد یوٗمت۔ ژ پر یوٗ ہے۔ سارِنٕے کتھن میلی جواب۔ تہٕ مےٚ دیُت قدم۔ اسُن آم۔ سہٕ اسُن یُس واوس تہٕ تاوس منز انسانس رچھان چھُ۔ یُس بگوانس (خوداییس) تہٕ ٹوٹھ چھُ۔ مےٚ باسان آدم سپُد اوے تخلیق۔ زِ خودا صأب روزِتس وُچھتھ اسان۔ توٚہۍ پرٕو یہِ افسانہٕ۔ توہہِ نیرِ سارِنٕے کتھن واش۔

انڈین لٹریچرُک اڈیٹر اوس یمن دوہن ڈی۔ ایس۔ راو۔ بڈٕ پوٚرمت

لیوٗ کھمٕت تہٕ نظر باز شخص اوس۔ سہٕ چھُ میگزین کِس ایڈِٹوریلس منٛز امہِ افسانٕچ وکھنے کران لیکھان:

"perhaps the most pertinent comment on the human condition comes from the kashmiri writer, Autar Krishan Rahbar, in the story "when the curtain rose" The creation of the universe left God exhausted and he wannted to laugh..................."

(اِنڈین لٹریچر مارچ۔اپریل ۱۹۹۱عیسوی۔)

یہِ افسانہٕ اوس کأشُرس شیرازس منٛز وارِیاہ بروٚنہہ چھاپ سپُد مُت۔ پتہٕ روٗد مختلف کِتابن تہٕ رِسالن منٛز برابر چھپان۔ یِمن منٛز نیشنل بُک ٹرسٹچ تہٕ ساہتیہ اکیڈمی ہنٛز انتھولوجی شأمل چھُ۔ یِم ہٕ ڈاکٹر محمد زمان آزردہ تہٕ ڈاکٹر شفیع شوقن ترتیب دِژٕمژٕ چھِ۔

یہِ افسانہٕ اوس کُمی تام بھان صأبن تہٕ انگریزی یس منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یہِ بھان صأب زانن نہٕ بہٕ از تام۔ اما پوٗز ترجمہٕ اوسُن بیجوٗر کوٚرمُت۔

*

بلراج پوری یس پتہٕ یژھہ بہٕ بێیس اَکِس بلراج ہنٛز کتھ کرٕنی۔ سہٕ گو موشور فلم اداکار بلراج ساہنی۔ سہٕ اوس پنجأبی زبأنی منٛز افسانہٕ تہِ لیکھان۔ تہٕ تس چھُ افسانہٕ لیکھنس پیٹھ ساہتیہ اکادمی ہُند ایوارڈ تہٕ میولمُت۔

پرٕبھات مکرجی ہنٛزِ ہیدایت کأری منٛز یِمن دٔری ین مہجوٗرس پیٹھ فِلم بنان آس، بلراج روٗد لگاتار کشیرِ چکر چکر لگاوان۔ اکہِ دوہہٕ آو سہٕ ریڈیو سٹیشن

تہٕ روٗد مےٚ ژھانڈان۔ کٲمہِ تانی دۄنُس زِ سہٕ آسہِ وُنی کینٛہہ کافی ہاوسہٕ۔ اِدہِ یہِ توٚتےٚ ووت۔ مےٚ چھُ وارِ یاد بلراجس اوس سفید نِکر لٲگِتھ۔ پٮ۪ٹھہٕ ٲسِس اکھ زٕردرنٛگٕچ ٹی شاٗرٹ۔ اۄتھ تامتھ اوس نہٕ تس مےٚ سٟتی کانٛہہ ذاتی توٲلق رودمُت نہٕ ٲسی ٲسی روبروٗ کُنہِ جایہِ سمکھےٚ مٟتۍ۔ بٔڑ لولہٕ سان وۄتھُس بہٕ تھوٚد تہٕ مِلنو اتھہٕ۔ دۄپُن بہٕ اوسُس ژےٚ نِشہِ ریڈیو سٹیشن آمُت تٔتی ننیوم ژٕ آسکھ یٮ۪تہِ تہٕ آس یوٗری۔ مےٚ منگہٕ ناٗو کافی تہٕ لٔگی دام دام دِنہِ تہٕ کتھ باتھ تہِ روٗدی کران۔

بلراج ساہنی ین اوس بوٗزمُت زِ مےٚ چھُ تٔمی سٕندِس اَکِس انگریزی مضمونس کاشُری پاٹھی ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یُس مہجورس مُتلق اوس۔ یہِ اوس مےٚ پٮ۪نٕنہِ دوست، صحافی تہٕ شاعر غلام نبی خیالن دیُتمُت ترجمہٕ خاطرٕ۔ یُس تٔمی پتہٕ وطن ناوِکِس پنٕنِس کاشرِس اخبارس منٛز چھوپمُت اوس۔ بلراج ساہنی ین وۄن مےٚ بہٕ اوسُس وارِیاہ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ سوچان بہٕ کرٕ چون درشُن۔ کوتاہ رُت تہٕ خوش یوٗن شخص اوس۔ سورگ ٲسۍ نس۔ مگر ستھ سمندرو اوس آب چیتھ آمُت۔ تٔمی اوس پنُن مضموٗن تہٕ میون ترجمہٕ برونٛہہ کنہِ رٔٹِتھ کٔس تام نِش اکہِ اکہ، جُملہٕ یہِ سر کوٚر مُت زِ ترجمس منٛز چھا تہِ سورُے تمی آیہِ آمُت یتھٕ پاٹھی تٔمی لیوٗکھمُت اوس۔ بٔڑ شاد اوس سپد یومُت۔ لمہِ مضموٗنٕچ کتھ کٔرتٔمی پانہٕ امہِ وِزِ۔ کتھ کتھ کران دیُت اسہِ وارِیاہن مالن پھیُریمن منٛز افسانہٕ، ڈراما بیترِ شامِل ٲسۍ۔ خبر تٔمی کیاہ سوٗنچ؟ تٔمی وۄن مےٚ پکھ بمبیہِ تتہِ چھِ وارِیاہ کام۔

مےٚ آواُسن۔ دۄنمس، ''بہٕ چھُس فلحال یتی پنٕنِس حالس پٮ۪ٹھہٕ خوش۔

بہ یوٚسہٕ کاٗم ییتہٕ ریڈیوٗہس منز کران چھُس بہٕ چھُس بڑ مُطمین۔''

دوٗ پنم ،''میون برادر چھُ بھیشم ساہنی۔ بڑٕ خوٗب چھُ لیکھان۔ ژٕ روزتس تہٕ پنہٕ نہٕ تخلیقات ترجمہٕ کٔرِتھ سوزان۔''

تہٕ أتھی ستی درایہٕ أسی کافی ہاوسہٕ منزٕ۔ تس اوس امی دوہہٕ بمبیہٕ گژھُن۔ ہفتہٕ جوراہ گیہٕ مےٚ وأٔژ بمبیہٕ پیٹھٕ بلراج ساہنی سٕنز چِٹھی یتھ منزٕ تمی یہٕ لیوٗکھمُت اوس زِ تٔمی کٔر بھیشم ساہنی یس ستی کتھ۔ ژٕ روزتس پٔنٕنی افسانہٕ سوزان۔

فِلم مہجوٗر رِلیز سپدنہٕ پتے کُہے کالہٕ سپد سہٕ اچانک سورگہ واس۔ مےٚ باسیوو بہٕ سپدُس أکس ہمدرد دوستس تہٕ فن کارس نِشہٕ ژھبنہٕ۔ کوتاہ رُت اِنسان اوس!

بھیشم ساہنی سمکھوٚ مےٚ پتہٕ وارِیاہ کالہٕ ساہتیہ اکادمی ہٕنزن میٹنگن منز روبرو۔ کأشرِ ناولسٹ غلام نبی گوہر تہٕ بہٕ أسی امہٕ وقتہٕ ساہتیہٕ اکادمی ہٕندی ممبر۔ بھیشم ساہنی اوس تِمن ممبرن منز شأمل یِم ہندی زبأنی ہٕنز نمایندگی کران أسی۔

یِمہٕ سوٚنبرنہٕ ہُند أخری افسانہٕ چھُ ''مُشر أوتھس جانانہٕ''۔ یہٕ چھُ نہٕ از تام چھاپ سپُد مُت۔ یہٕ پوٚر مےٚ کینژن ادبی محفلن منز۔ میانین دوستن کھوٚت سبٹھا ٹارِ۔ یِمن منز میأنی ہم سفر، قلم کار تہٕ ہیدایت کار پران کِشور تہٕ شأمل چھِہ۔ پران جی آو اکہٕ دوہہٕ بمبیہٕ پیٹھٕ دِلہٕ۔ یہٕ اوس سہٕ وخ ییلہٕ سہٕ ریڈیو کشمیر چہٕ مُلازمتہٕ نِشہٕ رِٹایر سپدِتھ بمبیہٕ انڈر ٹیلی سیریل لیکھنچہٕ کامہٕ ستی زبردست مصروٗف اوس تہٕ درُستِس مُلکس منز اوسُن ناو کوٚڈمُت۔ اسہٕ سپد وارِیاہہٕ کالہٕ

مُلاقات، تٔمۍ وۄن مے فلم ایکٹر داراسنگھ اوس اکھ فلِم بناوٕنۍ یژھان۔ یوسہٕ لُکن سبٹھاہ اَسہٕ ناوے۔ کہانی گٔژھہ لاجواب آسٕنۍ۔ تس آس "مُشر آوتھس جانانہٕ" ناوٕ کہٕ افسانٕچ تھیم بڑٕ پسند آمٕژ۔ اکھ تجربہٕ کار، ہیدایت کارتہٕ اوسن ژورمُت۔ پتہٕ کیاہ سپُد؟ تہٕ چھم نہٕ خبر۔

وُنہ چھُم یہ زِ افسانن منٛز ہے پٕنُن دم آسہٕ۔ یہٕ چھُ نازن ہندی خریدار پانے ژھانڈان۔ یٚیمہٕ سٟتۍ لِکھارۍ سو شادمانی موسوس کران چھُ یوسہٕ نہٕ سہُ ہتھ خزانہٕ لٕبتھ تہٕ حاصِل کران چھُ۔

✲

"زِروان" چھُ یٚیمہٕ سۆنبرنہٕ ہُند اکھ اہم افسانہٕ، یتھ منٛز توہیٚ اکھ خاص نوبر، تازٕگی تہٕ طنز ومزاحُک اکھ نۆو روحجان لبو۔

ریاست جموں وکشمیرکٕنن سرکردٕ ادیبن تہٕ شاعرن ہنٛز اکھ بڑٕ تہٕ شاندار کانفرنس سپٕز اکہِ وٕرۍ یہِ "کشمیری ڈوگری" سنگھمہٕ ذٕسۍ جیٚمہِ یتھ منٛز ہندی، اردو، پنجٲبۍ تہٕ گوجری بیترِ ادیب تہٕ شاعر تہٕ شامل سپدۍ۔ یہٕ روٗزٕ دوٕن ترٛین دوہن جارۍ۔ اکہِ خاص افسانہٕ محفلِہِ ہُند تہٕ اوس سرٛز کرنہٕ آمُت۔ تیٚمِچ صدارت اردو کہانی کارتہٕ فلِم قلم کار رامانند ساگرن کٔر۔ اِ

ساگرس سٟتۍ آسۍ ڈائیس پٕٹھ بیٚیہِ کینٛہہ زٕنۍ تشریف تھٲوِتھ یمن منٛز دینا ناتھ نادم تہٕ اکھ اوس۔

لمہِ محفلِہِ ہُند ذٕسلابہٕ سپُد میانی افسانہٕ سٟتۍ۔ یہٕ اوس یوہے افسانہٕ "زِروان" یتھ کُن مے گوڈے اِشارٕ کۆر۔

یہٕ گوس افسانہٕ پران۔ سأری رُوٚدی بڈٕ دلچسپی سان بوزان۔ تم رُوٚدی مٔژی مٔژی اسان تہٕ مُختلف واقاتن داد دِوان۔

افسانہٕ ختم سپدِتھ آو لدأخی ادیب تاشی رب گیاس ڈایس پیٹھ دوران تہٕ رُوٚد واریاہ کینٛہہ ونان۔ بڈٕ وولیومُت اوس۔ یہٕ گوس پوٗنٹل۔ سأری سپدی حأران۔ أمِس گو کیاہ؟ کوشُر اوس نہٕ زانان۔ تمی کیا اوس نِروان، گوتم، تہٕ حأضرینن ہُند اُسن وُچھِتھ اندازٕ لگووُمت؟

أخر اوٚن سہٕ رامانند ساگرن تہٕ نادم صأبن پانس نِش تہٕ ووٗنہٕ ہس ژٕ کیاہٕ زِ وولیوکھ؟ ژٕ چھکھ غلط مانہٕ کوٚڈُمُت۔ گوتم چھُ یِیمہِ افسانٕک کِردار سہٕ چھُ موجوٗدٕ ہندوستانٕک اکھ فرد؟ گوتم چھُ واریاہن شخصن ناوٕ تھاونہٕ یِوان۔ گوتمہٕ سُند موٗل چھُ سُدرشن (سودرشن) یُس کیٛرٕن مِلن ہُند مألِکھ چھُ۔

نِروان چھُ بِکھتی تہٕ مُکھتی ہُند تھوٚد پھل۔ مُکھتی رُوٚد اِنسان پتھ کالہٕ پیٹھ از تام ژھاران روٗدمُت۔ از ییٚک گوتم یابیٚیہ کانٛہہ شخص اگر یہٕ ژھانڈِ۔ یہٕ چھا غلط؟ مہاتما بُدھن وُچھی ژور تتھی واقات پننہٕ نوٗ أچھو۔ یِم وُچھِتھ تس واریاہ دوکھ سپُد۔ کوٚرُن موسوٗس زِ یہٕ سمسار چھُ دوکھن ہُند گرٕ۔

یِیمہِ افسانٕک گوتم تہٕ چھُ موجوٗدٕ زِندگی ہِندی بدلہٕ کینٛہہ واقات وُچھان تہٕ تس تہٕ چھُ یِوان احساس گنان زِ یہٕ دُنیاہ چھُ دوکھن ہُند ساگر۔ یہٕ چھا غلط؟

موجوٗدٕ افسانٕک مرکزی کِردار چھُ دوٗر أکِس جایہِ یتھ مُکھتی پراونہٕ باپتھ زیٛہ کرنہِ گژھان۔ مگر من چھُس نہٕ لگان۔ تس چھِ زنانہِ ہنٛز یاد ستاوان۔

سہٕ چھُ نہٕ پتّن من بٔھتی پتّھ مرکوٗز گرِتھ ہؠکان۔ أتھی منز چھُس تارِ وول توتے
واتان تہٕ آشنہٕ ہنز تار دِوان۔ یتھ منز یہِ لیکھتھ چھُ آسان ، ''ژٕ روز پتّن مِشن
پوٗرٕ کرنچہِ کوٗشِشہِ منز برابر زِپھ کران۔ میأنی بُری زِنہٕ کانٛہہ فِکر۔ یہِ چھُس بڑ خو
ش مےٚ کوٚر مِلہِ ہنٛدس مینیجرس ستی نیتھر۔''

یہِ واقٕہ چھُ بذات خود مہاتما بُدھ تہٕ تٔمِسٕنزِ آشنہٕ ہنز عظمت ظأہر کران۔
تہندِ بجر تہٕ تھزر باوان۔ تم چھِ مہان۔ گوتم ہیٚکن واریاہ أستھ مگر گوتم بُدھ چھُ اکھ
فقط اکھ۔ ژٕ ہے وولیوکھ تہٕ کیاہ زِ؟ افسانہٕ چھُ دون زنانن ہنز فرق ہاوان۔
رب گیاسؔ آو ہوشہِ تہٕ لوتی بیوٗٹھ پنہٕ نہٕ جایہِ۔ محفلہِ ہنز کاروأیی سپز
بٔییہِ شوٗروٗیہِ وأژبڑ خوش اسلوبی سان انٛد۔

نأدم صاأب تہٕ ساگر صاأب أسی افسانہٕ بوٗزِتھ بڑ محظوٗظ سپدی متی۔

ساگر صاأبن وٕنُن مےٚ، ''مُجھے نہیں معلوم کشمیری افسانہ اِس اونچائی پر
پہنچ گیا ہے۔'' تاشی رب گیاسؔ آو پتہٕ مےٚ نِش تہٕ ہیٚژن مأفی۔ سہٕ بنوٕ مےٚ پتہٕ
اژھنہٕ دوس۔

*

میون یُس افسانہٕ سارِوے بروٚنٛہہ ترجمہٕ سپُد، سہٕ اوس ''تچھن'' یُس
گوڈٕ نچہِ لٹہِ ''سون ادب'' ناوچہِ ریاستی کلچرل اکادمی ہنزِ کِتابہِ منز 1965ءٕ سنس
منز چھاپ سپُد مُت اوس۔ یہِ اوس مےٚ امہِ بروٚنٛہہ موٗلہِ تابہٕ لیوٗکھمت۔ اکہِ
دوہہٕ وأژ مےٚ موشوٗر ہندی میگزین سارِکا طرفہٕ چِٹھیا یتھ منز امہِ افسانُک ترجمہٕ

چھاپنچ گذارِش کرنہٕ آمژ اس۔ سارِکا اوس اتھ وقتس منز ہندی میگزینن منز سبٹھاہ مقبوٗل۔ امی میگزینن اوس اکھ شمارے یہ ڈیلے زِ تہٕ کأشرین افسانہٕ نِگارن ہندی بہترین افسانہٕ چھاپنہٕ خاطرٕ وقف کوٗرمت۔ جلدٕے وأژ امہِ شمارٕچ اکھ کاپی۔ ونوٕ کیاہ امہِ پتہٕ لُج نہٕ تار۔ أمی زن واہراوِ پکھ۔ یہِ افسانہٕ سپُد مختلف علاقأیی زبانن منز چھاپ۔ ہندی زبأنی منز اوس امیک ترجمہٕ کُمی تانی سُرجیتن کوٗرمُت۔ سُرجیتس اوس مختلف ہندوستأنی زبانن ہندی افسانہٕ ہندی زبأنی منز پھِرنُک زبردس شوق۔ بڈٕ کوہنہٕ مشق تہٕ مجھنتی اوس۔ تمی اوس ''تحفہٕ'' لفظس ''کسک'' ترجمہٕ کوٗرمت۔ یُس سبٹھا موزوٗن اوس۔ سُرجیت آو پتہٕ کینژٕ وٕری یو پتہٕ سرینگر تہٕ کوٗرُن مے ستی ملاقات۔

''تحفہٕ'' افسانُک بیاکھ ترجمہٕ کوٗر ڈاکٹر شبنم رینہ ہن یُس تمن شدوہن اُتر پردیشس منز کتہٕ تام ہرٕ فیسر اوس۔ اتھ اوس تمی ''تحفہ'' ناو تھوٗومُت۔ یتھ افسانہٕ کِس مرکزی خیالس ستی اژھینہٕ واتھ اوس۔ یہِ ترجمہٕ چھپیو و ہندی زبأنی ہندیٚن کتبن رِسالن تہٕ کتابن منز۔ اِد سأ۔ توہی وٕنی تو۔ نہٕ جان نہٕ پہچان۔ کتہٕ کُڈ أمی وُپھ تہٕ یہِ ووت مُلکہٕ چن مختلف زبانن اندر۔۔ یٚز بوزِ وٕ یوٚد افسانن منز دم آسہِ، جان تہٕ شان آسہِ یہِ چھُ نہٕ پتہٕ اتھِ یوان۔ 1979ء سنس منز وأژ مے تیلیگو میگزین ''وِپلا'' طرفہٕ چٹھی۔ یتھ منز یہِ چھاپنُک اِجازت منگنہٕ آمُت اوس۔ اڈیٹر چھُ لیکھان:

''وِپلا'' اچھُ اکھ نوٚو تیلیگو ماہانہٕ۔ امیک مقصد چھُ افسانن ہنز

کریم (cream of short stories) یوسہٕ دۆیمبن علاقائی زبانن منٛز وۆتلیمٕہ آسہِ تمہِ ستۍ تیلیگو زبانٕ ہُر بر کرُن تہٕ نۆو رنگ برن۔ اَسۍ چھِن چون افسانہٕ ''کسک'' ژاران۔ میانٕ یم افسانہٕ امہِ پتہٕ ترجمہٕ سپدی تہٕ یمو اکھ جان اہمیت تہٕ مرتبہٕ لۆب تم چھِ موٗل، دود دگ، ژروان، ژھاے، اکسانن ہُند شیشہِ خانہٕ، یێلہِ پرٕ وۆتھ، بند داٗر، رٕہتھ گمٕژ اَچھ زٕ بیترٕ۔

موٗل افسانس کۆر ہری کرشن کولن سبٹھاہ وۆلسنس پتھ ہندی زبانٕ منٛز اکھ لۆبہِ وُن ترجمہٕ۔ ژٕمی اوس دود دگ افسانس تہِ اکھ بہترین ترجمہٕ کۆرمُت۔ امکۍ کنٛہہ انہار وُچھِتھ اَسۍ تس پننہٕ نہِ لوکچارکۍ دوہ یاد پیوان۔ یێلہِ سہٕ یارٕ بلس پٹھ گرٕ ہتھ شرٲن تہٕ ژھانٹہٕ ژھانٹھ کران اوس۔

ڈی۔این۔ کولن کۆر موٗل افسانس انگریزی یس منٛز ترجمہٕ یُس سبٹھا نفیس اوس ژٕمی کۆر یہِ پننہٕ نہِ اَکس انتھولوجی منٛز چھاپ۔ اتھ اوس ناو ''کاشرِ ادبکۍ جواہر'' (Jems of kashmiri literature) کول صاب رٕوی بحثیت جرنلسٹ تا عمر انگریزی اخبار ہندوستان ٹایمزس ستۍ وابستہٕ۔ امہِ پتہٕ ووت یہِ افسانہٕ مختلف علاقائی زبانن تام یمن منٛز کرِ بہٕ ملیالم زبانٕ ہُند خاص ذکر۔ یہِ سپُد لتہِ ''ماترِ بھومی'' منٛز چھاپ یُس کیرلاہس منٛز اکھ نامور میگزین مانہٕ یوان چھُ۔ اتھ منٛز اَسۍ آمتۍ کردارن ہندی سکیچ تہِ شامل کرنہٕ یم تہٕ کی اَکی مصورن بناوی ٲمتۍ اَسۍ۔

غلام نبی رتن پوری اوس یمن دوہن مےٚ ستۍ ریڈیو کشمیرس منٛز کام

کران۔ سہٕ روٗد پٔتھٕ اکھ اردو اخبار تہٕ کڈان یتھ "الفتح" ناو اوس۔ سبٹھاہ ذہین چھُ، زبر اردو لیکھان تہٕ صحافتکۍ میزان بہتر پأٹھۍ زانان۔ اتھ افسانس مُتلق کوٗر تٔمۍ 28 فروری 1984ء کِس شُمارس منٛز اکھ تبصرہ چھاپ یتھ منٛز تٔمۍ کینٛہہ سوال کھڑا کری متۍ آسۍ۔ میون یہِ عزیز دوست چھُ از کل پارلیمنٹ ہمبر۔ تنہٕ وۄنتھ وۄنتھِ واریاہ آب ینہٕ مے یہِ افسانہٕ لیوٗکھ۔ وونۍ آسہٕ شاید رتن پوٗری صأبس سارِنٕے کتھن ہُند جواب میوٗلمُت۔ تہٕ تم خدشات آسنس دوٗر سپدۍمتۍ یم تٔمۍ سندِس ذہنس منٛز ووٚتمتۍ آسۍ۔ وُنی چھُم یہِ زِ رگہٕ گوٚھن تمن شخصن وندنہٕ یم پٔتھٕ ردِعمل ظأہر کرنس منٛز ژیر چھِنہٕ لاگان۔ یہِ عمل چھُ نہٕ صرف گُنہٕ تہٕ ادبک جان بلکہ تنقیدس ہُر بر تہٕ پوچھر دِنہٕ خأطرٕ سبٹھاہ ضروٗری تہٕ۔ تیٚچ اسہِ بارٕ وبٕژھنے چھِ۔

میانین افسانن ترجمہٕ کرنس منٛز یمو شخصو پأنی پانہٕ سبٹھا دلچسپی ہأوتم چھِ پروفیسر ٹی۔ این۔ رینہ، ڈی۔ این۔ کول، پروفیسر نیرجا مٹو، ارجن دیو مجبوٗر، ہری کرشن کول، چمن لال ہکو، موہن نراش، بدری ناتھ کلا بیترٕ۔ یمو منٛز سپدی کینٛہہ جانانہٕ اسہِ نِشہِ ژھنہٕ۔ ییمیک سارِنٕے پھیران چھُ۔ ہندی لیس منٛز یم ترجمہٕ کار کأشُر پھِرنچہِ کامہِ منٛز وونۍ سبٹھا بکار ہین تمن منٛز ہکن

پروفیسر رتن لال شانت، شانتی ویر کول، پروفیسر چمن لال سپرو، ڈاکٹر رفیق مسعودی، ابدال مہجور، کھیما کول بیترٕ سبٹھا مددگار ثابت سپدِتھ۔

چمن لال سپرو چھِ از کل ہندی میگزینس ستی وابستہٕ۔ یتھ "کشمیر

سندیش'' ناو چھُ۔ یہِ رہتہٕ واد میگزین چھُ کٔشیرِ ہنٛز سیاسی، سماجی، تہٕ ثقافتی رنگن ہنٛز تصویر پیش کرنہٕ خاطرٕ ہندی لیس منٛز کڈنہٕ آمُت۔ الغرض دوشوٕنی ہندی تہٕ انگریزیس منٛز یوٚت یوٚت کأشرین افسانن، ناولن تہٕ ڈراماہن ترجمہٕ سپدِ تیوٚت تیوٚت ہیکن کأشرِس ادبس منٛز یم اصناف پوچھر لبتھ۔ شأیری ہنٛز کتھ چھِ ہنا بدل۔

میانہِ گوڈنچہِ افسانہٕ سوٚمبرنہِ منٛز چھُ اکھ افسانہٕ ''ییٚلہِ آفتاب نوٚن دراو'' یتھ منٛز بڈین جأگیردارن ہُند سہٕ تشویش ظأہر کرنہٕ آمُت چھُ یُس ہونہد بن دِلن منٛز مہاراج شأہی ختم سپدنس تہٕ عوامی راجہِ چہٕ لہرن ہُندِ آو آوٕ ستی پأدٕ سپد یومُت اوس۔ تمِ چھِ عوأمی تحریکہِ ہندین کارکنن ہُند جوش، جنوٗن وُچھِتھ دزان۔ بڈٕ ژکھ تہٕ غُصہٕ چھکھ۔ افسانس منٛز چھُ ورگہٕ پأٹھی شیر کشمیر شیخ محمد عبدالہٰ ہنٛز حثیت اَکس باوقار عوأمی لیڈر ہنٛزِ شکلہِ منٛز تہِ نٔنی نیران۔ تیمی تمہِ وقتہٕ عوامس منٛز سونہری خأہشن ہنٛزٕ نوِ وومیزٕ گنہِ راوِمٕژ آسہٕ لیچھی

یتھے کأشرِ ادبچ تأریخ مےٚ زون اچھ اکھ کاپی شیر کشمیرس تام واتناوٕنی پٔتن فرض اولین۔ شیر کشمیر اَسی یمن دوہن اوٹی کوڈأیی کنال تامل ناڈوہس منٛز نظر بند۔ شیخ صأبن سوٗز مےٚ جیلہٕ پتٕھ اکھ خط یُس انگریزی یس منٛز اوس۔ امہِ دوہہ چھُ 8 ستمبر 1966ء اوسمُت ییٚلہِ یمو یہِ لیوٗکھمُت چھُ۔ عبارت چھِ سبٹھا موخصر۔ تہٕ تر چھُ یہِ زِ۔۔۔'' ژےٚ سوزٕ اَیتھ کِتاب مگر مےٚ میجہِ نہٕ یہِ ازتام۔ بہٕ سوزٕ ضوٗروٗر اتھ مُتلق پنٕنی راے اگر زانہہ کالہ یہِ مےٚ دِنہٕ آیہِ۔ یہِ کِتاب لیکھنہٕ

خاطرِ چھے میانہِ طرفہِ مُبارک"۔ (امہِ خطچ فوٹو کاپی چھِ شامل۔پانہِ پرٕ یوٚن۔)

ونوو کیاہ پتہٕ کم الہٕ گڈی تہٕ ملہٕ گڈی ڈھی۔سی۔آیی۔ڈی لگو مے پتہ۔ اکھ روٗدُم واریاہس کالس ہفتہٕ وأری گرٕ تہِ یوان۔تہٕ قسمہٕ قسمہٕ شیچھٕ پرژھان۔یمن منز باین، دوستن، رشتہٕ دارن ہنز پچھٕ خبرٕ تہِ شأمل آس۔یوٚت بوزِوسہٕ ووت بُڈی ببس تہٕ جدس تام تہِ۔اکہِ دوہہٕ پرُژھنم یہٕ تہٕ زِ ژٕ کیاز چھُکھ لیکھان؟ ونہٕ ہس کیا؟ بیٚیہِ دوہہٕ آم تہٕ ووٗنہٕ نم توہہِ ماپیٚیہِ گاندربلی صأبس نِش تہِ یِن۔تم چھِ بڈٕ ژھانڈان۔قأدِر گاندربلی سُند ناو بوٗزِتھے اُس تمن دوہن تِرٕ کنڈی پھٹان۔لرٕ کانبن اوس الہٕ الہٕ اژان۔مگر مے ووٗنُس بڈٕ جُرتہٕ سان اگر تمن تی منظوٗر آسہِ۔ تِہند فرمان واتہِ تہٕ بہٕ سپد ضوٗروٗر حأضر۔تمہِ نیہِ سارِنے کِتابن ہندی تفصیلات مے نِش۔دپیونم یہِ وتِم واشہِ رأوِتھ زِ یمن منز کیاہ چھُ اُگر لیکھِتھ؟مے ووٗنُس "امہِ خأطرِ پین توہہِ کِتابہٕ مُلی ہیٚنہِ تہٕ پانہٕ پرٕنہٕ۔"

بہٕ اوُسس یمن دوہن سرینگرٕ کس موشوٗر سکول برن ہالس منز ٹیچر۔ بیشتر ادیب تہٕ شأیر اُسی یمن دوہن لالہٕ شیٚخُن چاے چیٚنہِ گژھان۔یہٕ چھُ پولو گراونڈس نکھے اکھ ربستوران یتھ بیکری بناونچہِ کامہِ منز زبردست شوہرت حأصل اُس۔اُسی اُسی اُتی سمکھان۔چاے چوان۔تہٕ مُختلف مالن دل دِوان۔ سی۔آیی۔ڈی روٗدِ مُسلسل اور تہِ واتان تہٕ پننی رپٹ حأکمن حوالہٕ کران۔

امہِ پتہٕ لۆگُس بہٕ فروری 1967ء سنس منز ریڈیو کشمیر سرینگرس منز مُلأزم۔ الہِ پلہٕ ؤری یس ڈوڈس ؤری یس واٖژ نہٕ پُلسہٕ طرفہٕ کلیرنس(clearance) یوسہٕ کأنسہِ تہِ مرکزی سرکار کہِ مُلأزمہٕ بندِ خأطرٕ ضۆروٗری آسان چھِ۔

مےٚ ننوٚ یہ تہِ واریاہن کأنٛی زِ دِلہِ منز تہِ اُس اتھ کِتابہِ مُتلق واریاہ تگہٕ دو شۆروٗ گمُژ۔ ظأہر چھُ یہ کِتاب کُس پرِ ہے تتہِ؟ امہِ خأطرٕ گۆژھ کأنٛہہ کأشرُ ے آسُن۔ کُمی تام شخصن دِژ یہ کِتاب دوارکا ناتھ گاسی یس۔ دۆپنس مےٚ دِتہٕ اتھ مُتلق اکھ جان نوٹ تیار کرِتھ۔ امیک چھُ سبٹھاہ ضۆروٗرتھ۔ تُمۍ کۆر اکھ تنقیدی نوٹ تیار تہٕ کۆرُن تس حوالہٕ۔ یہِ سورُے ننوٚ مےٚ شیخ صأبس کِتاب سوزنہٕ کہِ واقہٕ پتہٕ پنداہہِ وُہہِ وٕہری ییٚلہِ مےٚ گأسی صأبس ستۍ زبر جان پہچان سپدمٕژ اُس۔

دۆیم شخصیت یمیٚ سنٛز بہٕ شیخ صأبس پتہٕ ذِکر خأریژھ کرُن تم چھِ پریم ناتھ بزاز۔ کشیرِ ہندی موتبر جرنلسٹ ، دأنشور تہٕ سیاست دان۔۔1947 برونٛہہ اُسی تم کشیرِ منز پنُن اردو اخبار ہمدرد کڈان یُس عوام بڈٕ دلچسپی سان پران اوس۔ بزاز صأبن لیچھِ کشیرِ مُتلق کینٛہہ کِتابہِ انگریزی زبأنۍ منز یمن اندر ''کشیرِ ہنٛز جدو جہد آزأدی'' (struggle of freedom in kashmir) ''کشیرِ اندر'' (Inside kashmir) ''وتبستایہِ ہنٛزٕ کورِ (daughters of vitasta) تہٕ کشیر اِن کروسُل قأبل ذِکر چھِ۔

بزاز صابٔنس اوس کأشر آسنس پٔٹھ فخر۔ کأشر زبان، کأشُر ادب تہٕ کأشرِ ہنٛز تمدنی وراثت۔ اتھ پٔٹھ اوُسس ناز۔ کأشرِس شأیر تہٕ محقق عبدالاحد آزادس یوسہٕ رہنمایی بزاز صابن کٔر سو چھےٚ تھکنٛز لایق۔

بزاز صاب سپدی 1947ء پتہٕ کٔشیرِ منٛز تمہٕ وقتہٕ نمودار ییلہٕ ییٚتہٕ جنتا پارٹی قایم سپٕز تہٕ امہٕ جمأژ الیکشن لوٚڑ۔ یتھ سٟتی میر واعظ مولانا محمد فاروق، خواجہ محی الدین قرہٕ، شمیم احمد شمیمؔ، مولانا مُصطفےٰ انصاری ہوی شخص بڑ سرگرم روٗدی۔ بزاز صأب روٗدی یمن دوہن کٔشیرِ یوان گژھان۔ تہٕ مےٚ آو اکہٕ دوہہٕ یمن سمکھنُک موقہٕ۔ مےٚ کٔر تمن پننٛز کتاب پیش۔ شانہٕ وو گنے یکھ۔ کتابہٕ روٗدی ورق پھران تہٕ کتھ کران۔ تموسوٗزمےٚ وزیر ہاوس کرن نگر سرینگرٕ پٔٹھٕ 25، اکتوٗبر 1966ء اکھ خط۔ یتھ منٛز تمو پنہٕ نٕبن خیالن ہُند اظہار اوس کوٚرمُت۔

آینہٕ ناوٕ کِس مقبول اردو اخبارس منٛز تہٕ کٔر تمو پنہٕ نٕبن مولہٕ لٕبن خیالن ہنٛز باوتھ۔اخبار ''آینہ'' اُسی شمیم احمد شمیمؔ کڈان۔ تمو چھوپ یہ مضموٗن'' بزاز بنام رہبر'' عنوانس تحت۔

(بزاز صابنہٕ چِٹھہٕ ہنٛز فوٹوسٹیٹ کاپی چھہٕ درج۔ پانہٕ پٔرو)

شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہؔ تہٕ پریم ناتھ بزازس روٗدی پنہٕ نہٕ سیأسی زندگی منٛز واریاہ اِختلاف مگر یوسہٕ کتھ تمن منٛز مشترک اُس، سو اُس یہ زِ دوشوٕنی اوس کٔشیرِ ہُند بے حد وسہٕ۔ تم اُسی کٔشیرِ منٛز خوش حالی تہٕ بے حد ترقی وُچھنٛز یژھان۔۔ ہتہٕ بدبن ؤری ین ہنٛزِ غولأمی پتہٕ ریاستس منٛز تِتھس نِظامس وجوٗد

بخشُن یژھان یُس کأشرِ بن نوبن یادگار منزِ لن تام واتہٕ ناوِ ہے۔

پٔنژ افسانہٕ دُر نایاب ذأنتھ چھُس بہٕ یہِ کِتاب بڑ لولہٕ تہٕ فخرٕ سان یِمن دون شخصیژن ارپن کران۔

یِمہٕ کتابہِ ہُند سرورق یِمہٕ ژُکہِ تہِ حُبہٕ سان مصور نسرین جی بنووتمہِ خاطرٕ چھُس بہٕ تُہند بڑ احسان مند۔ سیتی روشن لال بھٹ روشنؔ سُند یُس کمپیوٹرس پیٹھ نستعلیق، دیوناگری تہٕ رومن سکرپٹس منز کأشر لیکھنس اندر سبٹھاہ تجربہٕ حأصل چھُ اوز زوتہٕ آے أسی نس۔

اوتار کرشن رہبرؔ
شتابدی وِہار سکٹر۔52، فلیٹ نمبر B2
پلاٹ نمبر E5 نوئیڈا (یو۔پی)۔201301
فون نمبر 09015766866

15۔دسمبر 2013. عیسوی

شیخ محمد عبداللہ تہٕ پریم ناتھ بزازنی خط (فوٹوسٹیٹ کاپی)

In the name of God, Most Gracious, Most Merciful.

C/o Collector,
Madurai.

Dated: 8th ~~August~~ Sept., 1966.

My dear Pandit Saheb,

May peace and blessings of God be upon you! I am in receipt of your letter dated 8th August for which kindly accept my thanks. I regret to say that the Registered packet containing a copy of " History of Kashmiri literature Vol. I." has not yet been delivered to me.

I shall send you my comments if and when I receive the book. Meanwhile please accept my congratulations on achieving the fruits of your five years hard labour. I am keenly looking forward to go through the book and hope the authorities will pass it on to me.

I hope you are doing well.

With regards,

Yours sincerely,

[signature]

To

Pandit Avtarkrishen,
"Rahbar"
Narpirastan,Post Office,
Fatehkadal,
Srinagar, Kashmir.



Wazir House,
Karan Nagar, Srinagar.
25th October, 1966

Dear Shri Rahbar,

I have to apologise for being late in writin to youn about the first part of your book " History of Kashmi Literature " which you kindly presented to me some months ago I could find time only last week to go through it. And what a pleasure it gave me!

I read every chapter of the book with absorbing interest and have been deeply impressed by the research work you have put in to prepare this valuable volume in Kashmiri language on the origin and growth of our mother tongue. It ha not only added to my knowledge but also induced me to revise views about certain aspects of the controversy which has been going on in the literary circles in our country.

It is not necessary that I should agree with all your findings; at places I have my doubts and differences with what you say. But, on the whole, I have liked your critic approach to the subject and felt very happy to have read the book. It is, indeed, a great contribution to the contemproray Kashmiri literature and you deserve congratulations and praise for your labour of love and devotion.

You are, in my opinion, one of these very f few Kashmiri youngmen who have the requisite intelligence for research and capacity for strenuous work. The country needs-you and I trust you will fulfil the hopes raised by your this literary production.

I shall certainly wait with eager ~~unpunted~~ expectation to receive the second part of the book.

Yours Sincerely,
Prem Nath Bazaz
Prem Nath Bazaz

Shri Autar Krishan Rahbar,
Narparistan,
Fateh Kadal, Srinagar,
Kashmir.

افسانہٕ

# یٔیلہِ پرٕد ووٗتھ

ہال اوس بڑتھ۔

پوٗرٕ دُنیاہچ کریم اُس اتہِ جمع۔

سأری اُسی بےٚ تأبی سان پزاران زِ کر ووتھِ پرٕد تھوٚد۔ کیازِ یہِ کینژھا اتہِ سپدن وول اوس، نہ اوس تہِ زانٔہہ سپُد مُت نہ سپدِ ہے تہِ زانٔہہ۔ سارِنے اوس امہِ کتھِ ہُند پوٗرٕ یقین۔

عالمس منٛز چھےٚ کالہِ تہٕ کاجہِ بجہِ بجہِ کانفرنسہٕ سپدان۔ بڈٕ بڈٕ سیمنار سپدان۔ دلچسپ شوٚ بامل یِوان۔ مگر یہِ اوس سسبٹھا گریٹ شوٚ، مُنفرد۔ بےٚ جورٕ تہٕ لوٗبہٕ وٗن۔

سأری اُسی پزاران زِ یُس سوال بوزٕ شوزٕ خأطرٕ تراونہٕ آمُت چھُ، تمیُک جواب آسیا تہِ کانٔہہ رِکنہٕ نہَ۔ اگر آسہِ تہٕ کیاہ؟ سوال اوس تہِ زِ دُنیاہس منٛز یم شاہکار وٗنیک تام مُختلف صورتن منٛز قودرتی یا اِنسأنی اَتھو بامل آیہِ تمن منٛز کُس اکھ چھُ سارِوے کھوتہٕ عظیم۔ نمبر اکھ فنیچ تھزٕ تہٕ عألی شان

تہٕ ہاوان تہٕ باوان۔ تہٕ یوٚ دوے یُتھ کانٛہہ شاہکار چھُ یہِ بناونس منٛز کُمی جذ
بن یا محرکاتو آسہِ تخلیق کارس ژ کہِ زیر دِژمِژ؟

درُستہِ دُنیاہکی ساس عظیم شاعِر، مُصوِر، سائینس دان، مزاح نگار،
نقاد، ماہرِ جمالیات، فلصفی، بیوٹیشن، ادیب، مُجسمہٕ ساز، دانشور تہٕ مُفکِر
چھہِ ہالس منٛز ژِستھ آمتی۔ عقلہٕ تہٕ گاٹہٕ جارٕچ ساٹرے عِطر اَس اتہِ موجوٗد۔
سارے نظرٕ آسہِ اتھ ہالس کُن لگِتھ۔ تِکیازِ ساٹرے کاروائی اَس
دُنیاہ کیو مُختلف ٹیلی وِجن سٹیشنو پیٹھہٕ سیدٕ سیوٚد ٹیلی کاسٹ سپدان۔

پردِ گوتھوٚ دووتھان۔

زورٕ زورٕ گوژرِ پوٚپ۔

یوٚت یوٚت سٹیجس گاشہِ زوٚل سپدان گو، امیک اکھ اکھ آکار تہٕ انہار
گوٚ ٹاکارٕ پاٹھی نوٚن نیران۔

سٹیج اوس مہرینہِ ہندی پاٹھی پاٹرِتھ تہٕ سجاٚوِتھ۔ لانہِ آسہِ سونہاٹرٕ رنگہٕ
ستھ کُرسی یہِ۔ یمن بروٚنٛہہ کنہِ روپہٕ ہندی ستھ لوکٕٹی میز یمن نقش و نگار کرِتھ
آسی، پرِتھ میزس پیٹھ آسی زہر موہرِ کی گُل دان تہٕ یمن منٛز سوندر رنٛگا برٕنگی پوش
مُشکہٕ امبر ژھٹان آسی۔ پوٗرٕ ہال اوس مُعطر۔ کُرسین پتہٕ کنہِ اوس اکھ سُپر
کمپیوٹر۔ یمیک بروٚنٛہِم پاس بڈٕ دِلآویز طریقس منٛز سجاونہٕ آمت اوس۔

دُنی یاہکین بہترین انونسرن ہندی تفصیلات تہٕ اعداد شُمار آسی

اُمِس سُپر کمپیوٹرس فیڈ کرنہٕ آمِتۍ تہٕ تِمۍ اُس یہِ پیٹھ کنہٕ تھاوِمژ۔

ڈیکہٕ بجہِ کوٚرتنہٕ۔ سفید شین دنٛدٕ برن گیہِ یلہٕ۔ دِل ہانیین مُہتھ۔ تمہِ مژٕ ریشہِ دہانہٕ۔

اسہِ چھےٚ شادمأنی زِ سأنس سالس پیٹھ آو پوٚرِ عالمُک گاٹہٕ جار یتھ ہالس منز ژٕستھ۔ کأم ہنا سُہل بناونہٕ خأطرِ آیہِ توہہِ سارِنے گاٹلَن ہندی تفسیلات سُپر کمپیوٹرس حوالہٕ کرنہٕ۔ یہِ زن توہہِ برۄنٛہے پے چھُ۔ کمپیوٹر صأبن چھِ ستھ زٕنۍ ونہِ کڈۍ مِتۍ، یِمے بَن اصل مُقابلس منز ژھیہٕ۔ أسۍ چھِ توہہِ سارِنے ہندی شُکر گُذار زِ توہہِ اوٚنِو یور تشریف زِ تُہنٛز موجوٗدگی منز ییہِ یہِ دِلچسپ ماملہٕ أنزراونہٕ۔ توہۍ گرِو مُشاہِد زِ کانہہٕ گژھ بڑ ماسپد تہٕ سوٗرے ییا جان پأٹھۍ انجام کِنہٕ نہٕ ......... روٗدسوال یم ستھ عظیم گاٹلۍ کم چھِ؟ یم چھِ سائنس دان، شأعِر، مُصور، مزاح نگار، فلسفی، نقاد تہٕ بیوٹیشن یُہند دیدار سپدِ وُنۍ۔ ہنا چھےٚ قرار کرِنٛچ ضوٚرٕروٗرتھ۔ سوٗرے سپدِ بوٗ ..... زورٕ زورٕ گوژرِ پوٚپ۔

تمہِ دبوو اسان اسان کمپیوٹرک بیاکھ بٹن۔ اُچھ منزٕ درایہِ گاشہِ فموار۔ یم گیہِ ہالس منز مُختلف جاین پہوان تہٕ یمہٕ ستھ باگہِ وان درایہِ ژٕنۍ۔ سوٗنٛچ ونہٕ نہٕ۔

"أسۍ چھِ یمن بختاوارن تہٕ معزز ہستۍ ین گزأرِش کران زِ تم انن سٹیجس پیٹھ تشریف تہٕ یمن ژھربن گرٕسین ہُند بنن اوبروے"۔ پانٛژھ أسۍ مرد

تہٕ زٕ زنانہٕ۔ یِم گٔیہِ ووتھان۔ سو گٔیہِ خوش یِوَنہٕ ہونجہِ پٔہنز مُکمل زان کران۔

ژرِ پچ تال گٔیہِ آکاشس تام کھسان تہٕ گر ہزان۔

پُزٕی پأٹھی أسی یِم لا جواب تہٕ بےٚ جورٕ۔ پننہٕ نِس پننہٕ نِس شوبس منز با کمال۔ یِہندی کارنامہٕ أسی لا زوال۔ سأری أسی پننہٕ نہٕ پننہٕ نہٕ جایہِ کمپیوٹرس داد دِوان زِ کُلِ عالمک گاٹہٕ جار کتھہٕ پأٹھی اوٗن أمی چُمٹہٕ ستی ژأرِتھ نبر کڈِتھ۔

امہِ پتہٕ لٔج سو بیٚیہ موختہٕ ہرنہٕ۔

یہِ چھِ سأری زانان زِ سوالس چھِ زٕ حِصہٕ۔ لیأہزا سپدن زٕ روٗند۔ گوڈٕ نِکس روٗندس منز یِیہِ گوڈٕ نیٚک حِصہٕ أنزرنہٕ۔ تہٕ دوٗیمس منز دوٗیم۔ زبأنی ہُند چھُ نہٕ کانہہ قأد۔ روٗدسوال کُمی سُند جواب کوتاہ برمحل تہٕ وزن دار چھُ تمیُک فأصلہٕ کرِ پانہٕ یہِ کمپیوٹر۔ یِیمہِ کِس نتیٖجس تہٕ گاٹہٕ جارس پٮ۪ٹھ شایدے کانہہ شک آسہِ۔ یوٗت یوٗت کأنسہِ ہُند جواب باوزن ثأبت سپدان گژھِ تیوٗت تیوٗت گژھِ ہرٛن پھیران تہٕ اکہِ پٮ۪ٹھ نوس گُن لمان۔ یِیلہِ یہِ ہرٛن صِفرس یا شُنیس پٮ۪ٹھ واتہِ زانُن گژھِ یہِ جواب چھُ شبہٕ۔ تہٕ یوٚدوے یہِ ہرٛن اڑِ وتی لگِتھ گژھِ، زانُن گژھِ جوابس منز چھِ کُمی، یہِ چھُ نہٕ موقوٗل تہٕ قأبل قبوٗل۔ امہِ پتہٕ گرتمہِ ژھوپہٕ۔ تزبذُب گو بڈان۔ اِدِ تم ہالس منز بہتھ أسی یا ہالہٕ نبر مُختلف جاین ٹیلی وجنہٕ پٮ۪ٹھ یہِ سورُے وُچھان

اٙسی۔"

"اِد سوآیہ ڈال دِتھ"۔ اکھ کتھ گیم مٕشتھ وٕنٛز ۔ اسہِ چھِ یمن ستہٕ وِنی زٕنٛبن ہندی بنک اکاونٹ نمبر کمپیوٹرس فراہم کٔری مٕتی ۔ یمہٕ سُند جواب صحی آسہِ تٔمی ہندِس کھاتس منٛز سپد پأنٛژ پانٛنے لٔہزن منٛز اکھ کرور ڈالر ینامک رقم جمع۔"

ژرِ پوٚپ شولیوو ییٚہِ اکہِ لٹہِ۔دِلچسپی وأژ ٹیس پیٹھ ۔ سأری اٙسی پرٲران زِ کر سپدِ ووٚنی گوڈٕنیک روٚنٛد شوٚروٗ۔ اٙتھی منٛز درایہِ گاشہِ چھکہِ اٙچھ منٛزٕ۔ یِم گٔیہ تٔمن ستہٕ وِنی زٕنٛبن پیٹھ پیوان ، یِم سونہأری کُرسین ہنٛز رونق تہٕ شوٚب ہٕنٛتھ اٙسی۔ یہِ گاش اوس نہٕ ترتیب وار اکِی انٛدٕ پیٹھِ دوٚیمس انٛدس تام پیوان ، بٔلکہِ بےٚ حِسابہِ تہٕ بےٚ ترتیبی منٛز اورٕ یور۔ آخر ییٚلہِ یہِ اٙکی ہِے زٕنٛس پیٹھ مرکوٗز سپُد ،تس لٔج ژھنہٕ ون زِ سہٕ ووتھِ تہٕ ہٕرراوِ پٔنٛن ووٚنٛدٕ سہٕ آو مایکروفونس نکھہِ تہٕ لوٚگ پٔنٛن سوچ باونہِ۔ سہٕ اوس بدلے زبان بولان۔ وار یاہن توٚرنہٕ فِکر، زِ سہٕ کیا چھُ ونان۔ اما پوٚز ہِندسہٕ اٙسی گاشہِ بُڈکہٕ ستی نٲپان تہٕ ہرژنہِ ہُنٛد دُوٗن تہٕ دوٗرُن اوس ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد باس دِوان زِ سہٕ کٔتس آبس منٛز چھُ؟ سأری گٔیہ اکِہ اکِہ مایکرو فونس نکھہِ یِوان تہٕ پٔنٛن ووٚنٛدٕ ژاٹژھ باوان۔ ہرژن گٔیہ برابر نژان۔ سارِوے کھوٚتہ تمہِ وِزِ تژاس ییٚلہِ پژتھ کأنٛسہِ ہِندی خیالات بوٗزِتھ ہرژن دوان تہٕ دوران صِفرس پیٹھ وأژ۔سارِنے ہُنیہِ بو کہِ۔تس لڑٕکی زیادے پہن ۔سو آیہِ وو لسنس ،تمہِ وُژن

سبٹھاہ خوش تہٕ مسرورٕ سپد تھ۔

''یمن بختہٕ بڈٕ ین منٛز چھُ نہٕ کانٛہہ نچہٕ ماجہٕ ہُند۔ ٹکر چھٕ برابرٕ چ۔ گوڈٕ نِکس روئدس منٛز روٗدٕ سأری سرس۔ سارِنٕے ہُند جواب چھُ کُنٛے تہٕ اکُے۔ حالانکہِ زبانہٕ آسہٕ مُختلِف تہٕ انداز بیان وکھرِ۔ ووٚنی گو.... ووٚنی گو...... توٚہی أسوِ سونچان زِ یمو کیاہ وٚن۔ أخر یہُند جواب کیاہ اوس ؟..... سہٕ برونٛٹھ کُن اُنن چھُ ضوٚروٗری۔ یتھ نہٕ کانٛہہ گرٛاو روزِ۔''

تمہِ دٔبووامہِ پتہٕ کمپیوٹرُک اکھ ووزُل بٹُن۔ اتہِ دراو اکھ کارڈ۔ تٔمی پرٛاتھ پٹھ لیکھنہٕ آمٕژ عبارت تہٕ اُچ پانہٕ سے ستی شاد سپدِ تھ اسنہِ۔ پتہٕ مُژرِن وُٹھ زٕ یمے گولاب وٚتھر ہوی۔

''یمو وٚن یہِ زِ ....یہِ زِ...... سارِوے کھوتہٕ عظیم شاہ کار چھُ اکُے ....... فقط اکھ.....سُہ ....سہٕ چھُس یہٕ.... آ..... آ.....یہ..... یہٕ .....نہٕ.....سہٕ چھِوٚ توٚہی ..... آ..... آ.... توٚہی (تمہِ کوٚر پتہٕ پوٚرٕ ہالس منٛز بہتھ شخصن تہٕ گاٹلبن کُن اِشارٕ) توٚہی ..... آ....... آ....... سارِوے کھوتہٕ عظیم شاہ کار چھِ أسی ..... آ.....أسی سأری..... زنانہٕ تہٕ مرد.....سہٕ چھُ ، اِنسان۔ نہ ووت اتھ بیٚیہٕ کانٛہہ شاہ کار، نہ واتہِ کانٛہہ۔ یہے چھِ دُنیچ عظیم تخلیق.....''

ہالس اندر تہٕ ہالہٕ نیبر ووتلیو آنٛکارس منٛز سہٕ ردِعمل یُس نہٕ زٕ نہے

وُچھنہٕ آمُت اوس۔ ساری سپدِ جواب بوٗزِتھ ترٕ پھ تہٕ مسروٗر، تم لگِ تھوٚد تھوٚد وٕتھِتھ یِہِندِس گاٹہٕ جارس داد دِنہٕ۔

دِلچسپی گیہِ برابر بڑان ۔ یہِ وأژ ووٚنی أنتھس پیٹھ ۔ پرٕتھ کانسہِ گو یہِ ڈٕلِ زِ تہِ سورٕے مُشِتھ۔ صِرف أس یہے کل زیادٕ زیادٕ گنان زِ دوٚیم روٚنڈ کرِ گرٕتھِ شوٚروٗ تہٕ انجام کیاہ آسہِ؟ یہِ تہِ آسیا یوٗتےٚ ماری نوٚند تہٕ لوٗبہٕ وُب کِنہٕ نہٕ......

یوٗت کال ژایہِ ہالس منٛز داہ پنداہ نفر کاغذ انبار ہیتھ ۔ یِم أسی ٹیلی پرِنٹر، وایَرلیس، تہٕ ٹیلی فون پأغام۔ دُنیاہکو مُختلف جایو تہٕ مُلکو پیٹھٕ شوقہٕ والیو سوٗزِ مُتی ۔ یِم گری تمہِ کمپیوٗٹرس فیڈ، پتہٕ دبوٗن سُے ووزُل بٹن دُبارٕ۔ اوٚرٕ دراو بیاکھ کارڑ۔ یتھ پیٹھ یُہُند ترلیکھِتھ اوس۔ سو گیہِ عبارت پران تہٕ پأنی پانہٕ ہیے یتی اسان تمہِ ووٚن:۔

''وُنی کیٚس چھے پوٗرٕ دُنیاہس منٛز خوٚشی ہنٛز لہر پھألیمٕژ۔ بےٚ شُمار لُکو چھُ وٕژھِ وأنِجہِ تتھ کارواے داد دیُت مُت یوسہِ وُنیک تامتھ بامل آیہِ۔ وارِیاہو چھے اسہِ سمکھنٕچ یژھا تہِ ظاہر کرٕمٕژ۔ یوٗتےٚ نہٕ ئلی کِہ اسہِ یتی کھانٛدر کرنٕچ خاہِش تہِ......

ٹھاہ ٹھاہ کران ووتلیو ہالٕ منٛزٕ اُسن تہٕ تمہِ تھوٚو کلامہٕ جأری۔'' یہٕ کرٕ یِمن بےٚ شُمار عاشقن عرٕض زِ تم کرن پانہٕ فأصلہٕ زِ یہٕ کأژہن یتی ہیکہٕ

کھاندر رٚکرِتھ۔ جان گو زِ تِم تراون مےٚ پنٕہٕ ژٕنس حالس پٔتھ۔ وُنہِ چھُ دوٚیِم روٚنڈ باقے۔ یُس سبٹھاہ اہم تہٕ پیچیدٕ چھُ۔ جان گوٚ اَسی انوٚ بنگہٕ زٕرکرنہٕ روٚس یہٕ روٚنڈٕ ے بامل۔''......

زوٚرٕ زورٕ گوٚ ژٕ ریوٚپ۔

گاشہِ فمواردرایہِ اَچھِ منٛزٕ تہٕ گیہِ یمن کُرسین زوٚل کران۔ پتہٕ سپُد گاش خالِص اَکِس جایہِ مرکوٗز، ییٚس پٔٹھ تہِ گاش پیوٚ۔ یہِ اوٚس اکھ عظیم سائنس دان۔ یہِ وۄتھ تھوٚدتہٕ لوٚگ مایکروفون رٔٹتھ باوتھ کرنہِ۔ خبر کوٚسہٕ زبان اوٚس بولان یہِ تہٕ ہرٚش ن گیہِ پھیران۔ باسان اوٚس صاحب کمال اوٚس موٚختہٕ انبار چھکان۔ مگر ہرٚش ن گیہِ اَٹھن پٔٹھ وٲتِتھ یہاے روٚٹہٕ ہش، اکھ رٕژھ تہِ پٕچ نہٕ۔ تِمی تروو وۄش۔ بازہ اَرِتھ بیوٚٹھ سہٕ پنٕہٕ نہِ جایہِ تِس زٲری ہندی پاٹھی۔ تیمی سوُرے ہورُمت آسان چھُ۔

امہِ پتہٕ پیوٚ گاشہِ فموار بیٚیس ژٕنس پٔٹھ یُس سبے منٛزٕس اوٚس۔ سہٕ وۄتھ تھوٚد تہٕ کوٚرُن بولُن شوٚروٗ۔ سارِے تال اَس اَمِس گجٕرٕ بتھس آسس گوٚژٕ ہشہِ گامژٕ۔ یہِ اوٚس فلسفی۔ سہٕ گو اتھہِ گلوان تہٕ کلہٕ نژٕناوان واریاہ کنہہٕ ونان۔ باسان اوٚس سیر ہا چھُ گاشہِ راوان۔ ہرٚش ن گیہِ پھیران۔ اکھ.....زٕ......ترٕے.....ژور.....پانٛژھ.....شےٚ.....ستھ.....اَٹھ.....نو..... تہٕ امہِ پتہٕ گیہِ رٕہتھ ......سہٕ گو کیاہتام بیٚیہِ ونان۔ مگر ہرٚشنہِ ویوٚپُس تہٕ

شرٛوٗ پُس نہٕ امہِ پتہٕ کنٛہی۔ تمہِ تہِ ترووونوٗ نہٕ پٔتھ ڈاپھ ........

امہِ پتہٕ لیس پٔتھ گاشہِ فمِوار پیٚیہِ۔ یہِ اُس بیوٹیشن۔ اکھ زنانہٕ۔ وُہرِ شیٹھِ پانٛژٕ ہاٹھِ اُستھ تہِ اُس ژُراہ وُرِش کور ہِن باسان۔ خوبصورتی مُتلق فن اوسُن چیتھ نیوٗمُت۔ سو اُجِ سٹھا خوش یوٗ نہٕ اند اٗز بولنہٕ۔ ہرٛژن گیہِ یوٗ ہے رٔقص ہیُو کران اکھ اکھ ہندسہٕ پتھ گُن تراوان۔ مگر اُٹھن تہٕ نون درمیان وُاتی تھے گیس لِگر۔ دٔنی تہِ پٔچ نہٕ بروٗنہہ۔ بڈٕ مویٔس سپد تھ بیٹھ سو کُرسی پٔتھ واپس۔

تتھے پٔاٹھی گوٗ اَکس اَکس پٔتھ گاش پیوان تہٕ تم ووتھان تہٕ پُنُن ووٚندٕ باوان۔ مگر ہرٛژنہِ ہیوٚت نہٕ نوِ اپور ڈلنگ ناوتہِ۔ شُنٛی اوس پُنُن گول آرِ وُہرِ تھ یوٗ ہے اَسان ہیُو۔ ژھوپہِ ہنٛزِ ژادرِ ووٚل سأری ہے نال۔ سأری اُسی دم پھٹٕی گرٛشِ ہتھ اُچھ وٹھری وٹھری وُچھان۔ ووٚنی اوس اکھ زوٗن باقے۔ سارِوٕے ترٛاو براٗنتھ۔ سوٗنچھ ییٚتہِ کم کم بلہٕ ویرِ پیٚیہِ یہِ وُگرِ ٹیر کیاہ کرِ؟ یہِ اوس اکھ کارٹوٗن ہیُو اِنسان۔ چارلی چپلِن زن دُبارٕ زِنمس آمُت اوس۔ ترٛژھے گوٗنٛژھِ۔ تیٚتھُے اند اٗز۔ یہِ اوس مزاح نگار۔ لٔڑکی یوٗسہٕ اٗتھ تامتھ واریاہ تاو رٔٹتھ اُس سو تہِ اُس ووٚنی یہٕاے وُٹھے ہی پھیشان۔ مگر روند اوس پوٗرٕ کرُن۔ یہِ تہِ آو سُے آداب بامل اُنتھ باوتھ کرِنہٕ باپتھ تُلنہٕ۔

سہٕ گو بولان۔ ہرٛژن گیہِ وارِ وارِ پھیران۔ یہِ وُاژستن تام۔ امہِ پتہٕ دیُت تمہِ تھکھ۔ ہرٛژن گیہِ روٗزِتھ۔ سارِوٕے ژٔٹ کتھ۔ امہِ پتہِ لوٚگ

سہٕ ترِیش ژھارنہٕ ۔امہِ لڑکی پھیُر جگہٕ منز آبہٕ گلاسہٕ تہٕ کوٗرنس پھُٹُے ہتھو کوٹھو پیش۔ تمیٚ چوٚ یہٕ گٹھ گٹھ کران پتہٕ ووتھرُن آس۔ تمیٚ مژ ربیٚہٕ دہانہٕ۔

ہرٕن گیہِ اَتی رژھارژھا پکان ۔ یہِ وأژ کشان کشان نوٗن تام۔

اتھن گیس یہائے تیھ ہش۔ سأری آسی حأران زِ یہِ تہِ ووتا اوٗتن ۔ امہِ پتہٕ ییلہِ سہٕ پٔنُن تقریر وٹنہِ لوٚگ ، ہرٕنہِ تہِ تُجُ گنی ووٚٹھ تہٕ وأژ صفرس پیٹھ۔ ہالس منز ووٚتھ کوہرام۔ شادمأنی ہنز عجیب لہر ووتلیہٕ۔ سورُے سکوٗت پھُٹ۔ لڑکی ہندِس رویس پیٹھ سپز اکھ عجیب مسرت نوٚمودار۔ پتہٕ روٗٹُن مائیکروفون تہٕ لُجُ پوشہِ لنجہٕ ہندی پأٹھی ووسنس یتھ ونہٕ نہٕ۔

"آخر أمی کیاہ ووٗن ؟ أمی سُند جواب کیاہ اوس؟ توٚہی سأری چھوٚ یی سونچان، یہِ ردِ عمل چھُ بلکُل فطری تہِ واجب۔ اژ وہرٕ ھنے چھےٚ ضوٚروٗری۔ نتہٕ روزِ تشنہٕ گی ہٹہٕ ہٹہٕ کاڈ کڈِتھ۔"

زورٕ زورٕ گوٚ اَنکارس منز ژرِ پوٚپ۔ تمہِ دبوو کمپیوٗٹرٕک بیا کھ بٹُن۔ بیٚیہٕ وُبرسیہِ تمے لفظ تہٕ تمے جُملہٕ یم مزاح نگارن وٗنی ہتی آسی۔ یتھہِ س پوٚت منظرس منز ووتلیو امیک ترجمہٕ۔ یُس یتہٕ پأٹھی اوس:ا۔

سہٕ کُس کڈِ پٔنِز زیوموٗلہٕ تہٕ ونہِ سہٕ چھُ نہٕ....... سہٕ بارٕ طاقت۔۔۔

سو بارٕ شکستی ۔ سورُے چھُ سُے۔ تمہِ کُے ظہوٗر......یہٕ چھس تمیٚ ہندِ ووٚ جوٗدُک تہٕ بجرُک قأیل .......... آ......ووٗنی گو ....ووٗنی. ...یہِ چھےٚ

بیاٗ کھ کتھ۔ مےٚ چھِ وِزِ وِزِ پھیرِ تہٕ فی بہان، ییٚمہِ کِنہٕ مےٚ تس ستہٕ شدید اِختلاف تہِ چھُ۔ یوٚ دوے تٔمہِ بہ جنٛگ حقدار زونہٕ نس بہ کرٕتی وژھِ وأنِنجہِ تس ستہٕ کتھ باتھ زِ ییتھ پتکس کتھن چھُ دُتارِ غلط گوٚمُت..... تہٕ..... اگر میانہِ نصیبہِ تہِ جہنمے اوس تیٚلہِ دزِ سورُے، میانہِ گونٛژھہِ، میون جسم، میون سوٚچُن۔ اختِلاف کتہِ روزِ کِنہی روزِ نہٕ۔ تہٕ مےٚ تہِ روزِ نہٕ کانٛہہ ہمسوس۔ وۄنی گو میأنی بود چھے ونان ییٚلہِ تٔمی عظیم فن کارن پٔنٕنی شان دار تخلیق اند واتنأو..... میون مطلب یہِ کاینات بارسس أنی۔ یم ییتہٕ شولہٕ وِنی آفتابہٕ۔ زوتہٕ وِنی تارکھ تہٕ گتھ کرٕونی سیارٕ وۄ جوٗدس أنی۔ ژھاپہٕ تہٕ تاپلی، دوہ تہٕ رأژ تہٕ موسمن ہُند اتہٕ گتھ ووتلوو۔ بے شُمار زُوزأژن ہُند سِلسِلہِ پھانپھلیوو۔ سہٕ گو یہِ مایا زال ووٗنتھ تہٕ وو پدأوِتھ گیہے بے حد خوش، گیہے سوٚچُن زِ تٔمی کم بژم سراب تہٕ گرداب ووتلأوی۔ دۄیمہِ طرفہِ لوٚگ پانہٕ سونچنہِ أخرمےٚ کیاہ بنوو یہِ؟ سہٕ گو سونچان..... وارِیاہ کِنہہٕ سونچان...... سہٕ اوس کاینانچ تخلیق کرِتھ تھوٚکمُت...... سوٚچُن۔ بہ اسہٕ ہا وۄنی.. .... یڈ برٕتھ اسہٕ ہا۔ تھکاوٹ ژلہِ ہا۔ یوسہٕ کم زیادٕ زبن یا أڈرن بِچھٕ أس تٔمی گر اَتھ کُن نظراہ۔ پتہٕ لوٚگ بُت تھٔرنہِ۔ تٔمی بنووسہٕ پیکر ییتھ اِنسان پہو ناو۔ یکدم پھوٚل تس اُسن۔ سہٕ لوٚگ اسنہِ.... زورٕ زورٕ اسنہ.... سہٕ آونہٕ ھُٹھی۔ اِدہ کیاہ تتہِ پیٹھ چھُ سہٕ أمِس وُچھتھ برابر اسان پنہٕ نہِ اسنہٕ خأطرٕ بنوٗون دِلکش تہٕ عجب نمونہٕ''

چپ چپ ..... چپ.....ہا ہا ہا ہا ہا.....

اسن کھنٛگالن تہٕ ژرِ پچ اکھ زیٹھ لے شولے یہِ ژوپاری۔ سٹیچس پٹھ گیہِ رنگ برنگ گاشہِ فموار بڈان۔ ہالس منز ییم بہتھ اُسی یا سٹیچس پٹھ، ساری اُسی داد دِوان۔ لڑکی اُس اسان۔ گاشہِ فموار گیہِ ووٚنی زیادٕ زیادٕ پرٛزلان تہٕ شولہِ ماران تہٕ منٛزی منٛزی سوتان تہٕ ژھوکان۔ منٛزی اوس گاشہِ زوٗلس منز سورُے نوٚن نیران۔ منٛزی اوس نہٕ کٔنہی لبنہٕ یوان۔

کھنٛگالہِ در کھنٛگالہِ تہٕ ژرِ پچ تاٛنتھ اُس نہٕ وُنہِ تہِ بہان۔ ییلہِ سٹیج گاشہِ زوٗلس منز

تبدیل سپُد۔ ساری گیہِ ششدر روزِتھ تِکیازِ اتہِ اُسی ساری، مگر نہٕ اُس لڑکی کُنہِ تہٕ نہٕ مزاح نِگارے۔ سارے نظرِ آسہِ ییمہٕ نے ژھاران۔

اُچھ اُس مُبہم نظرو وُچھان تہٕ اَسان تہٕ شُنیک گول آرٕ تہٕ اوس یتھے انداز رٕٹھ شبرنگ ژرژان۔



# یہِ گوغضب

سوُرے سپُد درہم تہٕ برہم ییٚلہِ بڈِ ٹاس گوٚتہٕ اکھ بم پھوٚٹ۔ پیٚونتاہ گوٚتہٕ بیا کھ پھوٚٹ۔ ساٗری ہے گوالہٕ الہٕ۔ آواز اٗس سبٹھاہ کھوژۍوٕنی تہٕ وحشت ناک۔

امہِ پتہٕ لجہِ گولہِ تہٕ چلنہِ۔ بۍ وایہِ، کو وایہِ تہٕ مُسلسل .......

وُڈۍونہٕ جاناوارو کھوٚتراٚس۔ تِم روٗدی پکھن ٹاس ٹاس کڈان چِرو چِرو کران لارِلدہوی ژلان پننِۍ اٗلی ژھاران۔ دوہلی گوٚکھ شام۔

سبٹھاہ افراتفری سپز نموٗدار۔ لُکن ژایہِ چھگ۔ تِم روٗدی گابرٕمژ تہٕ چھِندریمژ ژلان تہٕ دوران۔ اِدِ لیس یورُکن وتھ آیہِ تہٕ تورُکن۔

ژور پاٗنژھ لاشہِ آسہِ سڑکہِ پٹھ پیمژٕ۔ داہ پنداہ نفر اٗسی چھوکہٕ لد گمژی۔ اٗکِس سکوٗل لڑکہٕ سُند جزدانہٕ (کِتاب بیگ) اوس دوٗر نالہِ نزدیک پیوٚمُت۔ کاپی تہٕ کِتابہٕ آسہِ چھکنہٕ آمژٕ۔ لڑکہٕ اوس چھورِ چھور کران۔ تس اٗس اکھ زنگ پوٚرِ پاٗٹھی جُدا گمژٕ۔ بوٚنہ کھور اٗسی دوٗر دوٗر تام پیمژی۔ یِم اٗسی ژلان ژلان لُکہٕ ہجوٗمس کھورومنزٕ نیرِ تھ ژٕلی مژ۔

مرن والین منز اُسی کینہہ عام شہری تہٕ سکیورٹی عملکی زٕ جوان

شائمل۔

وُچھان وُچھان گیہ ساری وان بند۔ ساری ہے شہرس گوتمبہ۔ پتہٕ

آونوزُک تہٕ حساس علاقن منز کرفیو تہٕ لگاونہٕ۔

پتہٕ ننو پتہٕ زِ ''الفنا'' ناوٕ چہٕ اکہِ نوِ جمأژچھےٚ امہِ حملچ ذِمہٕ دأری

قبوٗل کرمٕژ۔

جمالَ تہِ اوس کراس فایرِنگہِ ہُند نِشانہٕ بنیومُت تہٕ سہٕ اوس نیسف

شہلیومُت۔ سہٕ آو فینہٕ کھسان تہٕ خوٗن چھکان زخمی سپدی متین نفرن ستی

ہسپتال واتناونہٕ۔

خالہٕ صأب اوس امہِ وِزِ گرِ پیپر ماشی ہِندِس أکِس خوٗبصوٗرت

نموٗنس نقش نِگأری کرنس ستی آوُر۔ سہٕ اوس کامہِ ستی تیوٗت مس زِعأنک

اوُسس نستہِ الوٕنڈ گوٗمُت۔ یہٕ عأنک آو بِلکُل بون لاینہٕ ییلہِ تس وۄنُکھ زِ

تمُک سُند جمال چھُ ہسپتالہٕ۔ سہٕ ووت وچھ ژیٹان ایمرجنسی وارڈس منز ییتہٕ

جمال نبتہٕ سوتھ پیوٗمُت اوس۔

جمالس اوس بُتھ ووپھریومُت۔ تہٕ ساری ہے پانس لیڈرِ ژھٹھ

پھیرمٕژ۔

خالہٕ صأب روٗدٕ پننہٕ اتھ موٗران تہٕ وُٹھ فیشان۔ بأژ دویو منجو وفقط

اکھ گوٗبُر خوداییس ییہِ نہٕ کنہہ۔ کوٗن جاین آسکھ دشہٕ تہٕ گنجہٕ مژ۔

خالہٕ صأبس ییہ، ستھ اسمان پیٹھٕ۔ تس پییہ اکہِ طرفہٕ پننہٕ تأٹھ

خانداریٚنہِ جانہٕ یاد تہٕ دۆیمہِ طرفہٕ سہٕ درویش یَس صبٕ بزٕ صأب ونان آسہٕ ۔ یِم دۄشوے رۆدی پنہٕ نِبن مخصوٗص جامن منٛز تٔھزن أچھن بردٕنہٕ کنہِ پھیران۔ زِندگی ہنزٕ کٔنٛہہ اہم گرِتس ژتٕتس پاوان۔ سہٕ اوس بے حد پریشان۔

"کیاہ بنہِ ؟ سوزٕ ے ماحول چھُ مویوس کُن۔ ژِہس منٛز چھِ سأری ہے أدرِ کھل گژھان۔" ...... تس وۄتلو خیالن ہُنٛد اکھ آبشارٕ ذہنس منٛز۔ "یتھی واقات چھِ ووٚنی سانہِ زِندگی ہندی اکھ مومول بنیمتی۔ أتی چھُ بازرٕک سوزٕ ے چمہٕ ختم موجوٗد آسان۔ أتی چھُ وُچھان وُچھان دِہی ژھبتے گژھان۔ سأرے ووسہٕ درسہٕ چھُ فنا سپدان۔ خوشِ یِوٚنی یتھی چھِ سوگس منٛز ہنہٕ یِوان۔ امن وسکونکی سأری درواز چھِ ٹکہٕ ٹکہٕ گمتی۔"

مگر تس اوس نہٕ یہِ سوزٕ ے وُچھتھ تہٕ یہِ ہٹہِ وسان زِ تمی سُند اکھٕ نٔدٕن محمد جمال چھُ ووٚنی فقط کینٛژن گربن یا دۄہن ہُنٛد مہمان۔ کنہیں اوسُس نہٕ دِماغس منٛز یِوان کرٕ کیاہ؟.....

"نہ ......نہ ...... تہِ بنہِ نہٕ .... تہِ بنہِ نہٕ ........" ........سہٕ رۆد پأنی پانسے ستی یوہے وودان۔ ہیو ۔ جمال مرِ نہٕ ........نہ ........نہ ........"

جمالس آسی ڈاکٹر خوٗن بران۔ خالہٕ صأبس یُس خوٗنہٕ قطراہ پلزنس

منز اوس سہٕ اوس ڈاکٹر و بسرنجہِ ستی کوٚ ڈمُت۔ ووٚنی آسی تٔمی ہندی کنٛہہ نزدیکی رِشتہٕ دار پنہٕ نہِ مزٕہ دأری دأرِ یہِ عمل پوٗرٕ کران۔ زِ ترٛے کمپونڈر آسی یہِ خوٗن بوتلن منز بٔرِتھ بڈٕ احتیاطہٕ سان شیرِتھ سنبھألتھ تھاوان یُتھ نہٕ بیمارس گُنہِ کنی خوٗن برنس منز کانٛہہ ژھٕین لگہِ۔

خالہِ صأب اوس سونچان زِ از ہے تٔمی ہنز جانہٕ زِندٕ آسہِ ہے تمہٕ آسہِ ہے پان موٚتھمُت۔ مس کوٚ ڈمُت۔ لبٕہِ کرِ مزٕ۔ تہٕ سوٗرے دُنیاہ نکھس تلٔمُت۔

خالہِ صأبس آسی جِگرس گٔدی گژھان۔ سونچان اوس سہٕ گژھِ گُن جایہِ دوٗر۔ تتہِ ودِ پنہٕ نِس تقدیرس پیٹھ۔ سہٕ دِیہِ ٹھٕگہِ۔

محمد جمال اوس اکھ ذہین تہٕ ووتھٕ وُن نوجوان۔ یُس اِنجینری ہنز تربیت پرأوِتھ نوکری ہندِس تلاشس منز اوس۔ سہٕ اوس ازلی گاشُک پرِستار۔ گٹہِ ستی أسس سخت نفرت۔ سہٕ اوس گاشہِ پھوتہوٕ ستی پنہٕ نِس وطنس زوٗل کرُن یژھان۔ اوے آس تٔمِس اِنجینری ہنزن سارِنٕے لٔنجن منز بجلی گوڈٕ انوأری دِژٕمژٕ۔ سہٕ اوس ہمیشہِ سونچان زِ ییژٕ ووٗفوٗر بجلی ییٔتہِ ووٚپدان روزِ تیوٗت واتہِ لُکن آرام۔ تِ بستہٕ وندن منز لبن لُکھ راحت۔ بجلی برآمد کرِنٕی ہیکہِ سانہِ باپتھ آمدنی بڑاونٕک اکھ بوٚڈ ؤسیلہِ تہٕ بٔنِتھ۔ سہٕ اوس بڈٕبن بڈٕبن پاور پروجکٹن لرِ لوٗر لوٕکٹ لوٕکٹ بجلی گر قایم کرنٕک زبردست حأمی۔ تِکیازِ ییم ہیکن بڈٕ آسأنی سان واریاہن گامن ، سرین تہٕ بستی ین

ہندی پَنٕنۍ وسیلہٕ کامہِ لاگِتھ یِہٕنز ضۆرۆرتہٕ پوٗرٕ کرِتھ۔

مگر از اُسی محمد جمالٕنۍ ساری رنبہٕ وِنۍ خیال تہٕ خوش یِونۍ خاب خوٗنہٕ واٰہراٰژ منٛز سٔری گرٕھتھ ناہوَنہٕ یِوان۔

خالہٕ صاب اوس پانہٕ اکھ ووستہٕ کار۔ تیٚمۍ پٔتٕن پان پیپر ماشی ہندِس فنس آلوٗمُت اوس۔ سہٕ اوس پنہٕ نِس گرٕ ہے منٛز اتھ خاندانی پیشس لوکچارٕ پانہٕ پیٚٹھے گوڈ بران رۆدمُت۔

زنانہٕ ہندِ مرنہٕ پتہٕ اوس سہٕ ضۆرۆر دم پھٕٹ گومُت۔ اما پوٗز سہٕ اوس وونۍ جمالنہِ باپتھے زُوان۔ اَمی ہے منٛز اوس تٔمۍ سُند جان۔ از اُس خالہٕ صاب نہٕ دِلچ دُبراے واریاہ بڈ یمٕژ۔ تس اُس پانس منٛز اکھ عجیب تھرتھرٕ باسان۔

خالہٕ صاب تہٕ تٔمۍ سنٛز خانہٕ دارِنۍ کۆت کۆت اُسی نہٕ شُر منگنہِ واتی ہتی۔ تم اُسی ٹنگمرگہِ ہیۆر بابا ریشی ہندِس استانس پیٹھ واتی ہتی۔ تم اُسی تھانہ منٛڈی نکھہٕ راجوری منٛز شاہدرا واتی ہتی۔ یتہِ تم سدا بہار شبجار چھاوِتھ بڈ مسرور سپد ہتی اُسی۔ تمو دِژ اجمیر شریفہٕ خواجہ معیین الدین چستی ‘‘ سنٛزِ ڈیڈ پیٹھ حاضری۔ تم رۆدی پنہٕ نِس ٹاٹھِس رسوٗلس تہٕ خودایس پٔتٕن ژھۆر ہلم داٰرِتھ ہمیشہِ یاد کران۔ نعت تہٕ حمد پران۔

اٰخرس ییٚلہِ تہند اکہٕ ننٛدُن محمد جمال تھنہٕ پیوٚ باٰژِ سپد ییہِ تیتۍ خوش زن تہٕ دُنیچ ساریے رحمت آسکھ ژھٕرِس ہلمس منٛز پیمٕژ۔

جانس سپُد تیوٚت تسکین حاصِل یُس لفظن منز پھرُن نا مُمکِن چھُ۔ جانن دیُت امہِ پتے جلدٕ ے امانت۔ جمال روٗ چھ خالہٕ صاب نٕے پٔنن سوزُے دود دگ مُشرِتھ۔

خالہٕ صابس اوس سہُ دوہ کالُک بتہٕ زن یاد ییٚلہِ صوٚبُر صاب تِہند گرِ آو۔ جانن کوٚڈ پننہٕ نہِ دِلُک ارمان ظاہر۔ صوٚبُر صابن دیُت پننہٕ نِس ریٖشس پھشا یتھ یہے سوٕر دگ ہِش اَس پیمٕژ۔ صوٚبُر صابن دیُت باٲژن دون یہِ وٕنتھ دِلاسہٕ ....... "خودا صاب چھُ پننہٕ نبن بندن ہندی ارمان بہتر زانان۔ سہُ چھُ بوٚڈ کارساز۔ زمانہٕ بدلن، دستوٗر بدلن، زِندگی ہندی وتہٕ پٕدی بدلن۔ اما پوٚز سہُ چھُ بالاتر۔ سہُ تھاوِ نہٕ ہرگز تمن زیادٕ کالس پیارٕ ون۔ ووٚنی گو۔۔۔۔ ووٚنی گو........ بہٕ چھُس موسوٗس کران"

"کیاہ سنا؟"

"وُچھِو ...... وُچھِو ....... " ....... صوٚبُر صاب ہیوٚک نہٕ پٔنن کلام پوٗر کٔرِتھ۔

تٔمی دیُت دم تہٕ باٲژ زٕ سپدی بے حد پریشان۔

یُہرا ژھوپہ کرنہٕ پتہٕ ووٗتھ صوٚبُر صاب نِس اَسس تروٗپ۔

"بٔڈی ارمان پوٗرٕ کرنہٕ باپت چھُ اسہِ اِنسانن گاہے گاہے بجو آزمایشو منٛزی گذرُن پیوان۔ بجہِ قوربانی دِنہِ پیوان۔"

''قوربأنی ؟''.... جانن پھیُر حاَرأنی سان یوٗ ہے لفظ ۔ خالہٕ صأب گومُشٹنڈٕ ہیُو روٗزِتھ۔ جانہٕ گیہِ غوطن ۔تس پیٖیہٕ اکہٕ نندنہٕ ہنٛز دلیل یاد ییتھ کأشربوٗ گونماتولولہٕ متہٕ لاے کٔری متی چھِ ییتھِ منٛز تموتم دُرِ نایاب لُسی یِہنٛز تمن پتہٕ نِبن روٗحأنی سفرس دوران تاعُمر تلاش روٗز۔

جانن أس یہِ ماے تہٕ محبتچ دِل خراش دلیل بارہا بوٗزمٕژ۔ بوزان بوزان أسی تمہِ أچھو کنٛز دٔرِ یا وترأوی متی ۔

تمہِ کوٗر یڈٕ جُرت تہٕ وٕنُن صوٗبُر صأبس...... ''حضرت مےٚ چھُ نہٕ سُہ اکہٕ نندُن حاجت یُس توٚہی کینٛژ وٕری یوٗ پتہٕ واپس منگیوٗم۔امہِ خأطرٕ گژھِ اکھ الگ دِل گوردٕ آسُن ۔یُس اکہٕ نندنہِ حقیقی ماجہِ تہٕ تِسندِس مألی ہے اوس۔ أسی چھِ لوٚکٹ اِنسان ۔سبٕطاہ سوٚمی۔سون پاے چھُ کیاہ؟ أسی کتہِ انو تیوٗت حوصلہٕ زِیرٕژھ رحمت کوچھِ منٛز رٔٹتھ کرون واپس؟ حضرت أسی ہکو نہٕ یُتھ کانٛہہ وادِ کٔرِتھ ..... کانٛہہ نہٕ .....وونی گویوٚ دوے توہہِ باسان چھُ زِ کانٛہہ قوربأنی چھِ ضوٚروٗری دِنٕی۔ بہٕ چھس پنُن پان چھٔپہِ دِنہٕ خأطرٕ تیار۔ مگر میأنِس اکہٕ نندنس یا میأنِس گرس گژھِ نہٕ رٔژھ تہٕ مُشکلو منٛزی گذرُن پیوٚن۔''

صوٚبُر صأب گو دم بخود۔تس آیہِ جانہٕ نِس سبزرس تہٕ پزرس منٛز کوہِ نوٗرٕ ے کوہِ نوٗر لبنہٕ۔تس پھوٚل بُتھس پیٹھ بدلےٕ نوٗر تہٕ دراو پنٕنی لورِ ہن گلہٕ

وان گلہٕ وان خالہٕ صاٗب نہٕ گرٕ۔ پانس ستی اوس ونان ۔ مومن شاہ صاحبِ حال۔ ژٹتھ نالہٕ یہِ ڈٔری یاو۔

کمے کالا گژھتھ پیو عبدُل خاٗلق عُرف خالہٕ صاٗب نہٕ گرٕ اکھ گونڈُر تھنہٕ یس محمد جمال ناو آو تھاونہٕ۔ بأژن دون ہندی ؤری یہِ بدٕن ہندی ژھٔری ہلم آیہٕ شادمأنی ستی برنہٕ۔ مگر کٔنہہ وکھ سوٗری تھےٚ سپز جانہٕ یٔیمہِ عالمہٕ نشہ، دوٗر۔ درویشس ستی اوس شایدی واد۔

خالہٕ صاٗبس اوس پوٗرٕ بہتھ زِ جانن دیُت پٔنن پان پنہٕ نس پوٗترس چھیٚپہٕ۔ تمہِ د،ژےٚ شوٗنکی پأٹھی اکھ تژھ قوربأنی یوسہٕ نہٕ کأنسہِ بوزنے ایہِ۔ تہٕ یٔیمہِ خاٗطرٕ اکھ وکھرٕ دِل تہٕ جگر گژھہِ آسُن۔ مگر..... مگر.....ازیٔلہِ خالہٕ صاٗب جمالس بسترِ مرگس پٮ۪ٹھ آخری شاہ ہوان وُچھان اوس تس اوس سینہٕ ژھنہان تہٕ سوٗرے دُنیاہ الان تہٕ فنا سپدان لبنہٕ یِوان۔ ''جمال سپدیا مےٚ نِش جُدا؟ ......نہ..... نہ.... جانن دیُتا پٔنن پان تتھے چھیٚپہٕ؟.....''تس اوس یہِ سوٗرے بےٚ وزن، وُچاپہٕ تہٕ ویوٚکھُت باسان۔

خالہٕ صاٗب اوس ازسبٹھاہ جذبأتی لبنہٕ یِوان۔ تہٕ یہِ اوس اکھ فطری ردِعمل تہِ۔ نتہٕ اوس سہٕ بڈٕ حقیقت پسند۔ تس اوس فِکرِ تران از کتی جانانہٕ تہٕ جوان چھِ دوہ دِش مران۔ خوٗن ریزی ہندی نِشانہٕ بنان۔ گولین تہٕ گرٕنیڈن ہُند شِکار سپدان۔ کیاہ یم چھِ نا کأنسہِ ہندی جمال، کأنسہِ ہندی اکہٕ نندنہٕ

فریب۔ دغا تہٕ دوکھہٕ دبوٗ ڈ سپُد ستیٚ زِتس بہتھ اوس تس تہٕ سوٚنچتھ زیہِ اماپوٚ؟ جانن یوسہٕ قوربأنی دِژ تمہِ پتہٕ کوس قوربأنی چھُ قودرت اسہِ منگان؟

خالہٕ صأبن اُس جمالہٕ نہِ بچہٕ نچ براںٔتھ بلکُل ترأو مژ۔ تس اُس پھرِی پھرِی یہے کتھ منس تچھان زِتس ستیٚ سپُد دغا، دوکھہٕ تہٕ فریب۔ یہِ چھےٚ سراسر وادِ خلأفی۔ تہٕ سہٕ ہیکہِ نہٕ یہِ ذہنس وتراۆتھ ........جمال روٗد پتھ پتھ گژھان۔ مگر ڈاکٹر وٲس نہٕ وُنہِ ہمتھ ہأرمژ۔ تم روٗدی پنُن پژتھ کانٛہہ تدبیر تہٕ یلاج آزماوان۔

خالہٕ صأب نس بُتھس پٮ۪ٹھ اُس بے چینی تہٕ بے قرأری ٹٔر تہٕ ٹاکارٕ۔ سہٕ خشم تہٕ اوس واضح یُس دوکھہٕ تہٕ دغا ہوٕبو ایحساساتو ستیٚ تسٕندس منس منز ووتلیومُت اوس۔ سہٕ اوس تس درویشس ژھاران یس صوٚبُر صأب ونان اُسی۔ سہٕ چیرِ ہے تس ہوٚٹ اگر بُتھِ پیٚیہِ ہس۔ مگر سپُد یہِ زِ امی دوہہٕ پھألے یہِ یہِ خبر ژوپأری زِ صوٚبُر سأب سپدے یہِ رحمتِ حق۔ تسٕہند ،س نمازِ جنازس منز شأمل سپدنہٕ خأطرٕ چھِ لُکھ دوان۔ تہنز معیت سُپر دِ خاک کرنچ تیأری چھِ سپدان۔ خالہٕ صأبس رأوی سأری ہوش۔ کٔنہی اوسُس نہٕ پلہِ پیوان زِ سپدان کیاہ چھُ تس آو رژھا گژھتھ خیال زِ شاید سپُد صوٚبُر صأبس پننہٕ نہِ وادِ خلأفی ہُند احساس۔

مگر مزید تأجب سپُد یہِ زِ صوٚبُر صأبس آسہٕ ہن وُنہِ شاید ڈرٕ راوِنے

محمد جمالس ہیوٗتُن زُو واپس پھیرُن ـ تِمَو ہیٚژ چشمہٕ مُژراونہٕ ـ ڈاکٹر آسی بے حد خوش پننہٕ نہٕ کامیأبی پٹھ ـ

خالہٕ صأب سپُد یہِ سوٗرے وُچھِتھ حأران تہِ تہٕ پشیمان تہِ ـ تس اوس نہٕ بِلکُل سمجھ یِوان زِ جمالس کتہِ آیہِ، نوٗ زِندگی؟........

جمال اوس خالہٕ صأبس کُن وُچھِتھ اسان أچھ وہرِ وہری ـ خالہٕ صأبن روٗٹ سہُ نالہٕ متہِ تہٕ گرٕینس زورٕ زورٕ مونہٕ تہٕ میٹھی ـ سہُ روٗد اوٗش ہاران تہٕ تس نالہٕ مُتی کران ـ تِمَو لوٚب اکھ بدٕلے تسکین ـ

خالہٕ صأبس اوس پرأنس تہٕ نٔوِس منز اکھ خاص ربط، ہِشر تہٕ تسلسُل باسان ـ حالانکہِ خبرکوٗت زمانہٕ آسہِ گُذریومُت ییٚلہِ اکہٕ نندنہٕ سنز دلیل تھنہٕ پیمٕژ آسہِ ـ اصل دلیلہِ ہندی زٕ کردار جوٗگی تہٕ اکہٕ نندنہٕ سنز اصل مأج آیس نٔوِس روٗپس تہٕ جلالس منز صوٚبُر صأب تہٕ جانہٕ نہِ شکلہِ منز لبنہٕ ـ یِمو موجود زمانس منز اکھ نوٚو اکہٕ نندٕن وٗن تہٕ مُکمل کوٚر ـ

تس پیٚیہِ صوٚبُر صأبنی لفظ یاد ـ مومن شاہ صاحبِ حال ـ ـ رٔٹِتھ نالہٕ یہِ ذٔری یا وحلا

سہُ روٗد یمے کتہِ لٹہ، پھران ـ



# جمع، تفریق تہٕ تقسیم

''یہِ اوس رازدان صائب فون کران۔'' میٲنٛی آشینٛز آیہِ دوان دوان تہٕ وۄنُن مےٚ۔

''وارے چھا؟'' مےٚ پرُژھُس۔

''آ۔ وارے چھِ۔''

''بێیہِ کیاہ اوس ونان؟''

''ونان اوس از یمو أسی اپاری وسنت گُنج رٔنی۔'' شاید آسہس شیلا جی تہِ ستی۔

''توتہِ چھس ژچارِس أکی ہندہ بێیہِ ہندہ کھوتہٕ فکر روزان۔ دوس گو دوستہٕ۔ اِدٕ ییتھ آسہِ تہٕ تیتھ۔'' مےٚ وۄنُس۔

''دِلہِ منٛز چھُ گوڈنیک کھاندر کرُن۔ توتہِ چھکھ ژچارہن رنبہٕ۔ دوہس چھُس پانہٕ ہیے ستی ہتہِ پأوی وسان تہٕ ہتہِ کھسان۔ باوِکس منٛز پٔنُن ......؟''

اۄشہِ یانے میٲنٛی آشینٛز گیہِ وۄش ترأوِتھ تہٕ وأژ کچنس منٛز۔ بہٕ روٗدُس پانہٕ ہیے ستی کتھ کران۔ تِتھ پأٹھی أس ساٳرے تیٲری سپد پمژ مگر

سوچان اوسُس زِ ووٚنؠ گوٚژھ یہِ دوہ جان پٲٹھۍ نکھہٕ وُسُن۔

لٔگُنٛگ ساتھ اوس ٹلے سپُد مُت۔ میٲنؠ کوٗشِش اُس یہِ زِ کھاندر گوٚژھ جل جل انٛد واتُن۔ اکِہ دوہہٕ مانٛزٕ راتھ، امی دوہہٕ راتھ کیُت دیو گون تہٕ دۆیمہِ دوہہٕ روت لٔگن ..... بہٕ اوسُس نہٕ ہرٕگز روت لٔگنہٕ خاطرٕ تیار۔ مگر گوٚبرٕ مأٹلی ہنٛز اُس خاہش تہٕ فرمأیش۔ چارٕ ناچارٕ پیوٚ مانُن۔ خبر یوٚر وأتِتھ کیاز زِ ہیوٚت برادری روت لٔگنن پیٹھے زور دیُن۔

سُے بینڈ باجہِ۔ لالٹینن ہُند بوٚندبس، سوٗے سہرٕ بٔندی، سُے جٹہٕ جوٚش... مےٚ پرٕژھوٚ رازدان صأب ہسے اکِہ دوہہ یہِ کیاہ؟ تورٕ ووٚتھُم بڈِ ہٹہِ۔ (روٗمس منٛز گژھِ تی کرُن یہِ روٗمی کران آسن) (Do in Rome As Romans Do) مےٚ توٚگ نہٕ کٔنہہ ہیں وَنُن۔

رازدان صأب اوس پتہٕ ہلکأری ہوٚنؠ ہندی پٲٹھۍ اگادِ گژھان۔ اتھ برعکس چھےٚ شیلا جی یانے رازدان صأبنٕز آشینٛز بڈٕ دمدار، باہمتھ تہٕ اَسان اَسان مسلہٕ کِس ژٕکِس واتنٕچ کوٗشِش کران۔

اِدٕ سأتہٕ توٚہؠ وٕنؠ تو ماہراز یا ییٚنہِ وول یہِ رأژ پُہرس۔ خأطِر تواضح کرسپدِ مہمانن؟ کرسپد براتین ہُند استقبال، کرن وول یا برأژ ستی شأمِل سپدن وول فارغ تہٕ واتہِ گرٕ؟ آخر کأتیاہ روزن کورِ مأٹلی ہندِ گرِ راتس؟ یپأرٕ ژیرِ بس ہنٛزٕ یا رٹنؠ چھُ محال۔ سکوٗٹر یا ٹیکسی کرٕنؠ گو دروجرس بُتھس پوڈر

مۄنٛھن۔ اِو موکھ رؤدُس بہٕ۔ یِیتہٕ کٔمِن اکثر کھاندرن کھُندرن منٛز غآر حاضرِ رے۔ وارِیاہ انگ آشناو ژھینٛز۔ دوست احباب سپدی ناراض۔سوچان اوسُس کأتیاہ روزن سانی تہٕ کأتیاہ بسترانہٕ کرایہِ پیٹھ؟ کم خیال اُسم منس منٛز یِوان۔عجیب تہٕ وٕنٛژتی ....یۄ تام ٹھیلہِ ہُند سوال چھُ سوچھےٚ بۄزی تھےٚ۔ اگر پر پُشہِ پیوم چھِتہٕ گژھ۔اوسے اوسُس خاص خاص آسٹمن دوہدِش جمع تفریق تہٕ تقسیم کران۔ گرا اوسُم کم زیادٕ حاصِل روزان۔ بہٕ اوسُس خوش سپدان۔ تہٕ پھرٕ کھ ہیُو تراوان۔ گرا اوسُم پُشہِ ہیے پُشہِ پیوان تہٕ مےٚ اوس جیرِ ہتھ منٛز یِوان۔ مےٚ اوس پنٕن پان ژۄئِتس پیٹھ درماندٕہ باسان۔ فِکری اوسُم نہٕ تران کس دارِ اتھ تہٕ کُس لاگِم پزی ہمدرد۔

دُنہِ اوس الہٕ پلہٕ ڈوڈ رتھ کھُاندرس مگر کھا ندر سیزن (season) اوس دہہ دۄہی پتے شۄرؤ سپدن وول۔ دوہے آسی پانژھ پانژھ شےٚ شےٚ سالہِ کارڑ واتان۔ ژور پانژھ اُسم کالہِ چھنے وأتی ہتی۔ اکھا اوس مٹۄ صأبن، تتھہِ س لڑکس ہِجیس اوس کھاندر تہٕ کارڑ اوس وتان

" وِجے میریز (marries) انہٕ پورنا ڈاٹر آف کے۔ایل۔ مہرا۔ بیاکھ اوس کول صأبن۔ اُمِس اوس کچہِ کھاندرکۄ رمت منوہر باسوٚہس ہتی۔ مےٚ آیہِ خبر کیأزِ جیوتی باسوٚتہٕ ممتا بنرجی ہندی فوٹو دیدن تل یِیلہِ یہِ کارڈ پۄرُم۔ خآر بیاکھ چھُ کھوڈا صأبن ۔ أمی ہندی لڑکن چھُ پنہٕ نی کمپنی

منز أکِس سِندھی لڑکی لال وانی ستی کھاندر کوٚرمُت۔ پانژوشیٚیومنژ چھِ کم از کم ترٛے کارڈ تِتھی آسان۔کأشری خاندان رینہ، کاژری، دربأری، کول، در، جلالی، کوتر بیترِ چھِ ووٚنی یسلہٕ پأٹھی کھتھرا ،چوپڑا، چڑجی، اہلو والیا، پانڈے،راو تہٕ اگروالن ستی رل گژھان۔ دپان کمی تام راے زادن اوس ییٚتہِ کرتام چودھری خاندان چہِ لڑکی ستی کھاندر کوٚرمُت۔ تِمہد بن شُربن ہندِس خاندانس پیو پتہٕ ''راے چودھری'' خاندانُک ناو۔کیأہ پتاہ کأشربن خاندانن یوٚرکبن خاندانن ستی رل گژھتھ کم پیوند لگن تہٕ کم ترٛ نیرن تہٕ پوش پھولن۔یہٕ اوسُس یمہ نِے خیالن منز ییژِ زِ اوٚرِ پیٚیہِ رازدان صأب تہٕ تِمی ستی آشینٛز وأتھ۔ نیٚبرِ گیِہ رنگ تہٕ میانہِ آشنہِ مُژروو وٚلی بر۔''وارے .... وارے ،لفظن ہنز تانتھ کھژ، زیوٚٹھ اَلی واکھ سپُد۔پتہٕ ژایہِ دوشوے بأژ تتھ کمرس منز ییٚتہِ یہٕ بِہتھ اوسُس۔

''از چھِ ژوپأری کارڑے کارڑ نظرِ گژھان۔'' شیلا جی وٚژھ مے کُن اَسان اَسان۔ اسہِ تہِ چھِےٚ گرِ بڑ تندل کھژمژ ..... سوچان چھِ کوٚت کوٚت واتو.....مےٚ آو اُسن، مےٚ زون نہٕ یہِ مامِلہِ زِ تِھراوُن مُنأسِب۔ یوٚت کال سنبھول رازدان صأبن دم تہٕ مےٚ پرُژھمس۔'' اِ دِسأ یہِ وَنتم احمد آبادٕ پیٹھ چھا چِٹھی وِچھی واتان، لڑکہِ چھا وارے، نوشہِ ہن چھا ٹھیکھ، بچہِ چھکِھ وارے؟''

آہن ساڑھیکھ چھِ ..... کڈان چھِ ساٹری ژیُہا ژیُہا ..... ' شیلا
جی رؤد نہِ امہِ پتہٕ پانس تام سوٗ ژھ اَسان اَسان ''توٚہی چھِو ونان چِٹھی
.....سہٕ گُس چھُ ووٚنی چِٹھی لیکھان۔ ئنزٕ ئنزٕ چھُ فون کران۔ چِٹھی ہو، سہٕ
زمانہٕ گو۔ سو کتہِ فُرصت؟

''یہِ چھُ پزی بیا کھ ستم۔'' مےٚ ووٚنُس۔ ''سورُے چھُ تیزی سان
بدلان۔ پرون چھُ فنا سپدان۔ واریاہ خوٚبصوٗرت تہِ۔ نی تو کِتابہٕ۔ کِتابہٕ
پرٕنک رِواج کوٚر ٹیلی وِجنن تہٕ فِلمو فناتہٕ چِٹھِ پٕتر لیکھنس ہیوٚت ٹیلی فونن
جونٹہٕ مارُن۔ کم چیز چھِ فنا سپدان۔''

یوٚت کال آیہِ میاٗنی آشیٚنی چاے ہیتھ تہٕ پلہٕ نوٗن اکھ اکھ پیالہٕ
سارِنے۔ دام ژٕ ترٚے چیتھ وۄتھ رازدان صاٗب۔ '' اِد سأسپدے یا
تیاٗری۔ کانہہ کاٗم ما چھے ترٚژھ ییٚتہٕ بہٕ بکارٕ لگہٕ؟'' رازدان صاٗب
نِس کلامس منز اَس نہٕ محض رٔسم پوٗرٕ کرنچ کوٗشِش ئلی کہِ اوس سہٕ دِلی
یڑھان سہٕ ییہِ ہا ہیتھ شوب گرِ منز مےٚ اکار بکار۔

''ییٚلہِ کانہہ ترٚژھ کاٗم آسہ، تیٚلہِ کس ونہٕ۔'' مےٚ ووٚنُس۔

بگوان تھوِی نو وارٕ ..... کارڈ واڑ چھپے یا؟'' شیلا جی پرُژھ۔

''ترأوی ٕتی چھِم پربسہٕ واٗلِس ...... دِیہِ ہفتس کھنڈس تام۔''

''آ.....وُنہِ چھُ وق..... رازدان صاٗبن کوٚر پنُن ردِ عمل پیش۔''

خاہ مخاہ باہر کرنی تہٕ چھُ نہٕ ٹھیکھ ..... وارِیاہ برونٹھ سوزِنی تہٕ چھُ نہٕ جان۔ پتہٕ گژھان کارڈ رٹن وأپس مُشی تھےٚ ........"

"پۆز چھُ۔" مے وۄنُس۔

ہنا گیہ رژھہ کھنجہِ ژھوپہ۔ پتہٕ ؤژھ میأنی آشنِۍ یمن کُن۔ "تۆہی تہٕ آسِو برادر ہسنزِ کچہ ہنہِ ژھانڈان۔ گیو واگُنہِ صحی ؟"

تمہِ کۆر پانے أکِس لڑکس کُن۔ شیلا جی ؤژھ اَسان اَسان "سہٕ تہٕ چھُ ڈاکٹر صفدر جنگ ہسپتالس منز۔ ییٚتہِ سو ڈاکٹر چھےٚ۔ لڑکہٕ چھُ ایم۔ایس ......"

فسٹ کلاس" مے وۄنُس۔

"کُسند لڑکہٕ چھُ، ونان کیاہ چھکھ؟..... بنان چھُ بہٕ تہٕ مازانن؟"

"تۆہی کتہٕ زأنیوٚن؟۔ تمن ونان بسواس۔" شیلا جی ؤژھ اِسان اَسان۔ تمہِ پتہٕ وۄنُن ٹینٹھ برقرار تھاوِتھ ..... یہٕ چھُ نامشہوٗر موسیقار انل بسواس۔ سہٕ چھُس نزدیکی رِشتہٕ دار۔ "زبر۔" مے وۄنُس۔

"کرِ کیاہ موہنیو ؟" میانہِ آشنہِ مُژ روو دہانہٕ۔ "ستم ہے آو، اکھ موٗژھ أکِس جایہِ، بیاکھ بیٚیس ......"

"ژِ چھِس ونان موٗژھ۔ دپھ بی دانہٕ چھکرِتھ ..... اکھ اور تہٕ بیاکھ یور۔ کشیرِ منز ہیتھ اوس سوٗرُے ننان۔ کۆت کۆت واتہِ اِنسان تہٕ کرِ

مولۆم..... پادلوسی یمن۔ اکھ اکھ لڑکہٕ ؤچھتھ ...... '' شیلا جی گٔر کتھِ وضاحت۔ ''بڑٕ کتھ چھےٚ'' میانہِ آشنہِ وۄنُس۔ ''میاں بیوی رأضی، کیا کرے گا قأضی'' سارِۍ ے ترووأسُن۔

'' دپھ بی کرمہٕ لیکھا بیٚیہٕ نہٕ کنہہ۔'' شیلا جی وۄن۔

''اوس تہٕ سوٗرے ٹھیکھ۔'' مےٚ روٗد نہٕ پانس تام۔

''یہٕ چھُس نہٕ تِتھین رِشتن ہرگز خلاف۔ مگر یٖیمہِ آیہِ یم اسہِ منٛز ووٗنی سپدان چھُ، یہِ گو سہلاب۔ مےٚ چھُ باسان سأنی پہچانہِ گژھِ اکہِ دوہہ ختم۔

''پہچان ؟ کوسہٕ پہچان ؟ ---کٔشیرِ ہنز رِنہٕ کھارِ دورِ ہنز؟ .....ہانگلو کرِ بٔشپہٕ ستی واو..... '' رازدان صأب آو پنہٕ نبن جامن منٛز۔ ''تیٚیلہِ آسہٕ ہکہٕ نہٕ موچھِ زٕ ژٕٹھ ژٕلہٕ نس پیٹھ مجبوٗرٕ سپدٕ مُت۔'' سُہ گرمو تہٕ تَس کھوت بُھس ووزجار تہٕ گو ونان..... ''اَسہِ پزِ سمنٛدرس منٛز بہتھ ووٗنی امہِ چن لہرن تہٕ گراین اتھِ دارُن۔ اَمہِ رٔس بہاوس منٛز پٔنُن پان جذب کرُن۔ سأنی سلامتی چھِ أتھی منٛز ......''

''سلامتی تہٕ گیہِ پۄز مگر یۄتےٚ یوت چھُ نہٕ اہم۔'' مےٚ وۄنُس۔

''پتھ کیاہ؟'' سُہ وۄتھ بڑٕ ہٹہٕ۔

''رازدان صأبا ہنا سونٛچ۔'' مےٚ وۄنُس سۭبٹھے حلیمی سان۔ ہنا کر خیال زِ پنٛژاہہِ وٕہری پتہٕ کیاہ آسہِ سأنی دشا؟

''وشا کیاہ آسہِ؟..... قطرِ ہ میلہِ سمندرس ستی ۔ جزشرٕ پہٕ گُلس ۔بیٚیہِ کیاہ سپد؟''

''ژے کوٚرُتھ وون جُملن منز سورُے ختم ۔'' مےٚ ووٗنُس ۔''بڑٕ آسائی سان ہیتھ قطرِچ اہمیتھے ختم گرِتھ ۔ قطرس چھُ پنُن ووٗجوٗد، پنُن دُنیا، پنٕنۍ لَے تہٕ ژھال ۔''

''اوٕ ترٕٹھ چھس پیٚمژ ۔'' سہٕ ووٗتھ دٕ زِتھ ۔

''یہِ گوفلسفہٕ ۔ یہِ چھُ روزان تہٕ سڑان کِتابہٕ نِے منز ۔ حقیقت پسند آس بنان ۔ سپدان کیاہ چھُ؟ اَسہِ کیاہ گُدریوو؟...... تمہٕ سنزٕ زیوٚرٕٹ لاٹھی چارِچ ترٗاے ۔

شیلا جی ۆژھ اَسان اَسان ۔''ۆژھ ہے اوٗشے وولے یوٗری ......''

مےٚ آو یہِ بوٗزِتھ اُسن تہٕ باسے یم ژھوپے روپہٕ سٕنز ۔

رازدان صاب اوس شرارتس منز گوڑٕ ووشلان پتہٕ ووزلان ۔ نارٕ منن ہیوٗ وُہان ۔ پتہٕ اُسس سارٕی نارٕ پھٕٹتھ نیران ۔ اوٗترے اوُسس اکھ اٹیک (Attack) گوٗمُت ۔دوستن منز چھُم نوٗن پھہژُن سُمب یُتے روٗدمُت، دے دی نس صد بی سال وُمبر ۔

مگر شیلا جی باسے یہِ میانٔی ژھوپہٕ عجیب ۔ ژھوپہٕ ہُند تُلہٕ کتُر پھٹراوان ووٗن تمِ: ۔''تہنزٕ ژھوپہٕ چھِ بڑٕ مانے دارآسان ۔ کیاہ تام اَسِہٕ وٕنن

یژھان مگر ونان چھُو نہ.....'' ''نہ........نہَ سو چھےٚ نہٕ کتھ۔'' مےٚ وۄنُس جواب دِوان۔ ''رازدان صاٮ۪بن تہٕ وۄن نہٕ اپُز کنٛہہ..... مگر سوچنچ کتھ چھےٚ یہِ تہٕ زِ پرتھ پوشس چھُ پنُن رنگ، پنٕنۍ نزاکت، پنٕنۍ بوے تہٕ کٔشش۔ تیٚلہِ کیاٗ اوس پرتھ باغس آسہٕ ہن گولابہٕ گولاب یا جاٮ۪فری پھولان...... رنگا رٕنگی چھےٚ پنٕنۍ اہمیت تہٕ عظمت، پنٕنۍ خوٗبصوٗرتی، پنٕنۍ لَے تہٕ تال۔ پہچان چھےٚ اہم..... تہٕ یہِ پچھےٚ مےٚ بڑٕ ٹاٹھ۔ یہِ گژھِ ہمیشہِ موٗجوٗد روزٕنۍ۔''

''ژٕے کمی وۄنُے، ژٕ مہٕ تھاویہِ برقرار۔؟'' رازدان صاٮ۪ب وۄتھ گرہزان، تگِی ہے تھاو تہٕ۔ یٚیلہِ بنگالس تگہِ، ..... پنجاٮ۪بس تگہِ، اٮ۪کس بیٚیس تگہِ، ژٕے کمی کوٚرنے ٹھاکھ! سُے تہٕ چھُ وُن۔'' مےٚ وۄنُس ''موٚٹھ چھےٚ گوڈے بوٗزی تِھ۔ یہے آیہِ وۄنۍ چھکراونہ..... کٔنہِ جایہِ گژھِ گرٕ آسُن، پنٕنۍ زمین آسٕنۍ، یٚیتہِ یہِ رنگ پھاپھلان روٗد تہٕ برابر روزِ...... ہوم لینڈ چھُ ضوٚروٗری نتہٕ ڈلہِ شکلےٚ، مےٚ پیوان مہجوٗر یاد......''

''مہجوٗر..... ؟'' ... رازدان صاٮ۪ب گوٚ کونٹیل وادِ اُسن تراوان۔ یتھ منٛز بے حد ہزل تہٕ طنز اوس۔ پتہٕ وۄتھ تر کھٕسِتھ ''مہجوٗر موٗد میانہِ خاطرٕ تمی دوہہ یٚیلہِ مےٚ سوٗرے تٔتی ترووتہٕ انہِ گٹہِ منٛز ژٕلِتھ آس۔''

''تی سپد۔'' مےٚ وۄنُس دزان دزانٕ۔ ''یٚیلہِ نہٕ اَسہِ زبانٕے روٗز۔ بچارٕ کاٮ۪شرِ شاٮ۪ر کتھ چکارِس چھِ؟'' ''لٔشی لگی تنس میانۍ کٔنۍ ساٮ۪ری ہٕے۔''

سہ وۄتھ بڑ ہٹہٕ۔

تمۍ سُند وولُن وُچھتھ زون نہٕ مےٚ مزید تکرار کرُن مُناسب۔ تس یہِ گُذریومُت اوس تہٕ تہِ اوسُم دیدن تل، پننہٕ نہِ جایہِ اوس شاہ، از نچارٕ ژھوٚر ٹھنٛز ٹھنٛز گوپال!

مگر شیلا جی اوس مرضایۆتتھ تامتھ نہٕ ساٗرے کتھ کنس منٛز واتہِ ہٮ۪س توٚتتھ تامتھ اٚس نہٕ آرامہٕ سان بہان۔ بڑٕ بےٚ قرار اٚس سپدان۔

''توٚہی آسِوٕ مجبوٗرس مُتلق کیاٗ ہتام ونان؟ ....... تمہِ کوٚر سوال۔

''بیٚیہ کُنہِ ساتہٕ۔'' مےٚ وۄنُس کتھ ژٕٹتھ۔

''آ۔ آتی گو جان۔'' اورٕ آیہِ میاٗنۍ آشنۍ کچنہٕ منٛزٕ ژھال دِتھ تہٕ گیہِ ونان۔

''مہ زٕ ٹھراوِیہِ فضوٗل بکواس۔ نیرِ ہ کیاٗہ امہِ تلہٕ.. بتہٕ چھُ تیار، گوڈٕ کھیمو بتے۔''

راتھ اٚسۍ یم اپاٗرۍ آے۔ این۔اے مارکیٹہ کنۍ گاٗمتۍ۔ بوٗزتھے شیلا جی اورٕ انہٕن ہوگاڈ بیٚیہ اِوٗنن ہاکھ تہٕ .....

''واہ..... واہ گیہِ نا کتھ۔'' دوشوے باٗژلگی زیوٚ ٹاس کڈان کُنی کتھِ ونہٕ نہٕ۔'' پننۍ درٕ آم بوزان بوزانے زیوٕ پونۍ۔'' رازدان صاٗبن تھوو کلامہٕ جاٗری۔'' اٚنو بتے دوان، زیوِ چھم لابے پھٹٕ ٹٕرٕ..... اٚنی..... اٚنی..... ژٕ شیٹ ویٹ توٚ تامتھ...۔'' شیلا جی وُژھ۔ ''توٚ تامتھ ہے

کرن یم یہِ اَڈِ ے کتھ پوٗر.....''

''بیٚیہِ گُنہِ ساتہٕ۔'' مےٚ ووٗنُس۔

''نہَ.....نہ..... میأنی دِرے چھوٕ۔''

...سو لٔج ضِد کرنہِ۔ پتہٕ وٗژھ خاندارس گُن، '' توہہِ تہٕ چھوٕ بوٚڈ عاَبا۔ پتہٕ چھوٕ یکدم ژُنداں تہٕ تیزان۔ بوزُن گرٛشہِ سوٗرے۔ مِلی ٹنٹوٗ تُلی بندوٗق تہٕ دیتُکھ سارِنے اَسن ترٛوٗپ۔ توٗہۍ چھِوزِیوٗ ستۍ لاٹھی چارٕج زِوان گٔرِتھ۔ امہِ ستۍ دِمہ وا پننہٕ نِبن دہانن کُلف؟ مےٚ تروولوتی گونژہِ تُلی اُسن۔

توٗہۍ وٗنیوٗس ..... تُہند پھِرِ نہٕ۔'' تمہِ ووٗن خاندارس گُن۔ رازدان صأب اوس تہٕ شیلا جی ہِنز کانہہ کتھ پھِران۔ احساس اوسُس بدتر حالاتن منز تہٕ تھوونس تمی زِندٕ ہ۔

تمی مُژرٕ زِبو۔ '' وُنس سأ.....وُنس..... حضرت مہجوٗر کیاہ چھِ ونان؟'' ''گو چوٗن چھُم اِجازت؟ '' مےٚ ووٗنُس۔ تہٕ دوٚشوٕنی بأژن ہِندِ اَسِنٛج لے سپٕز میأنِس اَسنس ستۍ گُنی۔

مےٚ ووٗنُس۔ '' شیلا جی۔ مہجوٗرن وُچھ دوٚہہٕ اکہِ بِلی بٕچراہ (مطلب بُلبُلاہ) اکھ۔ لیس ژھوگِے کُمی تام ژٕٹِھ تہٕ مُہتھ نیوٚمُت اوس۔ تس اَس پہچانِے ڈُجھو۔ أمی سُند حالہِ بدوُچھِتھ وٗژھ تس بدنس شرأکھ تہٕ ووٗن پنُن نظمٕ۔ ''بُلبُل سُند ژھوگ'' ......پرٕژھان چھُس '' ہیو بلی بٕچریاہ یہِ کیاہ چھے گوٚمُت ہیہِ وتم یہِ رِکتھٕ گٔز رووُے ژھوگ۔''

''زال کُمی لوگُے حال گرٕھ بأوِتھ — پھرٕ کھ تراو حال باو دم سنبھألِتھ
کمہِ ہانزِ روٗٹھکھ نیوٗ ہکھ لُٹأوِتھ — ژٕ ے وُچھِتھ وأنجہِ آیم شراکھ
شوٗبہِ دار گوٗ ندکُمی نیوٗ نے ووہلأوِتھ — لولک تاج کتہِ ترأوِتھ آکھ
زاتھ پرکھأوِتھ ژھوگ نہنأوِتھ — نأگ راینٛدی پأٹھی روٗشتھ دراکھ''

واہ.....واہ..... میٹھی گرٕھس اتھ دہانس کرٕنی۔ شیلا جی آیہٕ وَجدَس منٛز۔'' وَے کھُری چھس کرتام کھُلے مٕژ.....سو گیہٕ داد دِوان۔

امہِ پتہٕ پھیر قبرِ ستانٛچ خاموشی۔ بہٕ روٗدُس یمن کُن وُچھان تہٕ شیلا جی مےٚ کُن۔

سو سپٕز وٕنٛسی گمٕژ کٔنی ہٕش بےٚ حس تہٕ بےٚ حرکتھ!۔پتہٕ وٕژھ یکدم أشہِ دار۔ اکھ اکھ پھیوٚر گو رِکنہِ وسان۔

بہٕ روٗدُس شیلا جی ہٕنزِ ظأہری ہمٕژ تہٕ بأطنی کمزوٗری أندرٕ أندری جمع تفریق تہٕ تقسیم کران۔

رازدان صأب اوس پنٕہ نہِ زوتہٕ وِنہِ أچھی نٕژناوان۔ شٔشِش دٕ رہیوٗ اورٕ یورٕ وُچھان۔



# ولی گُجر

مُشیدِ منز اُسی واریاہ لُکھ نماز پران۔ محموٗد تہٕ ایاز اُسی اَکی ہے صفس اِستادٕ۔ یمن منز نازکی صأب تہِ شأمِل اوس۔

نازکی صأب اوس بڈٕ گاٹُل تہٕ دمدار۔ بوزن والین اِوس اَمی سُند اندازِ بیان پانس کُن مقناطیسی کشِش کران۔ سہٕ اوس اَندی پکھی کینہہ واقاتن تہٕ حالاتن تہٕ زأوِی جارن سنان تہٕ پنہٕ نہٕ آیہِ ابساوان۔ ییتِین نہٕ کانٛہہ کتھ پلہِ پیٛے ہیس، سہٕ اوس نہٕ اصل ترسمجھنہٕ روٗس لوٗب ہوان۔

نماز پرنہٕ وِزِ یم شخص امہِ وقتہٕ مُشیدِ منز اُسی تِمن منز اوس اکھ گُجراہ تہِ۔ پانژِہاٹھ ہیوٚ رُے آسہِ ہے۔ پنہٕ نہِ آیہِ دستار پٹاہ گنڈِتھ۔ زیوٗٹھ زیوٗٹھ دارِ چھجا گرِتھ۔ یُس عبادتس منز غرق اوس۔ نازکی صأبن اُسی بے شُمار اِنسان از تام استانن، مشیدن تہٕ خانقاہن منز نماز پران وُچھیمتی۔ مگر یِتھ نہٕ کانٛہہ۔ باسان اوس سہٕ چھُ پروردِگارس ستی وُنکیس منہٕ کہِ شیشہِ منٛزی بلکُل کُن گوٚمت۔ اُچھی ٹأری اُسس اشہِ ستی ترٕمتی۔ نازکی صأبُن دِماغ گوٚأمس کُن لگِتھ۔

یُتھے نماز پرِتھ سأری نیرِ نی ہیٛتِن نازکی صأب آو گُجرس نکھہِ تہٕ وُنہ

ؤنس، ''چانٛہِ نماز تہٕ عبادت وُچھِتھ سپدُس بہٕ سٮ۪ٹھاه شاد تہٕ مسروٗر۔ مےٚ چھُ باسان اللہ کرِ چانٛہِ ساری مُراد پوٗرٕ۔''

گُجر گو خوش۔ متھ گوس گل قند آپراوِہس اتھ دہانس۔

''کیاه اوسُکھ پنہٕ ؤنس روبس منگان؟''.... نازکی صأبن پرُژھُس بڑٕ دِلچسپی سان۔

''حضرت۔ کیاه ونس؟'' مگر وۄنہٕ نس منٛد چھِتھ ہیوٗ۔

''نہَ۔ بہٕ تہٕ زن بوزٕ ہا۔''

''حقیقت ونہٕ سا۔''

''کیازِنہٕ۔''

''حضرت۔ حقیقت چھ۔ بہٕ زِ بہٕ چھُس عبادت کران۔ دِل چھُ قرار لبان۔ پانٛچھُم لوتان تہٕ اکھ نٔو حرکت چھُس محسوٗس کران۔ بہٕ چھُس مُراد تہٕ خاہِش ہٮ۪تھ کٕہے پہن عبادت کران.....''

نازکی صأب لۄگُس اُچھ وٕٹھری وُچھنہٕ تہٕ گُجر گو ونان۔

''پۄز چھُس بہٕ تہٕ کُنہِ وقتہٕ چھُس اَندرِم امارت تہٕ مُراد جِگر پرأٹتھ پانے نبر نیران۔ اپُز کیازِ ونس۔ از اوسُم ضۄ روٗرتس برونٛٹھ کنہِ پٕنٛن ہلم واہرِووُمت۔ بہٕ چھُس حقیقت۔''

نازکی صأبن دِژ گُجرِس کلہٕ پٮ۪ٹھ نلس تام نظراه۔ تہٕ پرُژھنس۔ ''ناو کیاه چھےٚ؟ کتہٕ چھُکھ روزان؟''

''مےٚ حض ونان چھُس ولی۔ سون مرگ واراه دوٗر چھُس ہیوٚر

ہیؤر بالن منز روزان" سونہ مرگ !......سونہ مرگ.....جانِ تندرُست
اُسی نے ولی بابایا۔ کیاہ ونمے۔ ژ اوسُکھ روبس ستی تیوٚت لین تہٕ کُن گوٚمُت
۔ مےٚ چھُ باسان سہٕ کُرِ چانہِ عرضی پیٹھ ضوٗر زوٗر دستخط۔"
"پوٚز چھُکھ حض ونان؟" .....ولی گُجری پرُژھُس سبٹھاہ خوش سپدِتھ۔
"بِلکُل.....آخر منگان کیاہ اوسُکھ؟" نازکی صائبن کوٚرُس سوال۔
"وُنیتھ کیاہ حض نیربس۔" ولی ین ووٚنیس منزٕ چھِ منزٕ چھِ استہٕ لستہٕ اسان۔
"ونہِ نس چھُیہِ کانہہ حرج باسان؟ بہٕ تہٕ زن بوزٕ ہا۔"
"تیلہِ ونس حض؟"
"یکدم پرارنہٕ روٗستے" نازکی صائب سپُد بےتاب۔
"بہٕ حض اوُسس پنہٕ نِس روبس منگان۔ یمن مٔلی کن دِتہٕ بیاکھ باغا"
کمن مٔلی کن؟" نازکی صائبن پرُژھُس بے حد حأرأنی سان۔
"یُنہِدِس باغس حض چھُس بہٕ رأچھی کران۔ تمہٕ نےٚ حض ٹیِیہِ
کمن ۔؟" "تمہِ ستی کیاہ واتی ژے فأید؟"
"کیاہ حض چھُس ونان؟" ولی گُجری ووٚنُس بڈٕ اعتمادٕ سان۔ "مےٚ
حض بنہِ بیاکھ باغ رأچھی کرنہٕ خأطرٕ۔"
"بہٕ چھُیہِ ژے خبر زِ تم تھاونے ژےٚ یتھ تہٕ رأچھی در۔" نازکی
صائبن پرُژھنس۔
"اِدکس حض تھاون۔ مےٚ کیاہ بے ایمأنی کوٚرسا۔؟ دغا دیُت سا؟
تِمن حض چھِ مےٚ پیٹھ بھروٚسہٕ۔"

""گو یہِ چھےٚ کتھ؟"  ""آن حض۔ یی حض چھُس حقیقت۔" نازکی صأب گوتر ٲبن تہٕ ترٛاہن منز۔ وۄنہٕ نس۔ ""مگر اکھ کتھ ترٛم نہٕ وُنہِ تہٕ فکرِ۔؟"

""کیٛاہ حض؟ وُنس حضٕ"

""تہٕ منگو زِ ہے پنہٕ نِس رو بس  سہٕ دیہِ ہی ژٕیے باغ۔ سہٕ آسہِ ہے چونے۔ مٔلِک کتھ أسی منزٕ انگو۔؟" ولی گجٕر لوٗگ اسنہِ۔ تہٕ وۄنہٕ نس۔ ""یہِ چھُکھٕ حض ولی لیس مخولہٕ کران؟"

""مخولہٕ؟ کیاز ِ؟ نازکی صأبن وۄنہٕ نس کتھِ واش کڈِتھ۔ ""ژٕ کیاز ِ مٔلی کن ہندِ خاطرٕ بیا کھ باغ منگان؟ پنہٕ نہِ خاطرٕ نہٕ کنٛہہٕ؟"

گجری کوٗر اسناہ۔ پتہٕ مُژٕرن زبو۔ ""سہٕ کتہِ حض دیہِ ہے مےٚ۔؟ چھُکھ نہٕ حض ژٕ مخولہٕ کران۔ اِد کیٛاہ؟" نازکی صأب گو اسان۔ گجٕر روو ہیوٗ۔ تہٕ پتہٕ مُژٕرن ہیٛیہِ دہانہٕ۔ ""خاجہِ صأب۔ یہِ چھُس حقیقت زِ دیہِ ہنز رضا ہیٚکہِ کنٛہہ تہِ أسِتھ۔ تس لیس دیٛن آسہِ تس دیہِ پنہٕ نہِ مرضی۔ سہٕ چھا تیٛلہِ پرٕژھان کأنسہِ۔ مگر آدمس گژھِ نا پانس تہِ خبر آسنی سہٕ کتھن چھُ؟"

نازکی صأب گو کُل ہیوٗ أکِس جلیہِ استادٕ روزِتھ۔ گجری شیرٕ پنٛنی ژادرِ پٹ پنہٕ نبن شانن پٹھ تہٕ دیتٕن سلام کٔرِتھ قدم۔ اکھ نظر تہٕ دِژٕن نہٕ پتھ کُن۔ نازکی صأب روٗد ولی گجری ہنزن کتھن ژاپھ دِوان۔ بیٛون بیٛون طریقو پہندی کوٚنجو ژھاران یتھ منز نفسیأتی، سمأجی تہٕ روحأنی نوقطہٕ شأمل أسی۔ سہٕ روٗد گرا اسان تہٕ گرا سبٕطھاہ سنجیدٕ بٔنتھ عجیب سنہِ رن تہٕ ووگہ نیارن منزٕ غوطہٕ دِوان۔



# تچھن

ژھمبرِ ہشہِ آسہٕ میچہ مژ۔

ووٚمایہ بروٚنٹھ کنہٕ اوس سٹو وُہان۔۔سٹوٚہس پیٚٹھ اٚس لوٚکٹ

موٚکٹ منجولہٕ یوٚہکنہ

ہن۔تتھ اندر اوس کیاہتام سوٚتہٕ سوٚتہٕ گژکان۔

ووٚماٚس بظاہر منجولہٕ یوٚہکُنگ سوٚرُے شور بوزان۔مگر سوٚ اٚس اٚندٕری

اٚندٕری کوٚت تام

ژندن گوم واٚتژھمژ۔ٲمی ہندین جذباتن اٚس اکھ بدلے گژکھ لٲجمژ۔گہے اٚسی

پیٚٹھِم یخ تہٕ سرٕ د خیال بون وسان،گراٚسی بوٚنم ژکہٕ تلکہٕ وُشنہٕ وُشنہٕ امار گژکہٕ

ستی ہیوٚ رکھسان۔

ووٚمایہ اوس از کینژٕ وٚری یوٚ پیٚٹھ پانس تہٕ سریندر ناتھس درمیان اکھ

قوٚدرتی رِشتہٕ ہیُو باسان۔ ننہٕ کیاہ سریندر ناتھ اوس کتھ تام دفترس منٛز کاٚم

کران۔ ننہٕ زان پہچان ننہٕ ہیوٚن دیُن۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گییہٕ تس ووٚمایہٕ ہنٛدِس

دفترس منٛز تبدیلی تہٕ اتھ دفترس منٛز یِوان یِوانہٕ گییہٕ تس آشنٲیی مُرتھ۔ ووٚمایہٕ

اٚسی اکھ زٕ وٚری وبد واہ بنیمتِس گمتیٚ۔ لگ بگ یوٚتُے کال اوس تس اتھ دفترس

منز کأم کران ووتمت۔ اما پۆز ژ وُنیک تام ہیۆک نہٕ تٔمۍ سُند دِل کلنسہِ تہٕ زینتھ۔ سریندر ناتھ گو یوان یِوانۍ تٔمۍ سٕندِس دِلس منز جوٗتی شولہٕ نأوتھ، عجیب نارُوہہ نأوتھ یٮ۪یمہِ کہِ ترٛزٕ تہٕ تاوٕ ستی سو أس ہر ہمیشہٕ یہے زن رأومٕژ ہش آسان۔

ووما أس وُنکھٕن تہِ أتھی طُفانس منز ہٮ۪نہٕ آمٕژ۔ سو أس أندٕری أندری پننہٕ نِس پرأنِس خاندارس کیدار ناتھس تہٕ یٮ۪یمس نٔوِس شخصس سریندر ناتھس مُقابلہٕ کران۔ تٔمۍ سٕندِ بُتھیُک رنگ اوس یکدم بدلان۔ أچھ آسہٕ یہے زِتنہِ ہش زوتان۔ سو أس دوتہِ لوٗنٹ کلس پٮ۪ٹھ شیرِتھ پأنۍ پانس ستی مند چھان۔ پتہٕ اوس تس ہٮ۪یہِ رنگ بدلان۔ سو أس پأنۍ پانس ستی اوٗش تراوان۔ سو أس کرہنان تہٕ دم پھٕٹۍ ہش گژھان۔

موٗل بوٗزِو سو أس جذباتن ہندِس أکِس بےٚ پناہ گٹہٕ کارس منز ولنہٕ یِوان۔ یٮ۪یمہِ منزٕ نیرنٕچ سو أس کرٕ کوٗشش کران۔ اما پۆز تس أس نہٕ کانٛہہ وتھ اتھِ یِوان۔ سو أس بار ہا کتھ تام فأصلس پٮ۪ٹھ وأتتھ تہٕ پتہٕ یوہے زن گوٚل ہیُو موٗران۔ تس اوس سونسیار بُتھس پھیران تہٕ سو أس یہے زن عجیب طریقہٕ ژمان تہٕ ہٕرتھ ہش پٮ۪وان۔ گوڈٕ زن آیہِ تس تمہِ دوہہ پأنۍ پانس کھوشکبتھ۔ نتہٕ کیدار ناتھن تہِ کوسہٕ وُلٹہٕ کتھ ونے یہٕ۔ کیدار ناتھ! تٔمۍ سُند سأمی، موم ہیُو نرم تہٕ شیشہِ ناگ ہیُوشیتل، گاٹُل تہٕ دوٗر اندیش۔ تس زن أس خبر زِتس چھنہٕ زیادٕ کالس زِندہ روزُن۔ سہٕ اوس وِزِ وِزِ امہ عجیب و

غریبِ احساسُک اِظہار کران۔ تمہِ دوہہٕ تہٕ کریوٗ تِمی یوٚہے احساس ظأہر مگر ووٚ مایہِ ہندی طعبیتن بنووا اکھ نوٚوُے افسانہٕ۔ کوتاہ أس ووٚ ماتِمس پژھان تہٕ سہٕ ُلس۔

تمہِ دوہہٕ أسی وُنہِ تِمن کینژے ربتھ کھاندرس گأمتی۔ مونجھورٕنی تر أس وٗژھمٕژ۔ یوٚہے کاہ باہ بجے وکھ اوس۔ رأژ اوس پنہٕ نبو قداور سایو ستی پژتھ کُنہِ نال ووٗلمُت۔ کیدار ناتھ اوس شانہِ گُنڈِس ستی ڈوٗکھ دِتھ کوسہٕ تام ناول پران۔ ووٚ ماأس بیٚیس طرفس کُن ہہتھ بٔنیان

دونان۔ یکدم دراو کیدار ناتھ نہِ دہانہٕ منٛزٕ اکھ زیوٗٹھ ووٗش۔

''ووٗش کیأزِہ ترووٕ؟'' ووٚ مایہِ ژوٗل وژھِ وأنجہٕ نیرِتھ۔

کیدار ناتھن دیُت نہٕ کانہہ جواب۔

''ونان کونہٕ چھِوٕ؟'' ووٚ مایہِ پرُژھُس بیٚیہ۔

''کُنہیں نہٕ......''

''نہٕ میون مرُن چھُو پوٚزُے وُنو......''

''لیکھن وألی چھِ اکھ کھوژٕونی کتھ لیچھمٕژ۔''

''نہٕ أخر کیاہ؟'' ووٚ مایہِ پرُژھنس بڈٕ حأرأنی سان۔ تہٕ کیدار ناتھن ترأو ناول اتھِ منٛزٕ تہٕ لوٚگُس ونہٕ نہٕ۔

''یہِ چھُ مے ہیوٗ اکھ شخصا آسان۔ أمی سٕے چھُ میأنی پأٹھی

لوکچارِ ہے مول مران۔ سوُرے گرُک بار چھُ اُمۍ ہے پیٹھ پۄان۔ تمام مُصیبت تہٕ دوکھ چھِ اُمِس بوٗ گنٕ پۄان۔''

''پتہٕ۔''

''شامس صُبح تہٕ صُبحس شام کٔرِتھ چھُس بہٕ ٹیوشن کران آسان۔ تہٕ اُتھی کھرِ لد زِندگی منز چھُس ماۓج تہٕ مران۔ لوکٹین لوکٹین باین چھُ یو ہے مول تہٕ یو ہے ماۓج بنان۔''

''پتہٕ؟'' وومایہِ پرُژھنس زیوٗٹھ ووش ترٲوِتھ۔

''پتہٕ چھُ اُمِس کھاندر سپدان۔ زنان چھُس رٕژ پۄان۔ وُمرِ ہُند دوکھ تہٕ دود چھُس مُشراوان۔ تس چھُ جاۓنی پاۓٹھی ووماناو آسان......''

''کاۓژاہ چھُ یہِ کتھ توہہِ سٕنٕ میلان۔ زن چھےٚ لیکھن وٲلی ٹُنہٕزے کتھ پچھہٕژ...... اچھا تمہِ پتہٕ؟''

کیدارناتھس گیہِ ژھوپہٕ، پتہٕ ترووُن زیوٗٹھ ووش۔

''ووش کیازِ ترووہ؟'' ووماۓہِ ژٕول یکدم نیرِتھ۔ تس زن گو یہِ جِگرس سٕنِتھ......''

''ونان کونہٕ چھِو؟'' تمہِ پرُژھُس بیٚیہٕ۔

''کِنہیں نہٕ......''

''نہَ میون مرُن چھُو۔ پۄز نے وٕنو توہۍ چھِو کیاہتام ژوٗرِ

تھاوان۔''

''بس وو.....ووں چھِ وومہ وبدواسپدان.....''

''وُچھ کتھ گُن ہوو نو۔'' وومایہِ وۄتھ جیرٕ ہیُو۔

''چاۂنۍ درٕ ے۔ایشرزانہِ یہِ احساس کیاۂ زِ چھُ مےٚ زیادٕ زیادٕ گنان۔
مےٚ چھُ وُنۍ کنبگ وکھ اکھ سوٚپنہٕ مایا ہیُو باسان۔مےٚ چھُ باسان انیک خوٚشی
تہٕ مسرت چھےٚ نہٕ مےٚ زیاد
کالس وُچھنۍ۔ وونۍ اوس سورُے پوٚزُے۔سونچان چھُس ژےٚ کیاۂ بنی؟''

''یہِ ییتھ قسمتس لیکھتھ آسہِ۔'' وومایہِ دیُت پھُٹرِتھ وُتھو
جواب۔جوابس ستۍ دراو اکھ سرٕ دووش اَنہدِ اَسہٕ۔

کیدار ناتھن تھوٚو کلام جأری۔

''پوٚز بوز کھِ۔یہٕ ونے اکھ کتھ۔ژٕ گری زِ کاۂسہِ جان اِنسانس ستۍ
کھاندر نتہٕ روزن مےٚ پژان یوٗرۍ گُن۔یہٕ ہیکہٕ نہٕ یہِ چون گُنبر ڈٕ رِتھ۔''

وومایہِ زن ؤ ے نہٕ یہِ کتھ۔تمہِ دیُت کتھِ بیا کھ وولہٕ گتُن۔

''صاف کونہٕ چھِو ونان یہٕ گرٕ ہس پنہٕ نہٕ زیوٚ وتھ۔یتھےٚ یہٕ مرٕ ہ ژٕ
گری زِ خاندر.....''

ہاہاہا..... کیدار ناتھن ترووٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اسُن۔

''اسان کیاۂ زِ چھِو؟''

''سونچان چھُس ژٕ کأژاہ سیٚز چھکھ۔ نتہٕ روزاہ بہٕ چاأنی ہے ونہٕ نس پتہٕ تأبیا۔ از تاأنی کُس روٗد۔ اِنسان چھُ اکِہ اکِہ سکنڈٕ پتہٕ بدلان۔ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ سکنڈ چھُ تُمی ہٕندِ پاژ صحی ترجمأنی کران.......''

ووماہِ آیہ نہٕ اتھ کتھِ ہٕتی کانٛہہ برابری۔ تس باسیوو زِ کیدار ناتھ چھُ تُمی ہٕندِس لولس تہٕ

موحبتس پیٹھ شک کران۔ عجیب اندازس منٛز اُنٛجِ یہے روٗشتھ ہیُو ونہٕ نہٕ۔

''ایشر گوٚژھ بوزُن۔ بہٕ گرٕہس مرٕنی۔ یِتھے ژٕ ئو مہرٕنی ہیتھ یِہلھ بہٕ سوٗزٕ ہے اکھ نفیس توحفہٕ.....''

''توحفہٕ؟''

ہا ہا..... کیدار ناتھ لوٚگ اسان اسان تس پرٕژھنہِ : مگر یوسہٕ موٚہرٕ آسہِ سو کتھٕ پأٹھی سوزِ توحفہٕ.....؟''

ووماأ گیہِ کُنٛج ہش۔ تس توٚگ نہٕ کانٛہہ جواب دیُن۔ سو یوٗت اتھ مُتلق گیہِ سونچان تیوٗت آو نہٕ امہِ وکھتہٕ تس کانٛہہ جواب۔

دوٚیمہِ دوہہٕ یُتھے کیدار ناتھ شونگنہِ کُٹھ ژاو ووما وُچھن أکِس ڈبس منٛز کیاہ ہتام شیران۔

''یہِ چھوٚ خبر یہِ کیاہ چھُ؟'' ووماہِ ووٚنُس۔

''خبر؟''

''یہٕ چھُ میون توحفہٕ۔ یُس بہٕ توہہِ نۄس کھاندرس پٹھ پیش کرُن چھَس یژھان۔

''بڈٕ نفیس..... ہاہاہا..... گوژ أسکھ یِی ڈٔہ دوہس سوچان۔ ووٚنۍ کیاہ چھُ اتھ پٔڑھِتھ

پٹھ لیکھِتھ تہٕ ون۔؟''

''تہٕ بنہٕ نہٕ وُنن۔ بہٕ روزِ ہر یوٚتام بہٕ مرہٕ۔ یہٕ روزِ یتھ ڈبس منٛز بند۔ یُتھُے سو وِز واتہٕ تمہٕ دوہہٕ نہٕ وہ پانے۔ اکھُے گرٛشہِ سو تہٕ پرٛناوِنۍ''۔

''کو سہٕ؟'' کیدار ناتھن پرٛژھُس بڈٕ حأرأنی سان۔

''یوسہٕ دِلس منٛز جاے گرِتھ چھےٚ۔''

کیدار ... س توٚگ نہٕ کینٛہی وُنن۔

وومایہٕ تہٕ دیُت دماہ پٔہرس۔ پتہٕ ووٚنہٕ نس۔

''اکھُے توٚہۍ تہٕ دیتو یُتھُے کانٛہہ توحفہٕ.....''

''بہٕ؟''

''توہہِ کیاہ کانٛہہ حرجہٕ چھا؟''

نہٕ۔ اما پوٚز۔ ونان کیاہ چھکھ ژٕ؟''

کیدار ناتھ لوٚگ وومایہٕ ہندِس بُتھِس کُن تھلہٕ تھلہٕ وُچھنہٕ۔ پتہٕ پرٛژھنس۔

''ہرگاہ تۍ سپُد؟''

''کیاہ؟''

''یی۔'' کیدار ناتھن تروو وۄش۔ ''دۄپمے ہے مےٚ چھُ نہٕ زیادٕ کالس زِندٕ روزُن۔''

وۄماأس نہٕ یہِ یژھان بوزُن۔ تس زن ۄژھ داأدی واأدہش۔

توہہِ چھُوٕ نہٕ مے پٔتھ شاید بھروٗسہٕ۔ ''سو گیہِ ونان۔ زنان چھِ اکہِ لٹہِ أکِس مردس دِل دِوان، یژھان تہٕ زُو وندان۔ باقۍ گیہِ مجبوٗری۔ مےٚ چھَ نہٕ تمِچ کانٛہہ مجبوٗری باسان۔ بہٕ چھَس پرٕہرِتھ لیچھِتھ بی۔اے۔پاس۔ بہٕ ہیکہٕ آنہٕ ژور کماأوِتھ۔ توٚہۍ یُس توٚھہٕ دیو سہٕ روزہ تتھے پأٹھی یۄ تام بہٕ ژبتایہِ کھسہٕ۔ یمہٕ دوشوے چھِ دزن میاأنس پانس ستی۔''

وۄماگیہِ اکی شہٕ واریاہ کینٛہہ ونان۔ تمہِ بنووٕ یہِ مامِلہٕ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ سنجیدٕہ۔ یہِ زن تس دوٕہے عادت اوس۔ سو گٔژھ کیدار ناتھس پتہٕ۔ تہٕ أخرس سپُد کیدار ناتھ تہِ پنٛن توٚھہٕ دِنس پٔتھ مجبوٗر۔ دوشوے توٚھہٕ یانے دوشوے چھِ آیہِ أکِس ڈبس منٛز تھاونہٕ۔ تہٕ ڈبہٕ آو المارِ منٛز تھاونہٕ۔

وۄمایہِ اوس پننہٕ نِس پانس پٔتھ اعتماد تمۍ أسۍ نہٕ ہتھ طُفان وُچھِتھ تہٕ ازتام زانٛہہ شِکست کھیٚمٕژ۔ یوٚہے شِکستُک احساس اوس تس پنٛن فاصلہٕ بدلاونس پٔتھ مجبوٗر کران۔ تہٕ اوس پرٕتھ کانٛہہ یژھان سو گژھہ دُبارٕہ کھاندر کرٕنۍ۔ بوے، بأے کانٛسہٕ تہِ دفترٕکۍ ساأتھی تہٕ پرٕتھ کانٛہہ۔ سریندر ناتھ تہِ

اوس تیار۔ مگر وومایہِ ہنٛدِ ذہنک ژۆر اوس اتھ سأری ہے رٔنگین سۆ پنس لُرِہ پار کران۔ سو أس فأصلس پٮ۪ٹھ وأرِتھ تہٕ پنٕنِ فأصلہٕ بدلاونس پٮ۪ٹھ مجبوٗر سپدان۔

از گٔیہِ ووٗنی واریاہ دوہ۔ راتھ أس یور وأژمِژ۔ سو ژایہِ کمرس منٛز شونگنہِ تس اوس پان ژھیوٚنمت تہٕ لوٗسمُت ہیوٚ باسان۔ سو أس از بٮ۪یہِ دفترس منٛز فیٖنیٹ گٔمِژ۔ درُس دفتر اوس ژٔستھ آمُت۔ سریندر ناتھن اوٗن کتہِ تام دوان دوان تریشہِ رِگلاسہٕ وومایہِ میوٗل سہارٕ۔ تس أس نہٕ وُنہِ کیٚنہ تہِ پنہٕ نِس پانس کانٛہہ ہیکتھ باسان۔ سو أس سہارٕ ژھاران۔ سہٕ سہارٕ ہٕیمی زن سریندر ناتھن روٗپ دورمُت اوس ۔ سو أس اتھ سہارس تھف دِنٛچ کوٚشِش کران۔ اما پوٚز تس أس بٮ۪یہِ زبردس ہار باسان۔ اکھ عجیب ہار۔ یوسہٕ نہٕ تمہِ شبیتہِ گرٕ پٮ۪ٹھٕ پٮ۪تھ تہِ زانٛہہ قبوٗل گٔرمِژ أس۔

وومایہِ دیُت ودان ودان وتھرِنس پٮ۪ٹھ پان دأرِتھ۔ لبہِ پٮ۪ٹھ اوس کیدار ناتھن فوٹو' الونٛدٕ تتھ أس گردِ بلاے کھٔژمِژ۔ سو گٔیہِ خوشے زِتس آو نہٕ تُسند بُتھ لبنہٕ۔ مگر ستی باسے یِس یہِ شِکستٕچ بٔڈ علامت۔ سو وٕژھ پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھی تھوٚد فوٹو وولُن بون تہٕ اتھ دیُتُن دوتہِ لونچہِ ستی پھش۔ باسان اوس زن تہٕ سو أس پھش دِوان ونان۔ "نہٕ ..... یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ ..... نہٕ"

کیدار ناتھن زأوٕیٖل زأوٕیٖل بُتھ دراو پھٔٹِتھ ۔تس باسیوسہٕ پراژ

ؤہرِ ؤہرِ اسان۔ سو ہیٚچھ نہٕ یہِ برداش کرِتھ۔ شِکست مانہٕ نہٕ کَس جذبس
پیٹھ پرٕ دتھاأوِتھ تہِ باسے یہِ تس شِکس۔
تس ہیٚتِن بڑِ بڑِ گتی گژھنہٕ۔ پُہرا گو تہٕ سو ؤژھ تھوٚد۔ تمہِ کرِہ یمہٕ ذہنہٕ چہٕ
ہتھکرِ پھٹراونچ بٮیہٕ کوٗشش۔ تس باسیوو پنٕن پان واریاہ کمزور۔ تمہِ سوٗنچ۔
''تس پزِہ ہنا بوہدُربنٕن۔ تس پزِ چٹھی مژراوِنی۔ کیاہ آسہِ اتھ منز
لیکھِتھ؟..... کیاہ آسہِ؟ ..... یہِ آسہِ تہٕ تہِ اُسی تن ....... تمہِ ستی کیاہ گژھِ۔
سہٕ چھُ تھوڑٕہے زِندٕ۔ بہٕ پرن یہِ چٹھی۔۔۔ کیاہ آسہِ اتھ منز لیکھِتھ۔۔۔''سو
ئژ الماریٕ کُن پکنہٕ۔ تس زن دیُت کھورو جواب، تٔہندِ دِلچ حرکت ئژ تیزنہٕ۔
پھوٚر گوس گراہ گراہ تھوٚد ؤتھِتھ۔ تس باسیوو پنٕن پان بوٚڈ گوناہ گار۔ بوٚڈ
اپزیور۔''نہ..... نہَ..... یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ ..... یمہٕ دوشوے چِٹھِ دزن
میانہِ ژبنتایہِ پیٹھ.....سو آیہِ الماریٕ مُژراونے بسترس کُن۔ بجلی کرِن
ژھینہٕ۔ یکدم ہیژِن کلہٕ نلہٕ لیف تہٕ ئژ بڑٕ ہمژٕ سان پنہٕ نس راٰوی ئتس
دِلس سنبھالہٕ نہِ۔ بٮیہٕ کنٛہہ دوہ گزریہِ۔ وومایہِ ہیوٚت سریندر ناتھٕ نوٗ نظرو نِشہِ
دوٗر روزُن۔ تمہِ بدلٲو پنہٕ نہِ بہنچ جاے تہِ۔ اما پوٚز سو یوٗت یوٗت سریندر
ناتھ نوٗ نظرو نِشہِ دوٗر ژلان روزِ تیوٗتے اوس کیدار ناتھٕن توجہٕ تمی سُند دِل زیادٕ
زیادٕ ژتان۔ سو آیہِ یہِ ؤچھ زِ تہِ یہے زن پھٹنس ہش۔ ژیُہہ کڈُن بنیو تٔہندِ
خاطرٕ مُشکِل۔ ژوٗوہ پُہر اُسی تس یہے چِٹھی ذہنس اُڈرِتھ روزان۔ اکھ کاغذ

رژھ ہنے یہِ تِہنٛدِ خاطرٕ ووبالہِ جان۔

شامُک وکھ اوس۔ ووماےِ ہنز بأے کاکنہٕ، تٔمی سُند برادر تہٕ تِہنٛدی شُری أسی کوٚت تام ژٔمتی۔ ووماےِ اوس دانس تیوٚنگل ژھُنمت۔ گژھ أس وُہان۔ ووماےِ ہُند بدن تہِ اوس گژھِ ہندی پأٹھی دزان۔ سوٗ أس وُنی کبس تہِ یِی سونچان۔ سو أس ذٔہنچہِ ہتھکرِ ژٔٹتھ آزاد یژھان گژھُن۔ یکدم آو تس خیال۔

"مےٚ پزٕ آزاد سپدُن۔ مےٚ پزٕ یہِ چھٔژھی تباہ کرٕنی۔ مےٚ پزٕ یہِ ڈبہٕ ڈٔری یاوس ژھُنُن۔ زالُن۔ بُرباد کرُن۔ بہٕ گژھہٕ آزاد۔ بہٕ لوتہٕ ہش۔ دیٚو مےٚ یہِ نٔیدٕر۔ مےٚ ووت ووٚنی کوٚت کال نٔیدٕر کرٕنیے۔۔۔" سو وأتژ دوان تہٕ لاران کُٹھ۔ المارٕ مژرُن بر۔ سو ژٔھ یہِ ہیچو ڈبہٕ ہتھ پوٚت کھوری واپس۔ تس زن اوس مژر ہیوٗ آمُت۔ تمہِ وُچھ نہٕ بِلکُل آس پاس کُنہی تہِ۔ یکدم دیُتُن یہِ گژھِ منزٕ بٔرتھ۔ اما پوٚز تس ووٚتھ زیادے تچھُن۔ زیادے تلواس۔" خبر اتھ منزٕ کیا اوس؟ یٔ نہٕ .... نہٕ ..... یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ مےٚ پزٕ چھٔژھی پرٕنی۔ مےٚ پزٕ یہِ توحہٕ وُچھُن۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ امہِ بغٲر أکس مِنٹس تہِ زِندٕ روٗزِتھ ......"

تمہِ ژھُنٛژٕ دانس منزٕ۔ بِلکُل پاگلہٕ ہندی پأٹھی۔ تمہِ کوٚڈ کمو تام

زورو یہِ ڈبہٕ واپس۔ ہچہٕ اوٚسن نیٛپرٕ ہیوٚتمٕت نار۔ تمہٕ کوٚر یہِ کتھ تام پأٹھۍ
ژھیٚتہٕ۔ تٔمۍ سٔندی اتھٕ پیٚیہٕ وارے دٔزِتھ۔ اما پوٚز تمہٕ اوس یہِ ڈبہٕ مُژراوُنٕک
قصد کوٚرمُت۔ تمہٕ مُژُراتھ ٹھانہٕ۔ چِٹھ زٕ آسہٕ سرتازٕہ۔ تمہٕ کھوٚلۍ گوڈٕ اکھ
چِٹھۍ۔ یہِ أس تٔمۍ سٔنز چِٹھۍ یوٚسہٕ تٔمۍ کیدار ناتھ نہِ خأطرٕ تھوٚوٕمٕژ أس۔ اتھ پیٹھ
آسہٕ ژور سٕطرٕ لیکھِتھ۔ یم آسہٕ بِلکُل نَنہِ۔ پرِتھ کانٛہہ سٕطر أس ٹھیک
پأٹھۍ پرنہِ یوان۔ سوٗچ اکھ اکھ سٕطر پرنہِ تہٕ پأنٕ پانس ستۍ یہِ اندازٕ لگاونہِ زِ
کیدار ناتھن کیاہ آسہِ لیوٗکھمُت۔ تمہٕ کوٚر پٔتِن پان پرِتھ کینٛہہ بوزنہٕ خأطرٕ
تیار۔ تمہٕ ہیٚژ ووٚنۍ کیدار ناتھنۍ چِٹھۍ مُژراوٕنۍ۔ تس ژایہِ اتھن نٹھ نٹھ۔ زنگہٕ
لجس نٹنہِ۔ دِل ہیوٚتنس راوُن۔ أچھن زن سوریوس گاش۔ چِٹھۍ آیہِ
مُژراونہٕ۔ چِٹھۍ أس خألی۔

وومایہِ ہِندِس دِلس لوٚگ اکھ بوٚڈ زٕلہٕ بوٚک۔ سو آیہِ سرٕٹھ گرِتھ
ووٚرکاونہٕ۔ زن تہٕ کاوجوٗ أس تٔمۍ سٔنز لاش ژھینتایہِ پیٹھ کھارمٕژ۔



# ہم سفر ہپی جوٗرۍ

یہِ سفر اوس واریا عجیب۔ کینٛژھا نابد نابد، کینٛژھا ٹٹھٕ وبن ٹٹھٕ وبن۔ تِمو واریاہو لوکٹو بڈو سفرو نِشہِ مُختلف یُہند سفرات وُنہِ تہِ مےٚ پرٛاژن دود ووتلاٚوِتھ انان چھُ۔ اکھ عجیب کیفیت چھُس بہٕ موسوٗس کران ییلہِ بہٕ یہِ سوٗرے ژٕتیس پاوان چھُس۔ سو ریشمی سُنسُنی (sensation) یوسہٕ مارِیایہِ مےٚ منٛز ووتلاو۔

بسہِ منٛز اوسُس بہٕ کُنے کاشُر۔ مےٚ بروٗنٛٹھ کنہِ آسہٕ گوڈنچن ژون پانٛژن قطارن منٛز اِر ورٕ زٕ ترٛے بنگالی فیملی بہِتھ۔ بچہِ کھیٚچہِ ہیتھ چکرس درامژٕ۔ مےٚ کھووٕرۍ طرفہٕ اَس اکھ ہپی جوٗرۍ دون سیٹن پیٹھ بہِتھ۔ مےٚ دٔچھنہِ طرفہٕ دارِنکھ اوس اکھ اڈٕ ورٕ اِنسان، کانٛہہ ہیٹ دِتھ، مزازن یو ہے اوٗرۍ نہٕ یوٗرۍ ہیو۔ ہاں تہٕ ہاں رژس دراو نہٕ یورٕ اردا ہن گھنٹن ہندِس سفرس منٛز تمی ہنٛزٕ زیٚو منٛزٕ بیٚیہ کنٛہہ۔ پتہٕ کنہِ آسہٕ بیٚیہ باہ ترٕ واہ سوارِ بہِتھ یُہند بُتھ اَسہِ بروٗنٛٹھمہِ سوارِ وسہٕ وُن کھسہٕ وُنے وُچھِتھ ہیکہٕ ہان۔ تکیازِ سیٹن منٛز

کُرسی آسہٕ جان۔ شوٗبہ دار۔ یژھہِ بمبیہِ اندر سارِنٕے ڈی لکس بسن آسان چھےٚ۔ شانو طرفہٕ آسہٕ یمہٕ سیٹہٕ پٔتی کِنۍ واریاہ تھوٚد تہٕ پتھ کُن وُچھُن اوس محال۔ ووٗنۍ گوٚیمن سوارن ہنز کتھ باتھ بوٗزِتھ اوس باسان یمہٕ تہٕ چھِ نہٕ اکی جایہِ ہنزٕ ہٕلۍ کہِ مُختلف جاین تہٕ پردیشن ستی توٲلق تھاوان۔ مٔنزی اَس تتھٕ پٲٹھۍ کتھ کتھ گژھان، بہٕ اوٚسُس اکھ عجیب لُطف موسوٗس کران۔ خیال اُنۍ تو پاٚنس منز چھِ ڈوٗنۍ۔ تہٕ اتھ چھُ کُس تام اتھٕ ستی ساران۔ زنانہِ دے کوسہٕ بوٗلی اٚسی بولان۔ یٚیمہِ ساتہٕ پاں نُٹس شروٗنی گژھِ ہے مےٚ اوس باس لگان زِیمہٕ پانژھ شےٚ سوارِ چھےٚ کتھ باتھِ منز مصروٗف۔ بیٚیہٕ زٕ ژور سوارِ آسہٕ شاید یک نفری۔ تہٕ اوے آسہٕ زیادٕ تر خاموشی۔

ڈرایور اوس عام ڈرایورن برعکس کمے پہن پتھ کُن سوارن کُن نظر دِوان۔ تس اَس ژف گٔنی۔ فی سوارِ نش اوٗسن جان رقم روٚٹمُت تہٕ نوِ سوارِ کھارنچ اٚسس نہٕ کانٛہہ گُنجائیش۔ کلینر اوس عام کلینرن ہندی پٲٹھی گراٚتہٕ مہ سیٹہِ پیٚٹھ بہان گرا بروٚنٹھٕ کنبتھ اِنجنس پیٚٹھ بہتھ ڈرایورس ستی لوٚتےٚ پھسرارے کران۔ ہپی جوٚری اُس خوش۔ پنٕہٕ نی پٕرٕی شہِ ستی مگن۔ بہٕ روٗدُس مٔنزی مٔنزی یمن کُن وُچھان۔

بروٗنہہِ بنگالی سوارِ آسہٕ پننہٕ نہِ زبانۍ منز اکھ اَکس ستی ہم کلام۔ اَکی زٕنۍ کجہٕ ٹِکٹہٕ تہٕ دِژن بٔیس اتھِ۔ تمۍ کٔڈ ڈایری تہٕ کٔرن نمبر نوٹ۔ یہِ آسہِ ہے ژٕہم ہٕم پھیرِ یٚیلہِ یم ٹِکٹن ہُند حساب کران روٗدی۔ بلایہِ

آیہِ اَتھ L.T.C ہس پۄرٕ سفر چھُ یِمن مرکزی سرکارٕکین مُلازِمن ٹِکٹن ہُند حِساب کِتاب تھاونس منز پۄنٛدی نیران۔ مُنزی مُنزی اوس یِمن حِسابس منز مگالتہٕ گژھان تہٕ پانہٕ وٲنی تکرار تہٕ سپدان۔ مگر آخرس اوس گوسٲنی آیہِ بنگالی کلام کران تہٕ یِمن اَس ژھوپہٕ گژھان۔ یہٕ اوس بلکُل مہاتما ہیوٚ۔ تہٕ ساری بنگٲلی اَسی اَمِس بڑٕ یزتھ کران۔ ہِپر نہِ زول سِگریٹ تہٕ اُلجی دام دام دِنہِ۔ مےٚ کوٚر نہٕ خوش۔ یہٕ نہٕ بسہِ منز کیاز چون سِگریٹ۔ اما پۄز زنان اَسی تِن پٲنٛچ یا نیٛبرِم اَمی سُند سِگریٹ چوٚن چھُ یوٚ ہے عجیب باسان۔ کھوٚش کھوٚر رہیوٚ۔ ہِپی اوس ڈبل ژوچہِ ہنزن سلائیسن تھٔنی متھان۔ تہٕ ووزلین ٹماٹرن ژھیہٕ کرِتھ دون دون سلائیسن منز بران۔

بڈٕ کُشادٕ بس اَس برٕتھنی ہِش دوان۔ شامُرن اوس پٹن سلیٹی رنٛگ ژووپٲری چھکران تہٕ واہران۔ بسہِ منز بہتھ اوس پۄرٕ پاٹھی باس لگان زِ سڑک چھِ تیلہِ پھیٚرٕ رہِش۔ مےٚ اَسی بانہالہِ سڑکہِ ہندی وُتار یاد پیوان۔ ییٚتہِ بہ ٕ ناشری نِشہِ اَکہِ پھرِ ستن اَٹھن دوہن بند گوس۔ خٲر بس روز بمبیہِ پٔتھ گواکن دوان۔ بہٕ روٗدُس منہٕ اندری گواکین لُکن ہندِس لسہٕ نس بسہٕ نس مُتلِق سونچان۔ اتھی موشوٗر گرجاگر تہٕ مندر، پُرتگیزی تمدٕنکی اثرات اکھ خیالی ریل ہِش میانہن دیدن تل ووتلان۔ یہٕ اوُسُس نہٕ امہِ برونہہ اور گوٗمت۔ مگر بوٗزمُت اوُسم داراہ..... اِتیٛچ زبان چھِ کونکنی یوسہٕ بوزٕنی بڈٕ خوش چھِ

کران۔ میون ذہن رۆد ووٚنی سمندر ِکس باڑوس منٛز غرق سپدان یُس سفرس دوران درینٛٹھی آوتہٕ ساری ہے گواہس لرِ لوٚر چھُہ۔ ڈونوتہٕ پولاتہِ سپدی سمندر ِکس پھاٲلاوس پیٚٹھ فِداتہٕ سپدی أتھی منٛز جذب۔ کوتاہ چھُ آدمی وہٕ ہارس تہٕ طریقہٕ کارس منٛز جوٚغرأفیأیٔ انہاروتہٕ حدوٗد و مُختلف آستھ تہِ اکھ ہشر بخشُمت۔ ڈونوتہٕ پولا۔ اکھ گاڈٕ ہانٛز لڑکہٕ تہٕ بیاکھ أکِس گورنرٕ سٕنٛز شکیل کوٗر۔ یٚیلہِ یہٕنہدِ عشقچ داستان رزن کھٔرٕ، دوشوٕے کٔر خودکشی۔ سمندرس منٛز پھاٹوٗکھ پان۔ بہٕ اوسُس تصورس منٛز یہٕنہٕز شکل وصوٗرت انان یٚیلہِ بڈٕی سمندرن تمہ نالہٕ متہِ رٔٹی۔ سمندر چہٕ تتہٕ مخصوص جایہٕ چھِ گواہس منٛز تتہِ پیٚٹھ ڈونا پولاہے ونان۔ تہٕ ساکہٕ مُتی چھِ یہٕ جاے وُچھنہِ ضوٗرروٗرگرشھان۔ مے اوس یہٕ سوزٕے پوٚرمُت۔ اور وأتتھ اوسُم جاے وُچھنک سٕٹھاہ اِشتیاق۔ {What place is this?} ہٕنٛز وٕژھ مے کُن بسہٕ منٛز۔ مےٚ توٚگ نہٕ کنٛہہ وُنُن۔ "yes please" سوٕ وٕژھ بیٚیہ۔ "I dont know" مے ووٗنُس در جواب۔ تہٕ پزرتہِ اوس یی۔ مے أس نہٕ خبر سأنٛی بس کوٗت چھِ وأژمٕژ۔ بہٕ اوسُس اتھ وتہِ پیٚٹھ یتھے مُسافریژھ سوأس۔ ہپی ین پلنو وہپی نہٕ بیاکھ سگریٹ۔ تمہِ مورکش۔ دٕہس ستی ستی ہیرٕژن مٔنٛزی مٔنٛزی رہنہٕ تہٕ کھسٕنی۔ مُشکٕ تہٕ اوس یِوان۔ ہپی ین اوس شاید سِگریٹس منٛز چرٕس تہٕ بوٚرمُت۔ ہپی نہٕ ہنٛز أچھ لجہِ زوتنہٕ۔ تہٕ تمی سندِس بُتھس پیٚٹھ ووتلیو وبدلے خُمار۔

ہٕنز اَس بڈٕ خوٗبصوٗرت۔ قزاخ تیر ہش۔ مس اوٗسس پوٹ ہیو۔

ؤچھِ ؤچھِ اَچھ ییمن منز یک بُلبُل ہزار داستان پوٗشید آسی۔ میروٗن رنگہٕ پلو

اَسس زیادے پُرکشش بناوان۔ مأل کن اوٗسس سوٗرے بخشمت مگر امہِ

آوارٕ گی سوٗرے راوٕ رووٗمت۔ خبر ناو کیاہ چھس؟ یہ اونس ماریا۔ یہ یوٗرپی ناو

چھُ مے سبٹھاہ پسند۔ اَمی سُند سراپاتہِ چھُ یی ونان زِ یو ہے ناو چھُس برحق

تہٕ برمحل۔ ہپی اوس اَمس مُقابلہٕ ژھوٚٹ اوٗنُر کھوٗنژُر۔ مس ووہلاوِتھ۔ خبر

یہٕ آوارٕ روٗسی کٔٹ کتھ پٹھ چھِ اَمس پٹھ فریفتہٕ گمژ۔؟ یہ سمجھُن اوس

مُشکِل۔ شاید اوس یتھز آوارگی تہِ ذہنی پراگندگی منز ہشر۔ نتہٕ کیاہ دپان

مغربس منز چھُ انہٕرش کورِ سرمایہٕ دار بُڈن ستی کھاندرکرنس ترجیح دِوان۔ وجہ

چھُ ظأہر۔ مگر یہ ژھوٚٹ ہپی چھُ نہٕ بُڈ۔ یہ آسہِ کأنسہِ سرمایہ دارٕ سُند نیچو۔

ڈوناپولا۔ موچیتج اکھ تصویر۔ تہٕ یہ ہپی جوٚرِ بیاکھ نموٗنہٕ۔ ربس کھنڈس روزن

یکہٕ وٹہٕ۔ ہپی ہیبہِ ہنز وتھ۔ تہٕ ہٕنز ہٕنز۔ مشینی زندگی چھُ یہُند اَندرِم اِنسان

مورمُت۔ شرم تہٕ حیا مُہتھ نیوٗمُت۔

ہپی نہِ ہُند سگریٹ چوٚن کھوٚت نہٕ اَمس جوان بنگأل بایہِ تہٕ

ٹارِ۔ ساڈِتلی کوٚرُن ختم۔ اَمس ستی یوسہٕ بیاکھ اڈٕ ورٕ زنان اَس تس اَس بچہٕ

ہتھ ووٗنی نرِ تھچمژ۔ تمہِ پلنو یہِ خاندارس کُن لیس بروٗنہہ شنے ستھ وُہر نیچو

کو چھِ منز اوس۔ تمی رچایہٕ دوشوے کو چھِ منز مگر حساب آس نہٕ۔ مہاتماجی ین

ژیوٗن یہِ تہٕ دیٚتِن کلینزس ناد۔ تٔمۍ أنۍ کتہٕ تام لوٗکٹ چوکہٕ ہن کڈِتھ۔ سو تھاوُن سٔمنزس سیٖٹن درمیان۔ یپأری پکہٕ ہنٛج وتھ أس۔ بوٚڈ ہیوٗ شُر آو أتھی پیٹھ بہناونہٕ۔ بنگألۍ تہٕ بنگألۍ بایہِ تروو پھٔرِ کھ۔ بچس تہِ سپز بشاشت زِ سہٕ چھُ الگ سیٹہِ پیٹھ بہتھ۔ مہاتما جی سُند بروخ فٲصلہٕ اوس تٔمۍ سندِ زذہانتُک ثبوٗت دِوان۔ سہٕ اوس ٹیگور نہِ آیے زیوٗٹھ زیوٗٹھ ریش تھاوِتھ۔ پوشاک تہِ اوٗسُس تمی آیہِ۔ ژور بجے آسۍ أسۍ بمبیہِ دراہتی۔ ووٚنۍ آسہٕ رأژ ہنز داہ بجے مژ۔ سوار بو اوس بتہٕ وتہٕ کھیوٚمُت۔ تہٕ بسہِ ہنز رفتار أس بڈ پمژ۔ صُبحس داہ بجے اوس اسہِ پانا جی گواوانِن۔ گاڈِ ہنز رفتار أس ہاوان زِ ڈرایور صأب ما واتناوِ اسہِ امہِ تہِ سُلی تور۔

ہپی جوٚری أس سأری ٹوسٹ کھبتھ موکہٕ لیمتی۔ ووٚنۍ آسی سنگترن دٔلہِ ٹُلان۔ تہٕ زٕ زٕ ترٛے ترٛے کھنجہِ أسۍ یکہٕ وٹہٕ أسس منز دأرِتھ دِوان۔ بنگألۍ بچہِ اوس لوٗکٹۍ لوٗکٹۍ دنٛدِ پھٔلۍ کڈِتھ بیٚین کُن وُچھان۔ ہپی نہِ تٔجہِ کھنجہِ جوراہ تہٕ دِژن تس۔ بچن دِژ ماجہِ کُن نظر۔ سو أس شوٚنجمژ۔ پتہٕ دِژن مألِس کُن نظر۔ سہٕ اوس بروٚنہہ کُن وُچھان۔ سہٕ لوٚگ لوتی یمن کھنجن ژہ ژہ دِنہِ۔ پتی کنۍ اوس ڈوٚنۍ ٹِنٛس شروٗنۍ گژھان۔ مےٚ لگو واند ازٕ زِ اپأری چھِ وُنہِ واریاہ سوارِ ہُشیارے۔ پیوٚن تاہ گوأمس بنگألۍ بچس آسہٕ ووٚنۍ نٔیند رٕتی ٹھولہٕ گژھان۔ یہِ اوس چوکہِ پیٹھٕ بون لانہٕ یِوان۔ مگر زورٕ اوس تتھ کُرسی

تھپھ دِوان یِتھ۔ پَتھ تِمی سُند مول بِہتھ اوس۔ واریاہ سوارِ آسہ یہ وُچھان۔
مہاتما جی وۄتھ تھۄد تہٕ تھاوِن پلو پھُٹیٛ اکہِ طرفہٕ چوکہِ ستی۔ یِتھ یہ بچہِ اتھ
پھُٹیٛہٕ ستی شوٗنگِتھ ہیکہِ۔ مہاتما جی بیوٗٹھ پتہٕ آنندس منٛز۔ بچہِ تہٕ روٗد قرار۔ مےٚ
آیہِ نہٕ واریاہس کالس نیٚندرِ زول تہٕ۔ اُمس بچہِ ہنٛزٕ نیٚندرِ ڑھولہِ وُچھتھ
لوٗگُم زٕلہِ بوٚک۔ مگر کرِہا کیاہ؟ کُرسی پیٛٹھ ہیکہِ۔ ہے اکُے نفر بِہتھ۔ ڈرایورن
کرِ سارے لایٹہٕ بند۔ صِرف روزٕ ووزجہِ اکھ زٕلوکہِ بتہٕ دزٕونہِ۔ ساری اُسی
الہِ پلہٕ شوٗنگِتھ۔ ہیی تہٕ ہیٚنز یِم اوٗتھ تامتھ حسب ضۆرۆرتھے کتھٕ اُسی کران
یِم سپدی ووٗنی کتھن منٛز مشغوٗل۔ یہ روٗدُس ینہٕز کتھٕ بوزان۔ مگر پلہٕ اوسُم نہٕ
کِنہی پیوان۔ تِکیاہ زِ یِم اُسی کوٗسہٕ تام بدلے زبان بولان۔ خبر کمہِ طرفاتہٕ پیٛٹھ
اُسی یور آمٕتی۔ گھنٹہٕ جوراہ اُسی گمٕتی۔ یہ گوس یکدم تھۄد وۄتھتھ۔ یێلہِ ہیٚنز آیہِ
میانہِ سیٹہِ ستی لاینہٕ ہش۔ مےٚ ہیٚرٕ او کیاہ تام وُنن۔ اما پۆز اُمی سُند پوٹ ہیوٚ
مس یُس میانین اتھن منٛز پیوٚ، امہِ چہِ نرمی کوٚرنس زبوٗنبنگلا ونس پیٛٹھ مجبوٗر۔

''یہ ہیٚنز کیاز آیہِ یوٗت نکھ میانہِ سیٹہِ ستی؟'' یہ سنیوس ہتن خیالن۔
ہیی نہٕ ہندی لفظ ''یس پلیز (Yes please) لگی میانس ذہنس گتہٕ
گیوٗر تُلنہِ۔ اکھ لطیف احساس ووٗتلیوم جسمہٕ چہِ نزدیکی ووٗتلاو اکھ کرنٹ
زن۔ نیم بےٚ خۄدی ہندِس حالتس منٛز ہیٚرٕم ساری ہے بسہِ سام۔ ساری
اُسی شوٗنگِتھ خرہی پیٛمتی۔ بنگالی بچہِ اوس نہٕ چوکہِ پیٛٹھ، نہٕ اُس چوٗکرِ اتھن۔

مےٚ کٔڈ ووٚتھ یٚیلہِ مےٚ وُچھ ہِکر نہِ تھوٚومُت یہِ بَچہِ پنہٕ نہِ سیٹھہ پیٚٹھ۔ تہٕ پانہٕ اتھ چوکہِ پیٚٹھ بِہِتھ مس ملِر ہَش پیٚمژ۔ مارِیا باسے یم ژٔرِ ے شاندار۔ تتھی مس بٔرگ پوٹ ہی اَسِس تیُتھے چھُس یہِ دِل تہِ۔ موٚدمُت نہٕ کٔنہہ۔ پٔنُن پان باسیوم سبٹھاہ لوٚکُٹ تہٕ حقیر۔ وارِیا ہَس کالس آیم نہٕ نیٚندر۔ کیوٚنژ کالا گو اَچھ لجیم۔ کٔنہہ روزٕم نہٕ خبر اَندی اَندی کیاہ چھُ سپدان۔

پیٚنتی کھٔنڈی یٚیلہِ بہٕ دُبارٕ ہُشیار ہیوٚ سپدُس مےٚ وُچھ گرِ وخ۔ وُنہِ آسہٕ ژٕرے بجے مژ۔ راتھ أَسم پیٚٹھی پیٚمژ۔ اما پوٚز سوٚ سُنسنی (sensation) یوسہٕ مارِیایہِ پنہٕ نہِ پاٗڈِ مستہٕ ستی مےٚ منز ووتلاوٕمژ اَس یہِ أَسم پھِری پھِری ژتبس پیوٚان۔ بہٕ لوٚگُس نرم ریشمی مس بٔرگ ژھارنہِ۔ مگر اکھ بٔرگ کیا وال آم نہٕ اتھِ۔ وارٕ دِژٕم نظر۔ پٔنز اَس ووٚنی ہِپی ہنزٕ سیٹھہِ پیٚٹھ شوٚنگِتھ۔ تہٕ ہِپی اوس سیمنٕزس نٔنس پتھرِس پیٚٹھ شوٚنگِتھ۔ فرِستن ستی گندان تہٕ اَسان۔ آوارگی ہُند دوٚیم روٚپ لوٚبُم۔ مےٚ آیہِ اَچھ زیادے ہمژ راونہِ۔ مہاتماتہِ اوس شاید لی ژرژان۔ شاید اوس سوچان ٹیگورن لیوٚکھ "کابلی والا" سہِ لیکھِ "ہِپی والا"۔ کاٗژاہ چھے اذٕہنی سوچس منزٕ (Attitude) فرق؟ بہٕ روٚدُس لی سونچان۔ مارِیایہِ ہندی لفظ "یس پلیز" اَسی میاٗنس منس منزٕ وزٕونٕن گھنٹی ین ہندی پاٗٹھی گتہٕ گیوٚر ٹلِتھ وارِیاہ سوال کران۔ بہٕ اوسُس ربوٗد ہیوٚ پشیما۔



# نِروان

سہٕ ......سہٕ ......لیس شاید گوتم أسی ونان، دراو زیچھ بجہِ سڑکہِ مٔنزی یتھ تارکول ؤہرِتھ اوس۔ کرٕہُن سیاہ تارکول۔ سڑک چھےٚ رابہٕ منٛز کارنہٕ آمژ۔ تِمی ہنٛزِ کارنہٕ آمژِ چانڈِ لٔج گڑکھ۔ پراژو کِنی دراس دود۔ ژوٚژر ژوٚژر لوٚگ پکہٕ نہٕ......أچھ پھیری پھیری چھُ اورتہٕ یورُ وُچھان......تٔمی سُند پارٕ دی من چھُ زیادٕ زیادٕ بے قرار سپدان۔

تٔمی سُند مول چھُ سودرشن۔ جان آسن وول چھُ۔ بجہِ ژٕ ترےٚ مِلہٕ چھکھ یمو مٔنزی سٔدرہی ژٕہی لمبکھ دوہدِش نیران چھِ۔ ژہس ستی ستی چھُ لچھہِ بدہن تہٕ کرور بدہن روپین ہُند مال کالہٕ کاجہِ نیران اتہِ۔ مأرِس چھُ خیال زِ گوتم سنبھالِہ مِلن ہُند اِنتظام۔ سہٕ بنہِ پروپرایٹر تہٕ جمشید نگرس نکھہٕ بساوِ گوتم نٔگر۔ نتہٕ چھس رائے گوتم لڑِ ہرٕ ی جنن ہنٛزِ بُستی منٛز الکشن تہٕ پتہٕ بنہٕ مِنسٹر مگر دوشوے منصوبہٕ پیٚیہٕ اڑٕ لٔیکی۔ مِلہٕ سپدے یہٕ لاکاوٹہٕ سببہٕ بند تہٕ ہٕریجنو کوٚر فأصلہٕ زِ تِم تُلن کأنسہِ ہٕریجن بأے ہے وومیدوار۔ سودرشن چھُ برابر کوٚششہٕ منٛز۔ گوتم چھُ سوٗرے أچھو وُچھان أچھ وٕٹھری وٕٹھری۔ سہٕ دراو بٔنگلہٕ منٛزٕ نبر تہٕ لوٚگ منٛز گشتی کرنہِ۔ پھولا چھےٚ پلنٛگس پیٹھ شوٚنگِتھ دروازس کُن مُدے

گٔنڈِتھ گوتم کر ییہٕ واپس۔ گوتم چھُ قدم قدم بروٚنہہٕ بروٚنہہ دِوان۔ افتابس چھُ رژھِ رژھِ بُخار ہُران۔ گوتمہٕ سُند شروٚکیومُت پارُد چھُ مُژراونہٕ یِوان۔ سہٕ چھُ پکان۔ اوٚرٕ یور اٚچھ پھیری پھیری وُچھان۔

چھکھ ......... چھکھ ......... چھکھ ......... چھکھ ......... یہٕ چھُ ریلوے سٹیشن۔ کھچا کھچ ریلہٕ چھےٚ یِوان تہٕ گژھان۔ بے شُمار ژھایہٕ چھےٚ اوٚرٕ یور پکان۔ اَجِہ ہور اَجِہ یور۔ اَجِہ یِیےٚ لُگتھ گمژٕ۔ اُف شور..... کوتاہ شور... گوتمس پھوٚکنن زر۔ ژھایہٕ جوراہ درایہٕ فٔسٹ کلاسہٕ کہِ ڈٔبہٕ منزٕ۔ پلیٹ فارمس پٹھ کوٚرُکھ لنٛچ۔ ژوچہٕ پینتی، کیلہٕ دبل، اٚڈٕ ژِجہٕ اٚٹھ داہ دِژکھ نزدیک چھِہ نالہِ منزٕ برِتھ۔ ژتجی پنژاہ ژھایہٕ ہٕتھٕ ننہٕ تہٕ ووڈنہٕ۔ اَجِہ لوکچہٕ تہٕ اَجِہ بجہٕ لجہٕ ناپاکھ پازنہٕ۔ تہٕ اکھ اٚکِس پس پاگٔرِتھ ژھیٚٹ پھلوٕ ستی پنٛزٕ یِڈ برنہٕ۔ فٔسٹ کلاسہٕ منزٕ دراٚمژٕ جوٗری چھےٚ اَسان۔ گوتمہٕ سُند پارُد سروٚکھٕ تہٕ سہٕ گولُگتھ، تمی ترووو وش۔

”یہٕ سمسار چھُ دوکھن ہُند گرٕ۔ سہٕ لوٚگ وننہٕ نہٕ تہٕ دیٛتن ڈوچر بروٚنہہٕ گُن۔

فٔسٹ کلاسس منزٕ ہٕتھ جوٗری اٚس وُنہٕ تہِ اِسان۔ شاید اوسُکھ کٲہے کال کھاندرس گوٚمُت۔ تس پییہٕ پھوٚلہٕ یادیس نہٕ تس روٗس برٕنزس تہٕ قرار اوس یِوان۔ سو آسہٕ پراران۔“ سہٕ لوٚگ سوچنہٕ۔ مگر یکدم پییہٕ تمی ہنٛزٕ نظر اٚکِس اٚڈٕ وٕرٕ اِنسانس پٹھ۔ بنٛگلا دیش کوٹھ لاٚگتھ۔ کھوٚرن فلیٹہٕ ژٕٹ تہٕ زنٛگن کریزٕ روٗستے پتلوٗن ژھینتھ۔ یہٕ کیازِ یوٚہے متیوٚمُت۔ گوتمہٕ سِندِس ذہنس

منز ووتلیو واکھ سوال۔ سہٕ پۆک نزدیک۔

''ہے بابا! اُمِس کیا سا گوٚمُت؟'' گوتمن پرُٛژھ اتھِن ووذنہٕ اَکِس۔

''یہِ اوس خودکشی کرٕنی یژھان۔'' تمہٕ ووٚنُس۔

''اِد؟''

''موٚدنہٕ کینْہہ۔''

''کیاہ زِ سنا؟''

''وُنیُکھ تام چھُن تریہِ لٹہِ زہر کھیوٚمُت۔''

''یزٕ پأٹھی؟'' ''اِد ووٚنمہٕ اَپُز۔'' تمہٕ ووٚنُس ژکھہِ سان۔

گوتمہٕ سنٛزِ بُدی دِیُت جواب۔ کینْہہ توٚرُس نہٕ فِکرِ۔ تہٕ بێیہ پرُٛژھنَس۔ ''پتہٕ کیاہ اِد؟''

''یی ہسا۔'' تمہٕ ووٚنُس۔ ''سہٕ شوٚد زہر گوٚژھ بازرِ میلُن تہٕ۔''

گوتمن تروو ووش۔ دم شروکیوس تہٕ لوٚگ وننہٕ نہٕ۔ ''یہِ سمسار چھُ دوکھن ہُند گرِ۔'' لتس ژھوکیو اَچھن ہُند گاشہِ۔ تہٕ دیُتن بروٚنْہہ کُن ڈوچرٕ۔

سہٕ ووت ایمپلایمنٹ ایکسچینجس نزدیکھ۔ کتیٚ یٔدی آسی جمع۔ أنتھ روٚسی تھکیٚمتی تہٕ لوٚسی متیٚ یٔدی۔ پأٹھہِ روٚستے بوٚتھ۔ پنُن پان رجسٹر کرٕناوان۔ ڈِگری اتھن منز ہیتھ۔ مس ووٚلیوٚمُت جنگل۔ دِل گوٚنہٕ متیٚ وٕٹھ۔ رُخ ژھوکیمتی ژآنگی۔ ووذأسی۔ بُسنیمژٕ تصویرٕ۔ تمہٕ ترٛاو ووش۔ لتس ژوٚل

حُکمن نیرِ تھ۔ ''یہِ سمسار چھُ دوکھن ہُند گرٕ۔''

تمیٚ دیٚت پھُچھرٕ وزنگو بروٚنٛہہ کُن ڈوچرٕ۔ أندریُم سوٗرے ہِشرٕ گوس گٔلتھ۔ گرٕ گوس مٔشتھ۔ اما پوٚز زنانہِ ہنٛزٕ پیالہِ ہِشہِ سوٗرمٔلی أچھ آسس منٛہٕ چن ہٲنکلن مقناطیسکی پٲٹھی پانس کُن لمان۔ کنٛہہ اوٗسُس نہٕ تگان بوزُن۔ سہٕ کور گرٕشہِ۔ ژٕچھِنٛز کِنہٕ کھوٚرٕ۔ بروٚنٛہہ کِنہٕ پتھ۔ سہٕ گو لگِتھ۔ پھوٚلہِ چھےٚ برابرتس پانس کُن آلو دِوان۔ مٔرٕجھ خوش یِونی۔ شُہُل کُل۔ ییس نہٕ تس ورأے میوٚنڈ چھُ وسان۔

تمیٚ پھیُر روخ پٔنٛن گرٕ کُن۔ پھوٚلہِ..... پھوٚلہِ..... پھوٚلہِ نس ریشمی مستس أندٕ أندٕ گتھ کرنہٕ باپتھ۔ تمیک مُشک ژھنہٕ باپتھ تہٕ تتھی مُشکس ستی پٔنٛن سوٗرے پان جزب کٔرتھ رٹھ کھنڈِ سوٗرے مٔشراونہٕ باپتھ۔ گوتم چھُ پکان۔ زیٚچھِ بجہِ سڑکہِ مٔنٛزٕ ییتھ تارکول وٲہرِتھ چھُ۔ سہٕ ووت أکِس ڈِسپینسری نزدیکھ۔ اَکھ بچہِ چھُ چھوچھِ کتھٕ کران۔ اما أمِس کیاٰ سنا گوٚمُتٕ أمِس ما چھِ ماأج موٚمرٕ..... نہَ..... نہَ..... ماجی چھُ کھونہِ تُلمُت۔ پتھ کیاٰ اَدٕ؟ .....ہتہٕ بی ماأجی۔ دود ہے مِنٛگان چھےٚ۔ دِوان کونہِ چھِہس دام کھنڈ۔........''

''ہتبا۔ وأنِنٛج ہبا ژٕچھی نم۔'' سوٗ ژٕھس در جواب۔ ''سہٕ گوٚ ژھمہٕ نیرُن تہٕ۔''

گوتمن ترٲو اکھ نظر شُرِس کُن تہٕ بیاٰکھ ماجہِ کُن۔ تہٕ ڈاکٹرٕ یُس أکِس بیمارس مُلاحظ کران اوس تمیٚ ترٲو گوتمس کُن نظر۔ گوتم لوٚگ ڈاکٹرس

کُن تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ۔

''بڑ سیوٗ د چھُکھ باسان۔'' ڈاکٹرن وۄن گوتمس پێٹھ رحم کھبتھ تہٕ

پٔتی کنی کوٗ ڈُن شلفہٕ منزٕ اکھ جُرنل۔

''دِنظر۔'' جُرنل منزٕ ران منزٕ ران وۄن ڈاکٹرن گوتمس وُچھن یہِ ماج۔

''بڑ زۄ زیتہٕ واجینی چھےٚ؟'' گوتمن وۄنُس خوش گژھتھ۔ ''مگر یہِ بچہ وُچھتن۔''

''وُچھان چھُسن ۔یہِ کیاہٕ زِودان۔ اُمس کونہٕ یہِ ماج پننہِ دود دِوان

؟'' گوتمس وۄتھ جگرس تیچھُن ۔ پرُژھنس۔ ''اُمس ہے دودٕ بہٕ برِتھ چھےٚ۔''

ہاہاہاہاہا ....... ڈاکٹرصاٮ۪بن ترووٗ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسن کھنگالہِ۔اَپزٕ

وۄنُے نہٕ بڑ سیوٗ د چھُکھ باسان۔''

''نہ ساٮ۪ یہِ ماج کونہٕ اُمس دود دِوان۔'' گوتمن پرُژھنس بڑ لاچار سپدِتھ۔

''اتھ رودس اندر کیاساٗ چھُ زہر میلتھ۔ دِلیس کتہٕ پاٗٹھی؟''

''زہر؟''

''بِلکُل۔''

''نہ کیُتھ شیرِ مادر بنیا زہر۔نہ ...... نہ ......'' گوتمن وۄنُس۔

ڈاکٹرن ترٲو ڈی،ڈی،ٹی لیس کُن نظر۔ گوتم تہٕ لوٗگ وُچھنہِ۔

لوٗگ بمارس مُلاحظ کرنہِ۔ گوتمن ترووٗ وۄش۔ دُنہِ اوسُس نہٕ کنٛہہ فِکرِ

تران۔تس ژوٗل بے خٲمن نیرِتھ۔ ''یہ سمسار چھُ دوکھن ہُند گرٕ۔''

تُمی دیُت ڈوچر۔ نگر ووٗنی لگی نہٕ قدم گرٕکُن پکہٕ نہِ۔ اتھ مُخالف

طرفس کُن ۔ تیز تیز ژۄ ترٕ ژۄ ترٕ قدم ۔ بروٚنہہ بروٚنہہ پکان ۔ سوچان اوس کیاہ تمی ہنٛز پھوٗلہٕ دِیہ ناتمی ہِندِس لخت جگرس دود ۔ سہٕ گو وُداسی بُتھ ہیتھ پکان ۔ سڑکہِ ہنٛز ربِ مانڈان ۔ منٛج چاٗندی گالان ۔ اُچھن بروٚنہہ کنہِ ووتلیوس دوٗرِ اکھ کُلا اکھ ۔ بوٚڈ کُشادٕ کُل ۔ مگر اَندٕ رٕ سوٗرے کھوکھپر گوٗمُت ۔ سوٗنچُن سہٕ بیہہِ اتھی کُلِس تل تہٕ کرِ زَیہھ ۔ تس واٗتی ہتی دوہ زَیہھ کرِتھ ..... مگر ..... پھوٗلہٕ نہٕ پیالہٕ ہشہِ اُچھ چھےٚ نہٕ تمی ہِندِس پارٕ ڈی منس اَکس چیزس پیٹھ منہٕ ہیے مرکوٗز سپدنہٕ دِوان ۔ تس گیہ ، سایکلچ گنٹی کنن ۔

"تارِ وول" سہٕ گو خوش ۔ "پھولا جی ہنٛز تار ۔" تمی مُژر وٗلی وٗلی تار ۔ تہٕ ہیٚے تاٗبی سان لوٗگ پرنہٕ ۔ سہٕ گو پران ۔ "ڈیرٕ گوتم موٗجوٗد روز ۔ چون مِشن سپدِن کامیاب ۔ بہٕ چھس دُعا کران ۔ میاٗنی بُری زِنہٕ اکھ رَژھ تہٕ فِکر ۔ مےٚ کوٚر مِلہِ ہِندِس مینیجرس ستی کھاندر ۔"

گوتمہٕ ہِندیو اَتھو منٛز پیٛیہِ تارٕ وٗسی ۔ زورٕ وچھن اُچھ تہٕ کٔرن تپسیاہِ منز جذب سپدنچ کوشش ۔

" تارِ واٗلی دیُت سایکلس پیڈل ۔ سایکلکی پٔہیہِ لٔگی زیٚچھِ بجہٕ سڑکہِ پیٹھ تیز تیز ژھنہِ تہٕ وبگیمہٕ تس تارکولس پیٹھ گیہ یسے ئری پنہٕ جوراہ ہشہِ دوٗرِ تام کاڈ کڈنہٕ ۔



# خوجہِ لال

مالہٕ اُس نہٕ ہرگز ٹنگمرگ ہسپتالس منٛز گرٛھنہٕ خاطرٕ تیار۔

ڈاکٹرن ہُند صلاح مشورٕ اوس یی زِ تٔمس پیٚیہ گٔنہِ وقتس توٗری گرٛھن ، اما پوٚز زسوسپز نہٕ گٔنہِ کٔنہ تیار۔ تس اوس باسان زِ تٔمی ہنزِ غارموٗجوٗدگی منٛز بنہٕ تٔمی سُند گرٕ جہنم تہٕ تٔمی ہنزِ زِندگی ہنز ساری عبادت سپدِ برباد۔

پٔنُن گرٕ جنت بناونس منٛز اُس نہٕ مالن کانٛہہ کسر باقٕے تھٲوِمژ۔ خاص کر تمن وقتن ییلہِ گرٕچ آمدنی سیٹھاہ کم آس، بے حد تنگ دٔستی نال وٲلمُت اوس۔ تٔمی سُند خاندار رٔحیمہٕ اوس تمن دوہن ہُپھری کٔدلہِ ہو گاڈٕ کِنان، مُنزی مُنزی اوس شہرٕ کِہن کیٚنژن علاقن منٛز گرٛھتھ ردی ٹین، لوٗے، سرتل بیترِ تہٕ مٕلی ہِوان تہٕ یہِ تٕکھے اُکس کباڑِس دِوان۔ امہِ ہتی اوس تس مُزید کم زیادٕ پونسہٕ ٹوٗنک بنان۔ مالس اوس پنہٕ نہٕ گرہستی پیٹھ ناز۔ کم کھیٚون، غم نہٕ ہیٚون تہٕ ہرحالتس منٛز خوش روزُن۔ یہِ اوس تٔمی سُند فاسفہٕ۔ مگر رٔحیمہٕ اوس لوکچارٕ پانہٕ پیٹھے بے تاب۔ سہٕ اوس ہر ہمیشہِ وُپھ دِنس پراران۔ نٔوی نٔوی پلوتہٕ پوشاک لاگنٕ یژھان۔ تہٕ شہرٕ کِہن خوجن ہندی پٲٹھی روزُن

یژھان۔

وخ گو بدلان۔ اکھ دور آو سہٕ یٚیلہِ ٹھیکہٕ دری ہٕندِس پیشس سبٹھاہ چلیے جاولوگ۔ أکِس سیأسی لیڈرٕ سٕنزِ سفأرِشہٕ ستۍ (یس تٔمۍ سٕنزٕ پچہٕ ہوگاڈٕ بڑٕ مزٕدار آسہٕ باسان) میوٗل تس تہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ نالہِ شیرنگ اکھ ٹھیکہٕ۔ کامہِ لوٚب وُسجار۔ تہٕ تٔمۍ واہراوِ پنٕنہٕ نہٕ زنگہٕ نرِ سبٹھاہ تیزی سان۔ رٔحیمہٕ بنیو وٕ رحیمہٕ خوجہٕ، خوجہِ لال۔ تٔمۍ سُند ناو اوس ووٚنۍ بڑٕبن بڑٕبن ٹھیکہٕ دران منٛز گنزراونہٕ یوان۔ خوداصأب گوس پزٕنہٕ پیٚٹھۍ ڈٔے۔ روپین ہٕنز بأرِش گرٕنس۔ از کیاہ اوس نہٕ تس۔ روزنہٕ خاطرٕ محل ہیوٗ بٔنگلہٕ۔ یتھ انٛدٕ ونٛدٕ سبز لأن شیرتھ اُس۔ بٔنگلس منٛز آسہٕ سارے ماڈأرن سہوٗلیژ مویسر۔ نوکر، چاکر، کارٕ جیپہٕ، کیاہ اوس نہٕ تٔمۍ ہٕندِس گرس منٛز۔ کالہٕ پگاہ آسہٕ اَتہٕ پارٹی سپدان یتھ منٛز یار دوستو علاوٕ بڑۍ بڑۍ اِنجینیر تہٕ افسر، لیڈر تہٕ معزز شخص شأمِل اُسی آسان۔ پارٹی منٛز آسہٕ تژھہٕ ضِیافتہٕ پیش کرنہٕ یِوان یمہٕ سالربن ہمیشہِ یاد آسہٕ روزان۔

مالس آسہٕ پنٕنہٕ نہِ وہسہٕ تہٕ رِشتہٕ دار زنانہٕ سبٹھاہ بختاوارنی مانان۔ یوسہٕ اکہِ پسماندٕ گرٕ پیٹھہِ گرگرہستی ہٕندِس أکِس بڑِس مقامس پیٹھ وأتژمژ اُس۔

مالہٕ اُس نہٕ شاہ پری۔ ووٚنۍ گو جان سوندر اُس۔ یس اکھ پٔنٕنۍ ادا

اُس۔ یوسہٕ خوجہِ لالس ٹارِ کھٕرٕ ہٕژ اُس۔ اما پۆز یوٚت یوٚت تس روپیہِ روٚد پیوان روٚد تیوٚت تیوٚت بڑے یہِ تُمی ہٕندی ہوس۔ سہٕ بنیو حُسنُک دیوانہٕ۔ خوٚبصوٗرت پوشن ہُند ویوٗر ژُلنُک مژر تہٕ تژر بڑیوس۔۔

مالہٕ اُس رٔحیم خوجہِ نہِ اتھ کمزوٗری وأقف۔ سو اُس نہٕ زیادٕ کالس کأنسہِ زنانہِ پنہٕ نِس گرس منز روزنہٕ دِوان۔ اکہِ بہانہٕ تہٕ بێیہِ بہانہٕ اُسکھ خوجس نِش دوٗر تھاوان۔ گرِ نبر کیاہ اوس خوجہِ کران تمِچ خبر اتر اُس نہٕ مالس تام واتان۔ مگر پے اوسُس سہٕ گو نہٕ امہِ کھوکھسہِ روٗس روزن وول۔ اوے اُس نہٕ سو پرٛتھ کنٛہہ اُستھ تہِ خوش۔ سو اُس عجیب عجیب خیال سوٗنچِ سوٗنچِ اندٕری گلان۔ یۆتام سار بے سُمہٕ گجبس۔ کُس پان پیوس وٕستھ تہٕ ہرِتھ۔ سلےٚ گیس پانس۔ کوہنہٕ بمارِ منز آیہِ ولنہٕ۔ شہرٕ کیو بڑیو بڑیو ڈاکٹرو کوٚرُس مُلاحضہٕ۔ مگر تُمی ہٕندِس اصل مرضس ہیوٚک نہٕ کانٛہہ یلاج کٔرِتھ۔ ییلہِ نہٕ مرضچ شِناختے سپدِ اصل دوا کُس کرِ تجویز؟ اصل دود اُس فقط مالہٕ زانان۔ یوسہٕ نہٕ سو کأنسہِ ونہٕ نہٕ خاطرٕ تیار اُس۔

خوجہِ لالس اُس پیرن فقیرن پتھ سبٹھاہ پرٛژھ۔ ییتہِ کانٛہہ ییتھ دروازا اوس تتہِ دِژن حاضری۔ مگر مالنی حالتھ گیہ برابر بد تر سپدان۔ شودان نہٕ کنٛہہ۔

مالہٕ روٗزنہٕ ووٗنی اوٚرِ یور پکنی لایق تہِ۔ سو گیہ بسترس ستی لارِتھ۔

مگر ٹنگمرگ گژھنہٕ خاطرٕ أس نہٕ کُنہِ کٔنہ تیار۔ سو أس نہٕ مرنس ہرگز کھوژان اما پوٗز ہمیشہِ أس یی سوچان یتھ گرس کیاہ بنہِ؟ کم طُفان ووتلن بیٚیتہِ یمن سو گرٕ نشہِ دوٗر تھاوان روٗز۔

خوجہِ لالن ترٲوی واریاہ ژٔنی منٛز یم مالس ٹنگمرگ گژھنہٕ خاطرٕ آمادٕ کرن۔ مگر سو روٗز پننہِ نٔس فأصلس پیٹھ ڈٔٹتھ۔ "یِہٕ تام زِندٕ چھس توٚ تام روز یتی۔ باقٕے زانہِ رسوٗل تہٕ اللہ تعلیٰ تِمن کیاہ آسہِ منظوٗر۔" سو روٗز پرٛتھ أکِس یی ونان۔

أتھی منٛز پوٚو بمبیہِ پیٹھٕ مُبارک صأب وأتتھ۔ یُس تتہِ ہینڈی کرافٹن ہِندس کاروبارس ستی مصروٗف اوس۔ سہٕ واتہِ ہے مالس بوے۔ کٕنہہ ؤری اوس تس وأنسہِ کٔنہ کوٚنژھ۔ مُبارک صأب اوس بیٚنہِ ہُند حال بوٗزِتھ وسر یومُت۔ سہٕ آو ہوأئی اڈٕ پیٹھٕ سیٚدِ سیوٚد دُے مالس نِش۔ یوسہٕ امہِ وقتہٕ بڈس پیٹھ درازٕ پیمژ أس۔ بُتھ اوسُس ووپھر یومُت لیوٚ دُر گگر ہیُو۔ دوٗرِ أس باسان سو چھِ زُوٕ گمژ۔ مُبارک صأب نہِ پریشأنی منٛز سپُد ہُر بر۔ سہٕ روٗد مالس تہٕ خوجہِ لالس ستی کتھ کتھ کران پننی پأٹھی سوٗرے زانہٕ پنٕچ کوٗشِش کران۔ بمبیہِ ہنٛزِ پیچیدٕہ زِندگی منٛز اوس تِمی سُند تجرُبہ واریاہ بڑیومُت۔ أتھی منٛز وأژ چاے۔ مُبارک صأبن روٗٹ اکھ پیالہٕ۔ بیاکھ خوجہِ لالن۔ مالن تہٕ ژٔڈِ زترٕے پھیٚری پیالس منٛز تہٕ سأری لٔگی دام دام دِنہٕ۔

خوجہِ لال ووتھ ووِنی مُبارک صاًبس کُن۔ ''تلہٕ ساًۍ ژٕ رے وُنس کیاًزِ گژھِہ نہٕ ٹنگمرگ؟ وارِ کارِ گژھِ ٹھیک۔ بیٛہِ پیہِ واپس۔ بہٕ آس وٕنی وٕنی تنگ۔ یہِ چھا یوٗرک بوزان۔ تلہٕ ساًۍ پرژھس ژٕ رے؟''...... خوجہِ لال دراو یہِ وٕنتھ کمرِ منٛزٕ نبر۔ تہٕ بورے تہٕ بیٛنہِ ترٲوِن کھل ورخ....

دۄشوے رُدٕ واریاہس کالس کتھ باتھ کران۔ یتھ منٛز اِشارن اِشارن منٛز کیٛنژن حقیقتن پردٕ ووتھ۔

مُبارک صاًب دراو خوجہِ رٔحیم ہندِ گرِ سبٹھاہ مویوٗس تہٕ پریشان سپدتھ۔ سوچان رُدٕ۔ راتس آیس نہٕ نیٛندرٕ تہٕ۔

سہٕ آو دوٚیمہِ دۄہہٕ دُبارٕ رحیم صاًبن گرٕ۔ یتہِ اُسس اکھ زنیاہ تہٕ۔ یوٗسہٕ وٕہر ترٕہہِ دویترٕ ہہ آسہِ ہے۔ بڈٕ جفاکش یہے زن بٔرپش۔

مُبارک صاًب ژاو سیوٚدُے خوجہِ لالس نِش۔ ''یہِ چھےٚ ریحانہٕ۔ مےٚ ہمسایہِ روزان۔ اَزی کہِ پیٹھٕ روزِ یہِ یتیٚ۔ اگر مالس ٹنگمرگ گژھنس منٛز اعتراض چھُ۔ یہِ کرِ تمی ہنز ساًرٕے خدمتھ یتیٛہِ اکھےٚ تیٛمنز تہٕ۔''

خوجن ترٲو ریحانس ہیٛرِ بون نظر۔ مُبارک صاًبن وونس ''مِڈل پاس چھےٚ۔ دُنیا داًری تہٕ دین داًری چھےٚ سمجھان۔ ووٚنی گو زِندگی منٛز روٗزِ پتھ گرِ کیٛو مخصوٗص حالاتو کنہِ۔ بہٕ کرٕ مالہ جگرِ یتی تہٕ کنھ۔ مےٚ چھُ یقین سو کرِ نہ اِنکار۔'' ''رُت۔ بڈٕ رُت۔'' خوجہِ لالن وُنس شاد سپدِتھ۔ ''پٔنن کس

وۄنِکھ۔ ژےٚ کوٚرُتھ رژھ کھنڈ مسلہٕ حل۔ پیرِ دستگیر تھاٲوِ نے وارٕ۔''

دوہ دوہ گو گژھان ریحانہٕ گیہِ أنزِ منزِ۔ اکھ وُڈو روٗز مالہٕ نِس گرس کُن دِوان۔ بیاکھ خوجہِ لالس نِش۔ ساٲرٕ ے کاٲم روٗز مِنٹن منز کران۔ ژوٚتر ژوٚتر۔ اَسان اَسان۔

خوجہِ لالس آونک پسند۔ یُتھے سو کمرس منز اژِہے سہٕ اوس بڈِ بڈِ نوٹہٕ بنڈل کڈان۔ تہٕ یمن بروٚنٹھ کنہِ واہراوان۔ زن تہِ حساب بوزان روپین شمار کران اوس۔ منزِ ٹلہِ ہے پننہِ قراقلی کلہٕ پیٹھٕ تھوٚد تہِ دِیہِ ہے مستس کنگو۔ نوسمبٹھاہ قیمتی تیلہٕ بوتل اٚسن أنہِ منز۔ تیٚمہِ خوش بوے ساٲرِ ے مُشکاوان اٚس۔

ریحانہٕ روٗز یپاٲرِ مالس قریب یِوان۔ مالہٕ روٗز المارِ منزٕ پننہِ نوِ نوِ پلو کڈِتھ أمِس لاگنہٕ خاطرٕ دِوان۔ ریحانہٕ اٚس یم لاٚگِتھ بڈٕ خوبصورت لگان۔

خوجہِ لال اوس رنگہٕ ژرِہندی نوِ نوِ رنگ وُچِھتھ دم بخود سپدان۔ تس اوس وۄنی گرٕ ہے منز زیادٕ کالس بہُن خوش کران۔ اکہِ بہانہٕ تہٕ بیٚیہِ بہانہٕ اوس ریحانس ناد دِتھ انان۔ تہٕ تس ستیٚ کتھ باتھ زٕٹھراوان۔ تٚمی سنز سفید شین ہش دنٛد برنٛوچِھتھ اٚس خوجہِ سنز دِل دُبراے ہُران۔ مگر تس اوس یہِ تہِ موسوٗس سپدان زِ ریحانہٕ چھےٚ نہٕ تس رژھ تہِ مازان۔

''ونس کیاہ۔ کم کم جل روٗدِ مےٚ ستیٚ از تام یژھے کھیلہٕ کران۔

مگر اٲخر ترٲوِکھ ہٕتھی یار۔ کٔرِ تن یہ تہٕ کیوٗنژ کالا پٔنن پٲتھرا۔" خوجہِ لال روٗد پانس ستی تتھٕ پٲٹھی پٔنن دِل ژانژہٕ ناوان تہٕ نٔوی حربہٕ سونچان۔ ساتھا بنیو وخوجہِ لالن دیُت نس اکہِ دوہہٕ ناد۔ ریحانہٕ آیہٕ دوان تہٕ دوران۔" وٕنو حض۔ حُکم کیاہ چھُ؟"

"بڑٕ وخ چھکھ لاگان۔ یوٗت کال ووٗتم بیاران۔ ژٕ چھےٚ نہٕ خبر میأنی۔ مےٚ ییلہِ اِشتیال کھسان چھُ۔ درو دیوار چھِ ہلان۔۔۔" "نہَ حض۔ نہَ حض۔ زاٗنتھ ماٗنتھ نہَ حض لوگم نہٕ وخ۔ بوبس (مالہٕ) اٲسس دواہ دِوان۔ اوے لوٗگم بیوٗنت کھنڈ ژیر۔"

چونہٕ دوا ٹھیک پٲٹھی؟"

"آن حض۔ چون حض۔"

"خاٗر۔ ژٕ کرتہٕ کاٗم۔ ہٕتمِن چھی ہُتھ ٹوٗکرِ منز دأن۔ زٕ ترٚے ٹُل تہٕ یمن کڈتہٕ دانہٕ ہٕتمِن ہُتھ صوفس پٔٹھ ہٕہتھ مےٚ بروٗنٹھ کنہِ۔ پتہٕ ان تکھ پلیٹن منز شیرِتھ۔ پان چھم دزان توٚندرٕ کٔرِ پٲٹھی۔"

"ٹھیک حض۔" ریحانہٕ گیہٕ یہ وناں وانانہٕ دأن ٹوٗکرِ منز دأن کڈنہِ تہٕ یہ سپز اتھ کامہِ ستی مصروف۔ خوجہِ لال روٗدس مُدے گٔنڈِتھ وُچھان۔

مِنٹ داہ پنداہ گیہِ ریحانن تھوٚو خوجہِ لالس بروٗنٹھ کنہِ پلیٹ۔ تہٕ

دراپہِ کمرِ منزٕ۔

"زن چھے لار۔ بہہ۔" خوجہِ لال گو ونان تس۔ "پانس تہٕ کھیٚے اکھا۔دِ دوٚ چھکھ کران۔ روٗسی کچہِ ہندی پاٗٹھی۔اکھ ژھال یپاٗرک تہٕ بیاکھ ژھال ہُپاٗرِ۔ پانس تہٕ گژھہِ واتُن۔"

"نہٕ حض۔ بوبہٕ آ سمہٕ پیاران۔تس چھُم مس شیرُن۔"

خوجہِ لالس گیہِ زِٹھ نۄنگِتھ۔پتہٕ وۄنہٕ نس۔"گژھہ تیٚلہٕ ،فورن گژھہ۔مگر اکھ کتھ ونے۔ مےٚ اٚسی زِ دوہے یمی وقتہٕ زٕ ترٚے داٗن تتھے پاٗٹھی کترِتھ دِوان۔ یا شیرِ کۆڈتھ۔ یاد تھاٗوک زِ۔"

"تھوٗوم حض یاد۔ مُشتھ نہٕ حض گژھم نہٕ۔" ریحانہٕ روٗز بڈٕ پابندی سان حُکمچ تاٚمیل کران۔اکہِ دوہہٕ یٚیلہِ سو داٗن شیرِ گلاسہٕ ہتھ خوجس بروٗنہہ کنُ آیہٕ۔تمِ وۄنُس۔"ازچھےٚ مےٚ پانس فرق باسان۔ ژٕ چھکھ ینا پچ حقدار۔" ریحانس توگ نہٕ کینہہ وَنُن۔تمہِ دِژٕو وقدم۔"ٹھہر ٹھہر باہر مہٕ کر۔" خوجہِ لال وۄتھ یہِ ونان ونان تھوٚد۔المارِ منزٕ کۆڈُن سونہٕ سنز رز (چیٖن) تہٕ وۄنہٕ نس۔"رٹھ۔ یہِ گو چون ینامہٕ۔"

ریحانس ژٕج کھورو تلہٕ زمین نیرتھ۔ زنانن چھِ عام پاٗٹھی سون وُچھتھ ہوش ڈلان۔ اٚمی سنز اٚس نہٕ کتھے۔یٚیمہِ نہٕ داٗنی تہٕ اتھس منز ژٕمژ اٚس۔ ریحانس توٚرنہٕ کینہیں فِکرِ۔اتھِ گوس ہکہٕ الونڈ۔تہٕ چیٖن پٚیہِ اتھہٕ منزٕ۔

"قسم چھُسے ہاوان۔" خوجن مۄژر زیو۔ "یِیمہٕ دوہہٕ یہٕ سوُرے نار میأنِس پانس منز ژھیٚو، ژٕ کرتھ مالا مال۔ ژےٚ روزی نہٕ تا عمر کُنہِ کمی۔ میون اصوٗل چھُ یُس یِیمِیک حقدار تس گژھِہ تہٕ واتُن۔"

ریحانہٕ درایہِ بے حد حأران گژھِتھ کمرٕ منزٕ نبر۔

ماہٕنز حالتھ گیہِ بد تر سپدان۔ تہٕ مُبارک صابن گرٕ سوٗ ٹنگمرگ گژھنہٕ خاطرٕ تیار۔ تِکیازِ ووٗنی روٗد نہٕ امہِ روٗس کانہہ چارٕ۔

خوجہِ لال رود دوہے ٹنگمرگ گژھان تہٕ مالس دِلاسہٕ دِوان۔ سہٕ اوس زانان توسہٕ یأری خوداین تس گرتھ منز چھُ مالُن اکھ بوٚڈ دخل۔ تمہِ پتھ پأٹھی پرتھ حالس منز گرٕ سنبھول تہ مے اکھ نوٚ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ دیُت، سہٕ چھُ بے مِثال۔ تُمی سُند وۄجوٗد آسہِ ہے نتہٕ فنا گوٚمُت۔ مگر یہِ باس اُستھ تہِ یوسہٕ کمزوٗری تُمی سُند اکھ نشہِ بنیمژ آس۔ سوٗنُے مالہٕ نہِ غأر موجودگی منز زیادے کاڈ کڈنہِ۔ سہٕ گویلہٕ ہیُو۔ کانہہ پرُسان روٗدُس نہٕ۔ یِیلہِ اکہِ دوہہٕ ریحانہٕ خوجہِ لال نہِ بیٹھکہِ منز کوسہٕ تام کأم کرنہِ ژایہِ خوجہِ وۄتھ پاگلہٕ سندی پأٹھی تھوٚد تہٕ رٔٹن دُنالہٕ پنہٕ نِس سینس سیٚتی۔ رٔٹتھ تام دیُت ریحانن درسہٕ تہٕ تس نِش کوٚرُن پان الگ۔ سو بنییہ ہلکأری۔ "مے چھا خبر ژےٚ چھے وُنہٕ وُنہٕ وۄژھمژ۔ ژٕ چھکھ ہاپُت۔ دٔرِندٕ۔ تُمی کۄڈ نالہٕ منزٕ سونہٕ رز تہٕ دِژنس بُتھِس دأرِتھ۔ ژےٚ چھی دیار، بے شُمار۔ مگر یِم ہیکِن نہٕ سارِنے زنانن

ہُند یزت مٕلی ہیتھ۔"

خوجہِ لالس ؤ‌ژھ سأرٕے اری پیری۔ اکھ اکھ لفظ باسیوس نارٕ تیوٗنگل۔ تس باسیوو گُس تام چھُ تس منٛز سڑکہِ رٔٹتھ چینہِ ٚتی ٹاس ٹاس والان۔

ریحانہٕ روٗز گربزان۔ ۔۔" یم ژوزٕ کھٔتی چلن نہٕ مےٚ ٚستی۔ اگر جُرت چھُے دِ مالس طلاق بہٕ کرٕ ژٕ ے ٚستی کھاندر۔ سأری رسم رواج پوٗرٕ کرِتھ۔ یِمیُک اِسلام اِجازت چھُ دِوان......مےٚ پھیرِ چانہِ کھوتہٕ زیادٕ بوٗبُن (ماٗلُن) تِکیازِ سو چھےٚ اکھ پاک دامن تہٕ نیک زنانہ۔ بہٕ ونے صاف تس چھُ نہٕ کانٛہہ مرض۔ مرض چھُے ژٕے۔ چأنی مرضن کوٗرتس پانس سوٗختہٕ۔ سو چھےٚ سوچان تمہِ گرُک یُس تمہِ جنت بنوو۔ سو چھےٚ سوچان شُربن ہُند۔ یم کرِ چھِ۔ زبر پأٹھی پرؤرِش لبان چھِ۔ ژٕے بنووتھن پننہٕ نوٗکرتو، تو ٚستی سوٗرٕے گرٕ جہنم۔ مریض چھُکھ ژٕ۔ ژٕ کر پننہٕ نِس مرضس یلاج۔ بوبس (مالس) سپدِ پانے یلاج۔ ژٕےٚ سوٗنچھ نہٕ از تام یہِ زانٛہہ۔ کوتاہ ذلیل چھُکھہٕ"۔

"بس۔ بس۔ ژھوپہ کر۔ یم تیوٗنگل مہٕ چھکھ۔ بہٕ آس بُزنہٕ۔" رحیم خوجہِ روٗد ونان۔ "بس.... بس...." "تھوٗ، ژٕے۔ خوجہِ چھُم بنیوٗمُت۔ خوجہِ لال........ ...ہانٛہہ ........ریحانن دِژ خشمہٕ ہوٗت یٹھ

پانس۔ ووڈ پلوشیرِ تھ درایہِ نارٕ تمبر ہِشِ نمبر زن تہٕ ساری ہے دِیہِ نار۔

رحیم خوجس اُس ژس گمژ۔ تس یوسہٕ ؤکر ریحانن وانجمژ اُس تمیک گُمانہٕ تہٕ ہکہِ ہے نہٕ کانٛہہ کرِتھ۔

رحیم خوجہِ روٗد کمرس منز واریاہس کالس دِیان۔ پتہٕ دبأون بیل (Bell) یوسہٕ نکھے اُس۔ دوان دوان ژاو اکھ نوکرا اندر۔ خوجن وۄنہٕ نس..... ''یُس کانٛہہ ڈرایور نمبرِ کنہِ آسی تس ون بہٕ آسے۔'' خوجہِ لال اوس کھُلہٕ پٹھان آیہِ شِلوارس پٹھ زیٹھ قمیض لاگِتھ۔ یم ہم رنگ آسی۔ تمہِ لوگ ؤلی ؤلی واسکٹ، ٹوٗپ شیرن تہٕ بیوٗٹھ کارِ منز یوسہٕ تیار اُس۔

سہٕ ووت سیوٗدُے ٹنگمرگ۔ ڈاکٹرن ستی کرِن کتھ باتھ۔ تمو وۄنہٕ ہس حالات چھِ نہٕ کُنہِ کِنی بہتر۔ اما پوٚز مریض سنز حالت چھِ کنٹرولس منز۔ تس توٚگ نہٕ کنہیں وُنن۔ سہٕ آو مالہٕ نِس بڈس بیٚیہ ہن قریب۔ تہٕ روٗد تس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ بیٚیہ پھیورنس روٗیس پٮ۪ن اتھ یتھ منز بے حد شفقت تہٕ دِلی موحبت اوس۔ مالہٕ روٗزِس لوٚسرِ وچشمو وُچھان۔ تس پیٚیہ پرأنی دوہ یاد۔ خاص کرِتھ دوہ ییلہِ رحیم خوجہِ محض رحیمہٕ اوس۔

خوجہِ لال روٗد مالہٕ نِس بڈس ستی وارا کالس اِستادٕ۔ مالن ہووٗس کُرسی کُن اِشارٕ۔ مگر سہٕ دراو کنٛہہ ونہٕ نے۔ سیوٗدُے کھوٚت بیٚیہ کارِ۔ ڈرایورگو پکان۔ تم وأتی بابا ریشی سُند۔ اتھِ بُتھا چھٲلِتھ۔ کوٗرُن اتہِ دِل

مُژراَوِتھ توبہٕ۔ گھنٹہٕ کھنڈ اتہٕ بہِتھ درایہِ کار دُبارٕ ٹنگمرگ کُن ۔تِمو وۄن ہسپتال وأتتھ ڈرایورس......" ژٕ گژھ سرینگر واپس ۔ منیجرس ۄنی زِ کالہٕ کبتہٕ یوسہٕ بڈٕ پارٹی مےٚ گرِتھاَوِمژ چھےٚ سو کینسل کرٕنی ....چھکھا بوزان؟"

"آن حض۔"

"سارِنٕے ۄنی زِتمِ گژھن تتھے پأٹھی کأم کارکرٕنی یتھٕ پأٹھی کران چھِ۔ کامہِ منٛز گژھِ نہٕ کُنہِ قسمچ سُستی یِنٛز۔ مےٚ کوٚر فأصلہٕ زِ بہٕ روزٕ ٹنگمرگی یۄتام مالہٕ صحت یاب سپدِ۔ بہٕ یمہٕ تمی دوہہٕ گرٕ واپس ییٚلہِ مالس یٚیتہِ چھُٹی دِن۔ منیجرس ۄنی زِفون کرُن بہٕ تارٕتس سوٗرے فِکرِ۔"

ڈرایور دراو ژھوپہٕ دم گرِتھ۔

خوجہِ لال ہندِس فأصلس ییٚلہِ مالہٕ وأقف سپٕز سو سپٕز بے حد حأران۔ سہٕ راحت کوٚرُن موسوٗس تیچ لس وارا کالہٕ پتہٕ تلاش اَس۔تس ہیٚتین تِمے شنگرف بتھِس پیدٕنی یِم واراہ وقتہٕ پتہٕ غأب اَس۔



# موٗل

تس اَسی پرٛان چھلہٕ چھانگرٕ۔

یوٗت یوٗت کلکتہٕ ہس منٛز گرمہٕ کرٛاے تتہٕ لُج ہٕمی ہنٛز بے قرٲری اَس بڑان۔ تس اوس یہِ احساس گنان زِ سو وِز چھےٚ نہٕ دوٗر، ییٚلہِ تس دم شروکہِ۔ اَخرہ شاہ پننی وتھ ہیٚیہ تہٕ سہ تراوِ پنُن بدنصیب موٗر۔

اتھ بڑِس شہرس منٛز اوس تس لگن ہُند بے وایہِ تہٕ کوٚوایہِ سہلاب کھیٚنہِ یِوان۔ عجیب ووسہٕ دروسہٕ۔ ژلہٕ وِنہٕ تہٕ دورِ وِنہٕ ژھایہِ۔ پرٛتھ کانٛسہِ لار۔ کانٛہہ نہٕ کانٛسہِ پراران۔ یہِ شور...... کنہٕ کٔمِن پردن اوسُس ترٛتھ گرٛھان۔ تس اوس سارٕی ہے ماحولس منٛز اکھ عجیب وہ پریر باسان۔ تہٕ امہِ بڑ شہرُک سنبر تہٕ ووگنیار، رنگارٔنگی، ثقافتی شان تہٕ سرمستی اَسس نہٕ رژھ تہٕ پانس کُن مایِل کران۔ تس اوس پنُن سوٗرٕے ووجوٗد روومُت۔ سو زندگی ہنٛز حرکت اَس شٔھیمٕژ تہٕ تھامہِ گٔمٕژ، یوسہٕ تٔمی کٔشیرِ منٛز پتٕمین کُنہ ہٲٹھن وٕرٕین گزٲرمٕژ اَس۔ یِم ییتیاہ وٕری اَسی نہٕ کٔشیرِ منٛز تہٕ اکی آیہِ روٗدٕیمتی ۔ڈوٗگر شٲہی پتھ آیہِ آزاد شٲہی۔ کوٗت یوٗنی ووٗتھ تتہٕ ییرٕ بوٗن۔

وارِیاہ کتھ آسہٕ تس وِزِ وِزِ ناگوار تہٕ گُذریمژ۔ مثلن اوٚترٕ اوٚترے ییٚلہٕ سہٕ

ووٹ تراونہٕ دراو، بوٚتھس پیٚٹھ وٲتِتھ وۄتھُس اکھا...... پنڈِت جی۔ ''توہہٕ

کیازِ کوٚرِو تکلیف۔ اسہٕ تھاوٕ تُہنز کٲم گوڈے موکلاوِتھ۔ آخر بزرگی ہُند ہے

خیال چھُ پیوان تھاوُن۔''

سری کنٹھس گوٚو سخ برطبع۔ مگر واد کرُن زوٗنُن نہٕ مُناسِب۔ اتھہٕ گوٚس

یکدم دستارس گُن۔ اتھ دیُتُن وارٕ کلس پیٚٹھ ژبل تہٕ دِہی لد گگُر ہیوٚ آو گرٕ واپس۔

تاہم آس سری کنٹھس ہمیشہٕ اکھ بشاشت زِ تس چھےٚ پننٕز اکھ ہستی۔

پننٕز اکھ شخصیت، پنُن اکھ الگ وۄجوٗد۔ الگ ایڈنٹٹی (identity) عالمی کُدلہٕ

پیٹھٕ ہے اَمراکئٕل کھسہٕ ہے تس اوس باسان سری کنٹھ چھُ پکان۔ سہٕ چھُ

سہٕ۔ جایہٕ جایہٕ اوس آلی واکھ سپدان۔ مگر کلکتہ ہس اندر آس نہٕ تس پانس تہٕ

مچھِ منز کانہہ فرقاد باسان۔ یوٚ دوے سہٕ مرِ زن مرِ مچھ۔ کُس زانہٕ کُس موٗد۔

کشیرِ منز ہے مرِ اگرِ نگرٕ روزِ دوہہٕ وادن پھرُن زسری کنٹھ گُذریوو۔

شُمشانس تام ینس ءکتی لُکھ ہیٚندی مُسلمان ءستی۔ تس آس سو اکھ پینٹنگ یاد

پیوان۔ یتھ منز اکھ کُل کاڈ کٔڈِتھ لگ لنجہٕ وٲہرِتھ اوس۔ مگر تلہٕ آسس

سأری موٗل ژھٔنیٚ ہتی۔ گرِ گرِ آسس یہے تصویر چشمن تل یِوان۔

سری کنٹھس اوس اکھ نیچو جےپوٗر، بیاکھ بنگلورٕ تہٕ ترٕییم کوٚنس ہیوٚ

کلکتہ۔ ترہیو کوربو منز آیہٕ سس زِٹھ ہش سری نگرٕ باءگنی آہژ۔ منزِم ہش شِملہ

تہٕ ترٛیٚم امریکہ۔ نچوٕ ترٛ۔۔ے آسی نہٕ جان عہدن پٔٹھ لبنہٕ۔ أتی أسس
تچھِ بچھ کران۔ تَم أسی خانہٕ بدوش۔ از آسی أکس جایہِ ڈیرٕ دِتھ۔ پتاہ کیاہ
اوسُکھ پگاہ کورلگن تہٕ تِہندی شُری کوٚت کوٚت واتن۔ کم روپیہِ آسہٕ نہٕ یِمو
ترٛیو بارنو وُنیُکھ تام کرایہِ بدلہٕ دِژمژ۔ نصف نصف تنخاہ اوسُکھ أتھی پٹھ
خرٕچ گژھان تہٕ پنُن کاہ طاق مکانہٕ ہتھ وری پرون آستھ تہٕ شُستٕرٕ ومکھ ہیُو۔
یِتہِ بأژو خأطرٕ ڈولان۔ یہِ چھُ پزر زِ ووٚنی اوس اتھ سوٗرے پلش دوٗر یومُت۔
کأنی ہنزٕ لبہٕ آسس آوسیمژ، مگر مکانس کیاہ اوس وُنن۔ رامہٕ کوٗلنی تنابہٕ ہش
لرٕأس محلہٕ کِس مجلس دیُز۔ پرانہٕ ماہرأجی سیرٕ آسہٕ چشم دید گواہ زِ سری گنٛڈھن
موٗل رامہٕ کول کمہِ جاہ و حشمتک مألک آسہِ ہے۔ چھراٹک اوس
تحصیلدار، پوٚرٕ علاقُک اوس ماہراج۔ اتھ مکانس سٟتی اوس مجلس منٛز پرٛتھ
کأنسہِ اکھ سوٚن تہٕ نزدیکی رِشتہٕ۔ یٮ۪یہِ کأنسہِ کھاندر کھُندر آسہِ ہے، تس اوس
مکانہٕ آیتن روزان۔ کتھ یٮ۪ینہٕ وأتی تہٕ کِژ براأژ آسہٕ اتہِ بلا لحاظ مذہب مِلت
سال کھیتھ درامژ۔ رامہٕ کولن مکانہٕ اوس محلہٕ چن کچن بچن ہُند یزت تہٕ
اوبروے۔ تہٕ اکھ سہٕ اہم رسم پوٚرٕ کران یٟمہِ پتہٕ محلہٕ کورِ دوٚیمِن جاین تہٕ
علاقن منٛز آسہٕ باءگنی یوان۔ پرٛتھ اکھ محلہٕ کوٗرٕ أس تتھ رِتس ساتس پراران
یٟلہِ تِہندِ نأوی اتھ مکانس منٛز اِسبند دزِ ہے۔ ونہٕ وُان سپد ہے، سال سب
تہٕ واژٕ وان لگہِ ہے۔ تہٕ سو گژھِ ہے پنہٕ نِس سٟتی بأجس سٟتی ڈولہٕ یا کارِ منٛز

صفرِ کِس نُوِس کرۄہس منز شامِل۔ سری کنٹھس اوس یادٕ وُترِس منز یہِ

سورُے یتھ بیٚیہِ سوے پینٹنگ یاد پیوان ۔ سُے کُل ،لگٕ لنجہِ وٚبرتھ مگر

سارِنے موٗلن دوتہٕ دوتہٕ گوٚمُت۔

پرُس رِٹائر گژھتھ کریوو تٔمی فأصلہٕ زِ سہٕ گُزارِ یم زندگی ہندی پتٕم

ؤری پیٚتی کٔشیرِ منز، مگر حالاتو دیٚتُس نہٕ ساتھ تس بیٚیہِ تتھی کنٕہہ فأصلہٕ نٔنی یم نہٕ تس

پانس تہِ پسند آسی۔ از ؤہ دوہ برونٕہہ ییٚلہ، سہٕ کلکتہ کِنہ ریلہِ منز روانہٕ سپُد تس

اوس باسان سہٕ چھُ یمہِ کینکر ورٕیتھ نیمُت۔ اکھ چھُس اَکِس اتھس تھِھ

کٔرِتھ تہِ بیاکھ بیٚیس تہِ نارٕ تیونگلو پیٚٹھی چھُس پکہٕ ناوان ۔ کلکتہٕچ گرٕکھ وُچھتھ

اُس تس یہِ کیفیت زیادٕ زیادٕ وۄگنان ۔ وُبونہِ نارٕ ژنجہِ آسس وُمبرِ ہُند حِساب

ہوان۔ سہٕ اوس سوچان سہٕ اوس کریریٚک مِنہِ مونڈ گٔے جان۔ تس اوس پوٚرٕ

یٚتھ زِ سہٕ یِیہِ نہٕ ووٚنی زانٕہہ کٔشیرِ۔ تٔمی ہندی آبہٕ دانہٕ چھِ ووٚنی ژھوٚکیمتی۔

اکھ عجیب دگ اُس تس أندٕری أندٕری اکھ اکھ انگ وُہلاوان۔ سہٕ

اوس گرٕ ودوہو پیٚتھٕ بأے ہنزٕ چِٹھِ پران۔ مگر چِٹھِ ہُند نیال اوس نہٕ کُنی تس

اُس پوٚرٕ پرٕھ زِبوے لیکھِ تس اُٹھن

داہن دۄہن تام ’آ‘ یا ’نہٕ‘ تہٕ سہٕ دِیہِ زامٕترِس تار زِ سہٕ کرِ باقٕے کاروأیی

پوٚرٕ تہٕ یتھٕ پأٹھی والتہِ اٰخری نیأے لٔد۔ تہٕ سہٕ مرِ شأنتی سان۔ مگر جواب ندارد۔

’’خبر وارے چھا؟‘‘ ...... سری کنٹھ گوغوطن۔

''اگر نہٕ از چھٕکھ واٲژ مےٚ پیٚیہِ تس تار دِنی۔ أنڈرٕ چھم سوختہٕ گڑھان۔ کس باوٕ أندرِم دود پٔنن؟''

..... تٔمۍ ترووز یوٗ ٹھ وۄش۔

سری کنٹھس اۘسۍ تژے بارٕ نی۔ اکھ مو یوو لو کٔٹے۔ بیا کھ اوس دِلہِ منٛز از بوٚڈ بارٕ افسر تٔمۍ اۘسۍ تٔتۍ جان کوچھِ ہن بنأو مٕژ۔ تٔمۍ ہنزٕ وتھ ولزٕ ستی اۘسۍ سری کنٹھنی تژے نیچوٕ اکھ جے پورٕس، بیا کھ بنگلورس تہٕ ترٚیم کلکتہ ہس منٛز تچھِ نچھِ کران ۔ بیا کھ بوے ناتھ جی اوس ماشٹرسہٕ اوس وُنہِ کٔشیرِ منٛزٕ رے روزان۔ تس اۘسۍ وُنہِ پانژھ شٔے وٕ ری پنشن گژھنس روٚدی مٕتۍ ۔ ٹیوشن ویوشن کٔرِتھ اوس پننہِ نِس خام شأ ٹھس واٹھ دِوان۔

سری کنٹھس ینہٕ ژٕ وٕ ری برونٛہہ آشِنٛز موٗ یہِ سہٕ اوس اۘمۍ ہے نِش کھٕوان چوان تہٕ حسب مقدوٗر پٔنن خرچہِ تٔلۍ ٹٔلۍ ژھٔلی واتناوان۔ اکہِ دوہہٕ یِیٛلہِ دوشوٕ ے بایو شأمچ چاے چٔیِیہِ سری کنٹھن مُژٕ ر دہانہٕ۔

''چھُکھا بوزان، مےٚ کٔڈٕ ے از ٹِکٹ۔ بہٕ نیرے کأنٛکی کبتھ جوٗم تہٕ تتہٕ پیٹھٕ دوٚیمہِ دوہہٕ کلکتہ .....''

''سأری چھاتتہِ وارے؟'' ناتھ جیین پرُژھُس ووٚٹھ کھبتھ۔

''اہن سأ وارے مگر دپھ وارٕ نہٕ کانٛہہ .....!''

''مطلب؟''

سرِی کنٹھن دیُت نہٕ کانٛہہ جواب، صرِف ترووُن زیوٚٹھ ووش۔

''نہ سأونان کونہٕ توٚہی کینٛہہ؟'' ناتھ جی لیس ؤزھ دأدِی وأد۔

''أمِی ہبا أسےٚ کلکتہ پیٚٹھٕ لوٕکٕٹ صاحب زادن ژوٗرِم چِٹھی سوٗزمٕژ۔ زِ بہٕ گژھہٕ جلد از جلد کلکتہ واتُن۔

اِدِ وارٕ کارٕ وٕنِدس منٛز گژھِ تو۔ وُنی کینٛہہ ہے گرمہٕ کرأنے آسہِ۔''

ناتھ جی ین ووٗنُس۔

مےٚ تہٕ ہبا اوس تی خیال، مگر یہِ لیوٚ کھمُت چھُن تمہِ تلہٕ پیٚیم گژھنے۔

''أخر ییژ کیاہ تأ جلی؟''

''خبر ہے چھے بأ زٕ چھِ صُحبس نوکری نیران۔ ہہُ گژھان فیکٹری تہٕ سوٗ کتھ تام پرایویٹ مدرسس منٛز ماشٹری کران۔ یہِ پیوٚنت اوسُکھ کرچس منٛز ترووُمت۔ ہتھ ڈوڈ ہتھ

أمِس ریٚتی دِوان۔ اِدِ شامس اُسی تم تہٕ یِوان۔ أمِس پینترِس تہٕ أسی انان......''

''اہن سأ تہٕ اِدِ؟''

''از چھا باسبزر۔ لیکھان چھُ یمن شُربن چھِ یم کرچہٕ وأنی کیاہتام دواٹھُکان۔ یُتھ یمن دوہس نیٚنٛدٕر ریٚیہٕ نہٕ تم بچن شُربن ہندِ ٹوٗں ٹوٗں تہٕ ودنہٕ رِونہٕ نِش۔ دیان بڑٕ بد حالتھ أسکھ أمِس پینترِس گمٕژ۔ تموٗ اُس تمٕی ہندِ بچہٕ نچ

براںٹھے ترأوِمژ .....''

''عجیب؟'' ناتھ جی وۄتھُس در جواب۔ ''ووٚنی گوٚژھ بیٚیس کرچس منٛز تراوُن۔ سأری ما آسن یتھی .....؟

''نہ سأ۔ تِم چھِ ڈٲراونہٕ آمٕتۍ۔ ووٚنی ہے سو مأج نوکری تراوِہس۔ نیر بکھ کیاہ یمن روپین خبرٕ کرٕ آسکھ ،کرایی۔ مےٚ ہبا پیٚیہِ گرٕ ژھُن موہنیوی کارٕ ے کونہٕ پیٚیم پأتۍ مہِ گرِ کرُن .....''

دوشوے گٔیہ اکھ أکِس کُن وُچھان۔ کأنٛسہِ وۄن نہٕ پیٚنتس کھنڈِس مزید کنٛہہ۔

''گوڈ ہیٚتِن یتھ کٔشیرِ کاہے گرٕ گرٕھنۍ۔'' سری کنٹھن مُژر أخر زیو۔ أمِس ہے پیٚتۍ نوکری بنیمژ آسہِ ہے یہِ ماپیٚیہِ ہم ڈینشن۔ أکرِ ہے أکرِ ہے رچوم داملنہٕ۔ أس اَے زمین سو کھٔیپہِ ہےَ اِصلاحات گٔری گٔری۔ یوٚ تام اسہِ اِصلاحے کوٚرُکھ۔ اِصلاحات ہبا چھُس یہٕ تہِ مانان مگر یہِ گوٚستم۔ اوٚترٕ اوسہٕ سے شیلُن وأرِو گوٚمُت۔ گرٕھِ وُچھُن بأے ژور کتھ کتھ نکہٕ وأرِس منٛز چھِ روزان۔ زمینہٕ وُہ پنٛژہ کنالہٕ أسِکھ بچارن۔ تہٕ سوٚنٛچُھ نہٕ مکانہٕ خأطرٕ تھاووکھ نا جاے .....''

سری کنٹھس گوکلام کران کران بدلے حال۔ سأرٕے درٕہ تہٕ ژکھ کھٔژِس بتھِس۔

'' بِتن ہہٕ مُنزم ہیُو۔ سہٕ چھُ بنگلوٕ۔ دپان چھُس کران کیاہ آسہِ۔

زِ کورِ چھس کھاندرس واژمژ ........پتٕی مہِ گرِ ہبا آس ہنہٕ۔ جے پوٗرک
چھُے نہٕ چھٹِھی لیکھان۔ سہٕ آسہِ سونچان، ہے ہے لیکھس ہے مول ماتیم
یوٗرِ۔ حالانکہِ پتٕرُن ماچھُس بہٕ کأنسہِ۔ یوٚ تامتھ زِندٕ چھُس توٚتتھ تامتھ چھُم
پتُن پنشن پأنسہٕ سبٹھاہ۔

سری کنٹھُن جذبأتی اندازٕ وُچھِتھ زون ناتھ جی ین موضوٗع
بدلاونُے جان۔

''توٚہۍ چیٚیو چاے.....؟''

''اہن سأ ووٕنی پیٚیم کرأے۔'' سری کنٹھ نِس کلامس منز گوتروشرتہٕ
ژاشرہُران۔

''بہٕ ہبا اوسُس بیا کھ کتھ سونچان۔ مُلہٕ تلہٕ اوسُم تی وُنُن.....!''

''خبر کیاہ؟'' ناتھ جیین پرُژھُس بڈٕ حأرأنی سان۔

''سوچان اوسُس یتھ مکانس دِمو دکہٕ۔ سہٕ چھُے دِلہِ منز سہٕ چھُے نہٕ
وُنیکتام ونان کرُن کیاہ چھُس پنہٕ نِس ہِس۔ پگاہ تراوِ بہٕ شریر۔ مےٚ چھُے
پنہٕ نہٕ خوٚنچ خبر، وُنہِ آسم دٕہم
دوہ تہِ گژھنے تم کرنے یتھ ایک۔ دو۔ تین۔ تمی چھُس سوچان پأنسے تھی
ہے تنازعہ موکلہِ۔ پگاہ زیٹھِ نہٕ نیأے۔ تہٕ تور کرٕ روزٕنم نہٕ بچ ٹوپہٕ۔''
ناتھ جی گوٚ ہے ینگہ ہیوٚ روٚزتھ کینژھا باسیس ینہٕ فأصلہٕ بلکل

بے وق تہٕ اچانک۔ کینژھاہ باسے یس اکھ تلخ حقیقت تہٕ۔ گُنسہِ ٹوپہ ہنز دگ وو تلے یس أندرۍ۔ سوچنہِ لۆگ سہٕ ہے خام کونہٕ ہیتھ گژھِ تہٕ کۆت گژھِ۔

سری کنٹھس اوس تہِ سوٗرے فِکرِ تران۔ اکئونٹی ہندِس دفترس منز اوس روٗدمُت ،وٗمر أسن نہٕ چھیٚنۍ گرٕمژ۔

''مےٚ ہبا چھُ چانین مجبوٗرین ہُند احساس۔'' سری کنٹھن دیُت بڑٕ دوٗر اندیشی ہُند باس..... ژٕ سوچ پکہٕ وٕتہ ہے مکانہٕ کنہٕ ہون،روپیہٕ ڈوڈ لچھ ژٕ لچھ ینس۔ اگر ہے الگ الگ خریدار ژھانڈوس وُہو پنژٕ ہو ساسو علاوٕہ ما با دِیس کانٛہہ دُمبرۍ تہِ۔ گُس چھُ از کائنسہِ ستیٚ روزان۔ پٹھ آسبس وُز گُنٛے۔ ہیر گُنی براند گُنٛے۔ گُٹھن ہنزٕ لبہٕ کُنبے..... سرکاری کواٹرن ہنز کتھ چھِ بدل......

''تہٕ ہسأ چھُ صحی۔'' ناتھ جیین بڑٕ حلیمی تہٕ احترامہٕ سان۔

''بیٚیہٕ ژٕ ژور وٕری ہے گژھن۔ پتاہ چھایم شُری کتھ کتھ پاسس گُن لگن۔ بہٕ تہِ آسہٕ

تۆتتھ تامتھ رِٹار گۆمُت ۔ بہٕ تہِ نیرِ تمہٕ نِے پتہٕ پتہٕ رَوٕ، توٕ تہٕ باڈٕ ہیتھ ......''

''تہٕ ہبا چھُ پۆز۔'' سری کنٹھ لۆگ ونہٕ نہٕ۔

''مگر مے چھُ نہٕ باسان مےٚ نیرِ تیوٗت کال۔ میون تہِ اوس ووٕنی سہلے۔ سوچان چھُس پتہٕ گژھِ نہٕ رامہٕ کولہٕ نس ناوس رب تنٛ متھنہٕ۔ أتھی

ہے میون حِصہٕ ووپرن ہیوٚت ژٕ کیاہ کرکھ؟

ناتھ جی گور بوٚڈِ ہیُو روٗزِتھ۔ مِنٹن پنداہن مرن دراو نہٕ تٔمی ہنزِ زیٹھِ

اکھ لفظ تہٕ۔ سری کنٹھ وۄتھ تھوٚد۔ پھرِنس کوٚڈُن واش تہٕ لوٚگ ونہٕ نہٕ۔

''سوچ فرصٔژ سان سوچ۔ بأ ژٕ سوٗچو جان کیاہ گژھِ، ناکارہ کیاہ

گژھِ۔ یہ نیرِ کأڈی کبتھ ہفتہٕ کھٔنڈی لیکھ تہٕ چِٹھی۔ مےٚ چھِ دوشوے خریدار

نظرِ۔ اکھ چھُے سوٗرے مکانہٕ ہینہٕ خأطرِ تیار، بیاکھ چھُ میأنس حِصس پنٕزہ

ساس دِنس تیار۔ تہٕ دوشوے چھِ مُسلمان۔ اکھُے لیکھِ یہ ہُمس دِلہِ تہِ چِٹھی،

سہٕ کیاہ چھُ پننِس حصس کرُن یژھان.....''

سری کنٹھن دیُت اکہِ پتہٕ قدم۔

''نہ سأ.....بتہِ .......  بتہٕ وتہٕ کھیٚیو.....؟'' ناتھ جی ین أنی ہتو

زوروکمہِ تأنی کھوتہِ منزٕ پٔننی زبو کڈِتھ۔

''بِہو ..... بتہٕ کھیٚیو ...... یہِ سپدُن آسہِ تی سپدِ.....''

''اہن سأ۔ تی سپدِ۔ یہِ سپدُن آسہِ۔'' تمی کوٚر اتھ کتھِ ستی اقرار۔

أندری أسِس پانس وُتارِ یوان۔ زِ یہِ نہٕ سہٕ از تام خاب وخیالس منز تہٕ

أنتھ ہیکہِ ہے از چھُ سہٕ تی کران۔

''بِہو سأ'' .......ناتھ جیین وۄنہٕ نس۔

'' نامےٚ ناچھُے نہٕ مأہلے۔ مےٚ چھُ کلس دود تہٕ۔ یہ ہسأ شونگہٕ

ہے ........

سری کنٹھ ووت یِی ونان ونان پنہٕ نِس کُٹھِس اندر۔ درواز دیُتُن بجلی گرِن ژھبہٕ تہٕ ژاو بسترس منٛز۔ سوے تصویر، سوے پینٹنگ روٗز تمی سنزن چشمن تل گتھ کران۔

سری کنٹھن اوس لوکچارس بوٗزمُت شنکراچار چھُ اکھ خاموش آتش فشان پہاڈ یُس کُنہِ دوہہٕ ہنگہٕ منگہٕ پھٹہِ تہٕ پنُن سورُے لاو أندی پکہِ چھکرِتھ کرِ سأری ہے ڈُبہٕ ڈاس۔ مگر یہِ شنکراچار پھوٗٹ نہٕ یمن 59 ہن ؤری ین۔ پوٗزتس اوس وِزِ وِزِ باسیومُت زِ لاو چھُ امہِ منٛزی نیران۔ مگر از اوس تس گوڈنچہِ لٹہِ باسان زِ شنکراچار چھُ پوٗز پأٹھی پھوٗٹمُت تہٕ سورُے لاو چھُ چھکراونہٕ یِوان۔ سورُے نب چھُ وُنلہِ، اولوٗدگی دِہہٕ ستی برِتھ۔

ازِ تہٕ وأژنہٕ تس چِٹھی۔ سری کنٹھ ووت پھٹہٕ متو کوٹھو پانے تار گرتہٕ دِژن نظر۔

"Worried, Wire welfare,"

Srikant,

یتہِ ترے دوہ گیہِ تتھ تتھ۔ یمہٕ رأژ کچہِ تمی تتھ پأٹھی زن تہٕ کلی پچن پیٹھ شوٗنگتھ اوس۔ عجیب عجیب خیال روٗدی تس یِوان۔

"ہے ہے۔" پنہٕ بأژو دو یو آسہِ زہر کھیومُت۔ تس کُس جہنم انن۔

مےٚ پزِ ہے نہٕ یہِ فأصلے نیُن۔ اِدِ میانہِ مرنہٕ پتہٕ یہِ خوش کر،ہسکھ تہٕ کرِہن.....''

سہٕ گو پاگل ہیُو۔ سوٚنچُن اگر نہٕ بێیہِ کُنہِ وقتس جواب واتِہس ،سہٕ لیکھِ بأیِس تٔمی بدلوو پٔنُن فأصلہٕ۔ نظر اۄسس برابر دروازس کُن ،تہٕ خیال مُسلسل بأیِس کُن۔ سخ پراگندٕ اوس۔

تارِ ووت جواب۔ ژھوٚٹ تہٕ موخصر! تار وُپھِتھ زن تٔمی لٔب سسارِچ دولتھ۔ تیوٚت گو خوش ۔سہٕ لوٚگ پرنہِ لیکھِتھ اوس:۔

''اۄسی چھِ سأری وارے ۔چِٹھی چھم تفصیلہٕ سان از پانژھ دوہ بروٚنہہ ترأومژ۔''

تارِ ہنز عبارتھ پٔرِتھ توٚر نہٕ تس فِکری زِ تس پزِیا خوش سپدُن کِنہٕ نا خوش۔ بێیہِ گوہتِن دولابن۔ ناتھ جی کیاہ لیکھِ؟ کیاہ ونِہ؟ کِنھی اوُسس نہٕ سمجھ یِوان۔ سہٕ اوس ییمنے غوطن۔ ناتھ جی سنز چِٹھی آیہِ ڈاکہٕ وألی۔

سری کنٹھن روٚٹ لِفافہٕ۔ وارٕ پرزنوٗن ناتھ جی سُند دستخط ۔خوش گوبأے سنز فرمانبر

دأری وُچھِتھ۔ بێیہِ ہن ہُرے لیس تٔمی سنز مامے۔مگر لِفافہٕ مُژراوان مُژراوان ژالیس سأری ہے پانس نٹھ نٹھ۔ دِلہٕ دُبرائے ہُرے لیس۔ اۄچھن سوتیوس گاش۔ لِفافہٕ مُژرِتھ ییلہِ تٔمی چِٹھی کڈ،تس باسیوو کاغذ چھوٚت۔ خأیی۔

بِلکُل ژھوٚر۔ مگر.....نہ..... نہٕ تہٕ اوس تس دُگوش۔ چِٹھی اُس باضابطہٕ تٔمۍ لیچھمۍ مژ۔ سری کنٹھن دیُت وارِ عاٗنکس پھشاہ۔ گوڈٕ آیس سِیاہ کارٕ ہی لبنہٕ پتہٕ سپدۍ ساریٖ لفظ ٹاکارٕ۔ تٔمۍ دیُت دم تہٕ وارِ لوٚگ اکھ اکھ اچھر پرنہِ۔

بأے صاأب ! نمسکار۔ صدبی سال وُمر آسِنو۔

بہٕ چھُس تُہنز لاچاری تہٕ مجبوٗری جان پأٹھۍ سمجھان۔ یہِ تہِ چھُم احساس زِ تُہنٛزی بأے بہٕ نیٚچوۍ گرٕنز روٗ چھنس۔ بوٚڈ کوٚرنس۔ سونٛچُن ہیٚچھ نووُنس۔ سہٕ یہِ ونہِ تی آسہِ جان۔ تی آسہِ وزن دار تہٕ صحی۔ مگر ہنا دِیو ژٕ بتھ بہٕ کوٚت گژھہٕ یہِ خام عیال ہتھ؟

بہرحال توٚہۍ کٔرِو بے شک پنُن حِصہٕ پیش کرِو توٚہۍ خوش توٚہۍ کیاژِ ہواں وسواس۔ بہٕ یتھ مجلس منز روزان چھُس ،ہتہٕ کم چھِ روزان؟ بہٕ کمن ہستی چھُس ڈٕہۍ دہس آسان ۔؟ دود کس نِش چھُس انان؟ سبزی کس نِش تہٕ ماز کس نِش؟ نار کُس چھُم دِوان، زل مل تہٕ گندگی کُس چھُم تُلان؟ بہٕ ییم پوٚش بگوانس لاگان چھُس تم کُس چھُ ووپداوان؟ بہٕ یٚیلہِ زاس وارِنٛز کوسہٕ آس تہٕ بہٕ یٚیلہِ مرِ کاوِج کُس آسِم؟ توٚہۍ مہٕ ہیٚیو میأنۍ ژبتہٕ پیڈا۔ ایشر تھاٗوی نو وارِ !

تُہند پنُن ۔ناتھ جی

سری کنٹھن پٔر یہِ چِٹھی دوٚیہِ ژورِ لٹہِ۔ اُچھ گییس رتہٕ ژأنگۍ۔ خشمہٕ

ہۆت ژۆلُس نیرِتھ ..... ''بلڈی فوٗل۔ اَمِس چھِ مغزٕ ڈُلی متہٕ۔''

تٔمۍ تُج چِٹھی تہٕ اتھ کٔرِن ٹُکرٕ۔ یِم ساٗری ٹُکرٕ دِتِن دارِ کِنۍ داٗرِتھ۔ سخ بے قرار سپُد۔ پھوٗر گوس ژور ژور کراہ تھوٗد وٗتھتھ۔ وُسوٗاسی پھیرٕس۔ سوے پینٹنگ لٔجِس اَچھن بروٗنہہ کنہِ تیز تیز نژنہِ۔ گراٗسی ژھینۍ متہٕ موٗلۍ ہیوٗر کھسان تہٕ لگ لنجہٕ بوٗن وسان تہٕ گرا لگ لنجہٕ ہیوٗر کھسان تہٕ ژھینۍ متہٕ موٗلۍ بوٗن وسان۔ کُل یِیہِ وُرکاوُنہٕ ......وُنی یِیہِ وُرکاوُنہٕ۔ تس سپدے یہِ دِلچ حرکت سیٹھاہ تیز۔ سہ 'آو ہٹھر لایِنہٕ۔ دوٕیہِ گنٹہٕ پھیوٗرُس حبس۔ مگر حالتھ روٗزٕس برابر ابتر سپدان۔

کنٹھہِ دوہ پتہٕ یُتھے تٔمۍ سندی زامتری لڑکن یانے شیلنۍ خانہٕ دارن کاگز واگز مُکمل کٔرِتھ تس چیک سوٗز چیکہٕ ستۍ اَس چِٹھِ ہن تہٕ۔ یتھ منٛز یہِ لیکھِتھ اوس زِ بیاکھ چیک سوٗز تٔمۍ سری کنٹھہِ نِس بیٚیس باٗیس دِلہٕ۔ ستی اوس پتہٕ لیکھِتھ زِ ناتھ جی ین تہٕ کُن اکہِ ہفتہٕ پتے پٔنُن حصہٕ۔ تٔسی قاٗدِر جوُس تیٚمی سری کنٹھُن تہٕ بیٚیس باٗے سُند حصہٕ ہیوٗ تُمت اوس۔ تہٕ ناتھ جی چھُ ووٗنی وانٛج واٗرِث روزان۔

سری کنٹھ نِہ ژھپتہٕ گمژٕ اَچھ بنے یہِ زِ کریٹر (crater) یانے وُہوِنۍ گُلۍ زِ یپاٗری اَندرِم حرارت تہٕ سوٗرے موادلوٗگ وہگِتھ نبر نیرنہِ۔



# وخ ژلہٕ وُن آب

سو آیہِ نہٕ از تہِ۔

گاشہِ پیوٚ ترٛ بن تہٕ ترٛ واہن منز۔

تٔمی ہنٛز نظر روٗز دروازس کُنےٚ لٔگتھ۔ سوچان اوس اتھ گرٛ ژھِ نا کُنہِ کنٛز زٕ یرا۔ کُنہِ کنٛز ٹھسا۔ تہٕ تس لگہِ ژینہٕ ون زِ سو آیہِ آٔخر کار۔ مگر کنٛہی سپُد نہٕ۔ تٔمی ہنٛز بے چینی بڑے بیہِ۔ یہِ وأ ژ اسمان۔

گاشہ اوس نہٕ منہٕ کنٛی یوٗت سیکولر ٹلی کہِ ناوٕ کنٛز تہِ۔ ناوٕ تلہٕ اوس نہٕ امیک باہے لگان زِ سہٕ چھابٹہٕ کنٛہ مُسلمان۔ بیشتر لُکھ آٔسی تس بٹہٕ تہٕ زانان تہٕ مُسلمان تہِ۔ گاشُک مطلب چھُ

روشنی۔ اتھ اندر نہٕ چھِ سٕنٛدِ سیوٚد دین درٕ چ کانٛہہ چھی نہٕ کانٛہہ تفرٕ قے۔

گاشہِ یوٗت رلہٕ وُن میلہٕ وُن اوس تیوٗتے اوس ہمدرد تہٕ غم خار تہِ۔ سہٕ اوس یمو صِفتو کنٛز پرٛ بتھ کانٛسہِ پانس کُن کھچان تہٕ کٔشش کران۔

تٔمی آٔسی زِندگی منز واریاہ کو ہرام وُچھمتی۔ یِم سبٹھاہ ٹیٹھی آٔسی۔ اما

پۆزتس اٲس نہٕ کانٛہہ فرق آمُت۔

مگر ازاوس تس بدلے گیوٚر آمُت۔ یُس سبٹھاہ مُنفرد اوس۔ یتھ منٛز حاراٲنی تہِ اٲس تہٕ ناپدٕی بورس اٹہٕ گنٛڈ ڈیوٚل گڑھنچ ترٛاے تہِ۔

گاشن کوٚڈ أندرِمہِ چنٛدٕ منٛزٕ لِفافہٕ یُس تمہِ بڑٕ حفاظتہٕ سان تھوٚومُت اوس۔ اتھ اندر اٲس اکھ چِٹھِ ہن تہٕ أکِس لڑٕکی ہُند فوٹو۔ یہِ لِفافہٕ اوس تس ژور پانٛژھ دوہ برونٛہہ ڈاکہٕ کہِ ذٔرِی یہِ ووتمُت۔ سہٕ لوٚگ یُیہِ چِٹھی پرٕنہِ۔

چِٹھِ منٛز اوس بے پناہ لولُک تہٕ موہبتُک اِظہار۔ کُنہِ قسمٕچ پردٕ دأری أس نہٕ تھاونہٕ آمٕژ۔ چِٹھِ ہُند خلوص تہٕ پانہٕ نیار وُچھتھ اوس باسان زِ تمہِ چھےٚ رٕتژھ تہِ کینٛہہ کتھ ونہٕ مژ "انہٕ گٹہِ منٛز ننہِ کتھٕ" وٕنتھ ہکو۔ یمہٕ اکھ مرد یا زنان سبٹھاہ قُربٔژ تہٕ لوس منٛزٕ ے اکھ أکِس ونان چھِ۔

تأنٛچ کتھ اٲس یہِ زِ چِٹھِ پیٹھ اوس نہٕ ناو درٕج تہٕ نہٕ ایڈرس۔ ییمہِ کٕنی چِٹھی لیکھن وألی

سُند بے پتاہ لگاوُن مُشکِل اوس۔ چِٹھی اٲس بڑٕ خوش خطس منٛز لیکھتھ تہٕ پرٕتھ کانٛہہ کتھ یوس تس وٕنٛنی اٲس سو اٲس تمہِ صفأیی سان وٕنی مژ۔

گاشن دِڑیوومغزن پیٹھ سبٹھاہ زور مگر سہٕ ہیوٚک نہٕ اند اِزٕ لگٲوِتھ زِ

یہِ لڑکی کوسہٕ چھےٚ ییمہِ یہِ چِٹھ ہن تس سوٗزمٕژ چھےٚ۔

سہٕ لوٚگ لڑکی ہِندِس فوٹوٗ ہس تھلہِ تھلہِ وُچھِتھ سام ہیٚنہِ۔ سو اُس مس ملٕر۔ خوٗبصورتی ہُند اوس یہِ علم زِ دِل اوس نہٕ وُچھِ وُچھِ تہِ برنے یِوان۔ سو آسہِ ہے کُنہِ کالجس منٛز پران۔ اتھ ہِسٹی آس وُہ زِتووُہ وٕرِش باسان۔ گاشس اُس کتہِ تام اُمی ہِنز ژھانٛپ ہِش ضوٚر روٗز گُمٕژ۔ اما پوٚز کلہٕ ٹھاسی ٹھاسی تہِ ہیوٚک نہٕ سہٕ یہِ انمان لگاوِتھ زِ تمی ہے سو کتہِ تام وُچھِمٕژ چھِ تہٕ آخر کتہِ؟

یاون مٕژ ہِندِ فوٹو تلہٕ اوس نہٕ ہرگز یہِ ننان زِ سو چھا بٹہٕ کِنہٕ مُسلمان لڑکی۔ پوشاک تہٕ چالہِ ڈالہِ کنٕز اُس نہٕ کانٛہہ فرقاہ لبنہٕ یِوان۔

گاشہِ روو ہیوٗ۔ سہٕ کوٚت کوٚت گژھِ تس ژھارنہِ؟ کنٛہی اوسُس نہٕ دِماغس منٛز یِوان۔

یہِ شہر چھا ازتی یہِ بروٛنٛہہ اوس۔ امِکی سرحد بڑے یہِ کتہِ کور۔ نوِبستی آیہِ وٕۄ جوٗدس منٛز۔

بازرن ہنٛز چال ڈال بدلے یہِ۔ زِندگی ہِندی میزان تہِ معیار بدلے یہِ۔ آبأدی منٛز سپُد بے حد ہُر بر۔ لُکہٕ سہلابس منٛز کتہِ لبن سو۔

مُہ دوٗدہِ پکہٕ وُن ... بانٛز گژھہٕ وُن ... منٛز ... آدلہٕ پیٹھ ... یِرِ وُن

تہٕ واپس پھیرِ ون۔ پننہٕ کنہ ؤنی دِوان زِ کُنہِ لبن نا.....اما پوٚز کُنہِ آلیس نہٕ تٔمی سنز لوٗنٹ تہِ اتھِ۔ یژھان اوس سو سمکھے تس۔ سہٕ پرٕژھ ہس صِرف زٕ کتھٕ۔ اکھ یہِ زِ چِٹھِ منز دِیہِ رائے توتہِ کانٛہہ اِشارا۔ییمہِ کنہٕ بہٕ ہکہٕ ہاژے نِش وأتتھ۔ ژےٚ ستی مُلاقاتھ کرتھ۔ مےٚ کیاہ مأتھر چھا بہٕ واتہٕ ہا پانے ژٕے نِش۔۔۔بیاکھ کتھ وتم یہِ زِ ژٕے میأنس بے پناہ لولس منز ولنہٕ آیکھ أخر کتھ پٹھ؟ مےٚ منز کیاہ چھ تیژ کٔشش ییمہِ کنہٕ ژٕ أکس جنوٗنس منز گیکھ گرفتار۔

گاشس ؤژھ تھوتھٕ وارے پانس۔ سہٕ یوٗتے یاون مژِ نِش دوٗر اوس، تیوٗتے اوسُس پنُن پان تس قریب باسان۔سہٕ اوس ییمہِ خیالک زِ موجبتس تہٕ لولس منز چھُ اِنسان قدم قدمہٕ زنی تھے منزلس پٹھ واتان ییتین یقرارِ موجبت ظأہر کرنہٕ یوان چھُ۔اما پوٚز أمی چھِ گوڈٕ نچی چِٹھِ منز سأری درودیوار پھُٹرِتھ ژھنہٕ مِتی۔کانٛہہ ٹھوٚر چھُن نہٕ منز باگ باقے تھوٚومُت۔ ژٕو گوٚژھُس ونٛدُن اتھ جُرتس۔مگر جذباتن ہندِس بہاوس منز سوٗنچ نہٕ تمہِ یہِ زِ ہرگاہ لِفافہٕ کانٛسہِ بیٚیس نِش لگہِ ہے سہٕ کیاہ ونِہ ہے؟ بنان چھُ فوٹو وچھتھ سہٕ پرزناوے تس۔اکھ ہنگامہٕ سپِدِ ہے کھڑا۔ بڈٕ مویوٗب سپدِ ہے اما پوٚز گاشس آو فورن خیال زِ موجبت چھُ اوٗن آسان۔لوٕلکی سرحد چھِ مژرس لرِ لوٚر آسان۔ تہٕ مژرس منز یہِ وومید تھاوٕنی زِ سوٗرے سپدِ ٹھیکے سہٕ چھُ اکھ غلط

تصوٗر۔

یوٗت یوٗت دوہ دوہ گو گژھان۔ تیوٗت تیوٗت گیہِ گاشہِ نِس منس منز ٚکتی ناگہِ راد وُزان۔ یمن منز رٚمبی آرُک گرٚز تہِ شور تہِ اوس۔ نِگین جھیلچ مٚسوتی تہٕ قرار تہِ۔ ''آ..... آ..... یہِ چھُ ٹھیک..... بِلکُل بجا.....''
واریاہ کنٛہہ سونچنہٕ پتہٕ آو تس بڑ خوٗبصورت خیال۔ یُیمہِ ٚستی پڑتھ کانٛسہِ ہُند یزتھ تہِ روزِ ہے برقرار۔ تہٕ اصلی کتھ تہِ سپد ہے ظاہر۔ روبرو سپدِ ہے مُلاقات تہِ۔

خیال آس زِ سہُ دِیہِ شہرٕکین کینژن مقبوٗل ترین اخبارن منز اکھ عام اِطلاع ییتھ منز سہُ ونہِ زِ تٚمی چھُ اٚکِس لڑکی ہُند پٔرس (بٹوٕ) لوٗبمُت ییتھ منز نقدی علاوٕ ! اَکھ فوٗٹوٗ تہٕ سجاوٹکی چیز موجوٗد چھِ۔ بہٕ چھُس اٚمِس لڑکی استِدعا کران زِ سو یِیہِ پانہٕ مےٚ نِش تہٕ کرِ یِم ساری چیز وۄصوٗل۔
اِطلاہس ٚستی ٚستی یِیہِ سہُ فوٗٹوٗ گراف تہِ چھپاونہٕ یُس تس لِفافس منز چھِہِ ٚستی وۄتُمت چھُ۔
سونٛچن یہٕ دوے یاوٕن مٚژ پانے یہِ اطلاعِ عام پرِ نہٕ۔ کانٛہہ پرزناوِ تس فوٗٹوٗ تلہٕ۔ تہٕ واتناوِ تس چھِ۔ ییتھٕ پاٚٹھی سپدِ سبٹھاہ آسٲنی سان دۄشوٕنی مُلاقاتُک شرف حاصِل تہِ اصلیت نیرِ نٚی۔
ترکیب اٚس یزی بڑ سوندر تہٕ عملن ورتاوس لایق۔

مگر گاشہِ سپُد نہٕ امہِ خاطرِ تیار۔ یاوٕن مرٕ ہنز چھٕکی اُس ہاوان زِ سو چھَ بڈٕ حساس۔ مزازن سبٹھاہ جذباتی۔ یوسہٕ سبٹھاہ صفایی تہٕ بے بأکی ہنز قائل چھِ۔ سو کرِ نہٕ ہرگز یہِ پسند۔ سو کرِ مے ستی سخ نفرت۔ تس باسہِ اتھ منز اَکس مکارٕ ہنز چالاکی۔ بٹوٕ، نقدی تہٕ سِنگار سجاوٹُک سامانہٕ نٕتھی کرٕنی.... یہِ سورُے باسبس میانہِ دماغُک فتوٗر۔ تس یوسہٕ پڑھ مے پیٹھ چھَ تتھ یِیہِ فرق۔ تس سپدِ میون رٕوی یہِ وُچھتھ بے حد تکلیف۔

"نہَ.....نہَ میون سونچُن چھُ سورُے غلط......بِلکُل غلط.....

ٲمی کوٚر یہِ سورُے پلان رد۔ حالانکہِ سہٕ اوس کامیأبی ہندِس دروازس تل ووتمت۔

سہٕ روٗد بدل کانٛہہ وتھ تہٕ سبیل سونچنہِ۔ یِیمہِ ستی نہٕ یاوٕن مرٕ ہندِس دِلس کانٛہہ گرٛاے لگہِ۔

سہٕ اوس تس تہٕ پانس درمیاان اکھ بدلے رِشتہٕ موسوٗس کران۔ تس ییرٕ شاہ اٲمس لڑکی

ہنز دیوانگی عجیب اُس باسان تیٚرٕ ے اٲسس سورُمن رُمن سٲنِتھ گمٕڑ۔ بڈٕ ٹاٹھ سپدِ پمٕڑ۔

سہٕ اوس پتہٕ سونچان زِ سو لیکھِ شاید دوٚیِم چھٕکی یتھ منز سو تم سأری

ژھٔری دوٗرکرِ یِمہٕ کٔنی نہٕ دوشوٗنی اصٕل مُلاقات شرف ہیوٚک حاصِل سپدِتھ۔

اِنتظار گو بڈان ۔رتبن ہٕندی رٕتھ سورے یہِ ۔اکھ ؤری تہِ گو۔ بیاکھ تہِ گو۔ گاشہِ روٗد برابر پرٛاران۔ مگر کُنہِ لوٚبُن نہٕ نیب نشاناہ۔۔۔اِنتظارُک لفظ تہِ تھوٚک ووٗنی پرأری پرأری۔

اکہِ نوِ دُہک صُبح پھوٚل۔ اماپوٚز کینژھاہ پٔنن توجہ ڈالنہٕ خاطرٕ تہٕ کینژھاہ پٔنن پان لوٚتہٕ راونہٕ خاطرٕ۔تس باسیوو چِھُکھ تہٕ فوٹو پانس نِش تھاوٕنی چھُ نہٕ کُنہِ کٔنی جایِز۔ اکہِ دوہہِ راویوس چندِ منزٕ بٹوے یتھ اندر تٔمی یِم بڈٕ حسابہٕ سان رٔچھتھ تھأوی ٲسی۔باسیوس ناپدی بوراٹہِ گنڈ مژ رِتھ چھکُن چھُ زیادے بہتر۔ سہُ دراولوتی گرِ تہٕ ووت کٔدلس پٮٹھ۔ نظراہ دِژٕن اورٕ یور۔ فوٹوہس تہٕ چِھٹِ کرٕن ترٕ۔ پینتی پینتی۔ پتہٕ روٗد یِم تِلمہٕ کٔدلہٕ پٮٹھٕ بوٗن آبس منز تراوان۔ ٹأٹھی پوٚش زأنِتھ زلہٕ وِنس پأنس ارپن (نذر) کران۔یوسہٕ کأم بژٕ زٕبن منز موکلہِ ہے تتھ لوگ تٔمی گنڈہٕ پٮٛٹھی وکھ۔کھوژان اوس یتھ نہٕ کانٛہہ یِمہٕ تِلمہٕ سوٚمبرأوِتھ کانٛہہ ہنگامہٕ کرِ کھڑا۔

سخ اوسُس پھیران تہٕ تٔمی سُند منطق اوس بدل۔ موحبتس تہٕ لولس مُتلق اوس تٔمی سُندبن اُصولن اکھ الگ رنگ۔تس اوس ہٕتھ زِیٚوت یوٚت دوٗرہٕ بڈان روزِ تیوٚت تیوٚت چھُ نزدیکی لبان آے تہٕ

پوچھر۔ خو دالیس (ایشرس) تہٕ بندس (انسانس) درمیان رِشتک بۆڈ پزر تہِ چھُ یو ہے۔

تمہِ دِژ ویتھِ ہٕندِس آبس کُن اَخری نظر۔ آب اوس مُتی آیہِ دوران تہٕ ژہ ہالہٕ ماران۔ تمہِ اَسی زٕ ٹاٹھی یادگار رژِ رژِ ڈُوتِھ ہٕمتی۔ تہٕ تمن اَسن پننہٕ نِس سینس منز جاے دِژہٕمژ۔

دپان وکھ چھُ ژلہٕ وُن آب۔ مگر خوٗبصورت یادٕ چھہٕ تمہٕ حسین گرِ تہٕ ساتھ یمہٕ زندگی سوری تھٕہ مشان چھےٚ۔



# احساس ہُند شیشہِ خانہ

شینہٕ ژھٹھ ........وُنلہِ بلاے........

ژوپاسے چھِ دِہ زانڈ واہراونہٕ یِوان۔دِہ دأوی وُنل چھےٚ تانڈو رقص کران۔ کرٕہنہٕ ہوٚہکی تاہ چھِ بڈان۔ ووگنان تہٕ دوٗر دوٗرتام پھاٗلان۔ فِھاچھُ خشمہٕ ہوٚت تہٕ کھوژوٗن۔ تِمچ وودأسی چھےٚ نٔرتہٕ ٹاکارٕ۔

امہِ پرانہِ مکانک پِش تہٕ پیٚٹھم پوریتھ منز تم بأژ زٕ روزان چھِ چھُ غأبے ہیُو باسان۔ وُنلہِ ژادرِ چھُس جوٗنٹہٕ مأرتھ کلے ناہنوومُت ........ کرٕہنہٕ وُنل ........ یوسہٕ أندرٕ کُٹھِس منز وُتل وأرلِتھ أس۔ تِہ درتھ چھےٚ تِمی سندِس وٗ جوٗدس ہٕنن دِلس پیٹھ از پوٗرٕ پأٹھی کمر بستہٕ۔

ساجہِ أس أخری دمن پیٹھ ......وُنی ..........پیٚٹھی کھٔنڈ ی .........راتھ کیٚت پگاہ.....زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کاٗلی کیتھ .....پیٚیہِ کوتاہ ؟

.....عجب داستان ولتہِ..... الله

ٹایم پیسہٕ چھِ ہوٚنہِ آسہٕ شِہن حِساب تھأوِتھ۔ سہٕ تہِ نہٕ خاموشی

سان ئِلی کہِ بڈٕ بڈٕ ٹِک ٹٔکچ تأنتھ کھأرِتھ۔ یہِ آواز اَس رأ ژٕہندِ ژھوپہٕ ہُند جگر کوٗرِتھ تٔمی ہِسند بن کنن منٛز کِلی ٹھاسان۔ تس اوس وُترٕبنٛیل ووتھان۔ تٔمی اوس نہٕ سوٗنچمُتے زِ یُتھ ساتھ تہٕ یہِ زانٛہہ ییلہِ تس تہٕ ساجس لگہِ یِتھٕ پأٹھی ٹکھ، ژھبٕن ڈٕلُن چھُ آمُتے۔ مگر یہِ دُنیاہ ترأوِتھ ژٕلہِ نٕک سنٛز کرٕن چھُ پتھ کُن روزن والین ہٕندِ باپتھ کریوٗٹھ۔ تس اوس یہِ احساس گنان۔ تس اوس نہٕ ساجُن یُتھ انجام خأبِ تہٕ آمُت۔ گوڈٕ سہٕ کرآیو تس یتھٕ بن مالٕن پیٹھ برونٹھ سوچنُک موقہٕ۔ ییلہِ نہٕ خیالٕے ذہٕنس منٛز ووتلہِ سوچہِ کیاہ اِنسان ؟ ...سہٕ اوس پنہٕ نِنے آوٕلنبن منٛز ہیٛنہٕ آمُت۔ تٔمی اوس منہٕ کٕبن شیشہِ خانن منٛز اکھ خیألی دُنیاہ آباد کوٗرمُت۔ یتھ سہٕ باون منٛز رأ ژٕپہٕرن تام ہٕتھ پأراو کران اوس۔ تٔمی ہِسنٛز شخصیت اَس چھلہِ چھلہِ گٔمژ۔ یتھ نہٕ سہٕ ووٗنی وأتی تھٕے ہیٛوٗ کٔمُت اوس، نہٕ اوس ووٗنی تس امیک ضوٗروٗرتھے باسان۔ دپان کھاندر چھُ مُلہٕ تلہٕ جنتس منٛز طے سپدان یہِ اوس ییٛہندِ حقہٕ زیادے پہٕن صحی باسان۔ نتہٕ اوس نہٕ کانٛہہ وجہ باسان زِ تمِ کیاہ گرٛھی بأژٕ آسنی۔ اَکس چھیپرس تل تہٕند ووٗ جوٗد اوس محض اکھ اِتفاق ۔۔اکھ حأدثہ.......تہٕ اکھ ظأہردأری۔ ساجن کرے یہِ بڈٕ کوٗشش زِ سو کڈِ تس تمو سرابو منٛزٕ یتھ منٛز سہٕ ہیٛنہٕ آمُت اوس۔ تمن زایہِ زٕ ترٕے شُرِ تہٕ دریو کھ نہٕ کانٛہہ۔ ییلہِ نہٕ سہٕ ریشمی کیٛمی ہِسنٛزِ غوٗژِ منٛزٕ دراوٕے۔ساجن تہِ ووتلأو پانس أندی أندی اکھ غوٗژ تم گیہِ أتھی پرٕوَن کران۔ مگر

بأژن دون ہندِ زِندگی ہُند حسین پہلوٗ اوس یہِ زِ کانٛہہ تہٕ اوس نہٕ تٔہندِس وبو ہارس وأقِف۔ ظأہردأری ہُند ہِگلاف اوس تمہِ ادایہِ سان تٔمو واہرووُمت زِ کانٛہہ اوس نہٕ اصل حقیقت زانان۔ أمی سٹالین اوس تٔہندِس زُونس اکھ عجیب رنگ بخشُمت۔ نتہٕ ما آسہٕ ہے طلاقس پتھ نوبتھ وأژمژ۔زٕ الگ الگ زُوی (جزیرٕ) أسِتھ تہٕ اُوس تٔمو ہم آہنگی ہُند اکھ عجیب وُرُن پانس پتھ ترووُمت۔ زِ شیشہِ خانہٕ چہِ سارٕے رُمہٕ آسہٕ غأب باسان۔ اُتھ ماحولس منز اوس سہٕ تیوٗت لین گوٗمُت زِ تٔمی اوس نہٕ زانٛہہ سوٗنچمُت زِ کانٛہہ وِز ماہیکہِ پژھ تہٕ یتھ یٖمِی منزٕ سہٕ وُنی کٔمس گزران اوس........

وقتہٕ چہِ گنسہِ آسہٕ تس ءکرٕژ ٹوپہٕ دِژمژ مگر یوسہٕ دگ سہٕ از موسوٗس کران اوس، تمہِ مُنزی اوس نہٕ سہٕ زٕنٛہے گُزریوُمت۔ وُہن وٕری ین ہٕنز داستان واتہِ اند۔ یتھ منز سہٕ أکِس عجیب طریقس منز ولنہٕ آو۔۔۔سہٕ اوس سونچان یٖلہِ نہٕ تٔمی داستان شوٗروٗسپد نس پتھ اتھ مُتلق سوٗنچ، اتھ کانٛہہ اہمیتھ دِژ۔ یٖلہِ نہٕ تٔمی یتِس وقتس امہِ کِس بہاوس تہٕ رفتارس مُتلق کانٛہہ غور کوٗر سہٕ کیاٛزِ از امہِ کِس انجامس مُتلق یوٗت سونچان.......سہٕ یوٗت یوٗت اتھ ژیٖٹھ ژیٖٹھ دِوان گو، تیوٗت أس دگ بڈان.....تہٕ..... تس کلہٕ ٹھاسہٕ نس پتھ آمادٕ کران......

ٹایم پیسہٕ چہِ ہٕرٕ نہٕ آسہٕ نچہِ ہٕندی پأٹھی ٹونگری واہراوِتھ دوان۔

لوٗکٕٹ موٚہ ووت أکِس پێٹھ تہٕ بوٚڈ بِہن پێٹھ۔ سہٕ گوٚہأری ہِتس زأری ہٕندی پأٹھی سگریٹس پێٹھ سگریٹ زالان تہٕ دِہ لمبکو ہٕتی کمرُک ماحول وارے دِہ دأوی کران۔ شدید دگہِ ہٕندی آکارأسی تِمی ہٕندِس بُتھِس پێٹھ ویٚدی تہٕ ئنی۔

''اُف..... ' 'تِمی تروو زیوٗٹھ ووش........

'' گژھن نا یِم ٹایم پیٚنٛخی مٔہ زٕ بہتھ . . . . .وخ گژھِ روٹہٕ.....سأرِے حرکت گژھِ بند۔ ساجہِ نِس وۄجوٗدس ہٕتی گژھِ میون وۄجوٗدتہِ ختم.....بہٕ زانہٕ ہامٕ لوٚب عرفان.....''تِمی تروو امہِ پتہٕ بیاکھ سرد ووش۔

سہٕ اوس نہٕ کٔنف تہٕ کراماژن پێٹھ یقین تھاوان۔ مگر از اوس سونچان تیِم نا کانٛہہ ؤسیلس عُمرِ روزس سٔجدٕ دِوان۔

ساجس اوس لیفہِ منٛز دوٚگُل گوٚمُت۔ سو آس بِستر کِس أکِس کوٗنجس منٛز پیمِژ۔ ہِکبن ہُند سِلسِلہٕ اوس شوٚروٗ گوٚمُت تہٕ مٔنزی مٔنزی اوس أتی اِنٛہہ تہٕ آہ گژھان۔ یێلہِ اَتھ آوازِ منٛز ژھبن ہیوٗ اوس لگان سہٕ اوس بولہٕ ہٕندی پأٹھی ووتھان تہٕ وارٕ وُچھان شہہ چھُسہٕ کھسان کِنہٕ نہٕ۔

آوازِ لوٚگ زیوٗٹھ ژھبن ..... تس ژٕج وأنٛج نیرِتھ۔ دۄپُن باکھ ژھٹہٕ۔ سہٕ وۄتھ کموتام زورو تھوٚد۔ گابریوٗمُت تہٕ ہٕندریوٗمُت۔ ساجی مژھ رٕٹن پانس ہٕتی تہٕ لوٚگ نٔبض ژھارنہٕ۔ لوٚت لوٚت حرکت آس وُنہٕ جأری۔

سہٕ گوتس نرٕبن تہٕ شانن موٗٹھ دِوان۔ تٔمۍ کٔر اکھ عجیب (Sensation) محسوٗس۔ یوسہٕ نہٕ تٔمۍ وُہن وٕری ین ہنز نیترٕ دراو زِندگی منز زانۍہہ ژٕینۍ ہۍژ اٚس۔ سہٕ اوس اکھ عجیب وُشنیر تہٕ شفقت موسوٗس کران۔ امہِ بروٚنہہ یٚیلہِ سہٕ زانۍہہ تس نزدیک آمُت اوس تٔمۍ سنز حالت اٚس اٚکِس وحشی دٕرِندٕ ہنز یٚیمۍ سُند مُدا محض پننٕ حیوانی یت پوٗرٕ کرٕنۍ اٚس۔ تٔمۍ ڈول ساجہِ نِس مستس تہٕ بُتھس اِتھۍ۔ بجہِ بجہِ کرٕہنہِ اٚچھ۔ زیوٗٹھ زیوٗٹھ مس۔ تس باسے یہِ از سو سبٹھاہ حسین۔ حالانکہِ بیمارِ اوس نہٕ تس کِنہیں باقٕے تھوٚومُت۔ سہٕ اوس اٚکِس عجیب کیفیژ منز ہنہٕ آمُت۔

"میانہِ اٚچھ چھےٚ تمے .....مے لوگ نہٕ کانۍہہ شیشہِ۔ یمہٕ کیاہ چھےٚ وُچھانۍ .....یہٕ کیاہ چھُس موسوٗس کران.....یمہٕ اٚچھ تہٕ چھےٚ برزم۔ اکھ دوکھٕ ......یمہٕ تہِ چھےٚ نہٕ تہِ وُچھان یہِ تمن وُچھُن پزِ۔ یہِ تمن باسہِ۔ یمہٕ تہِ چھےٚ کس تام سندِس حُکمس طابع۔ ۔یم۔۔ ۔ یم اتھٕ تہِ چھِ نہٕ میانۍ .......یہٕ چھُس از اکھ عجیب لولہٕ وُشنیر موسوٗس کران۔ یس میانین زنگ لدِ جسن کھٕہرن دِوان چھُ۔ میانین رُمن رُمن اکھ ابدی اوسوٗدگی بخشان چھُ ...یہٕ .....یہٕ ...... یہٕ گژھہٕ اٚتھی منز جزب، اٚتھی ستۍ رٕلتھ۔"

تٔمۍ تھوٚو پنُن بتھ آشنہٕ ہنٛدِس بُتھِس پیٚٹھ۔ سہُ آو وارے پھٹنس۔

تٔمۍ ہٕنٛدِ منٛگۍ شیشہِ خانہٕ پیٚیہِ چھلہِ چھلہِ وٕسۍ۔ یِم تٔمۍ وٕرۍ یہ بدبن سجاٖوۍ مٕتۍ تہٕ اِستادٕ کٔرۍ مٕتۍ اٖسۍ۔ تٔمۍ ہٕنٛز زبان لٕج پاٖنۍ پانے پکہٕ نہٕ۔ تٔمۍ دیُت پنہٕ نٮ۪ن أندرٕ ٹنِن چاکھ۔ سہُ لوٚگ تٔمن سرابن گنٛڈ مژٕ رنہٕ، یِمن منٛز سہُ ییتِن وٕرۍ ین ہنہٕ آمُت اوس۔ تٔمۍ کٔرنہِ وانہٕ تمہِ توٚلِچھ ذِکر یُس تٔمۍ کیٚنژٕن ووپرن زنانن ہٕتۍ پاٖدٕ کوٚرمُت اوس تٔمۍ کٔرۍ ساٖرۍ سیر تہٕ اسرار فاش یِم تٔمۍ ساجس نِش ژوٗرِ تھاٖوِ مٕتۍ اٖسۍ۔

ٹایم پیسک ٹِک ٹِک اوس برابر خاموشی کتران۔ ووٚنۍ آسہٕ ژور بجے مژٕ۔ تٔمۍ ہٕنٛز وأچھو اٖسۍ أشۍ قطرٕ ٹھٕس ٹھٕس کران وٕسۍ پیوان۔ پنہٕ نٮ۪ن کرتوتن ہنٛز ذِکر کٔرِتھ اوس سہُ تھوٚکمُت تہٕ لوٚسمُت۔ تس اٖس ہٮ۪کِتھ بنٛد گٔمژ۔"

ساجن تُل پنُن اتھ کمو تام زورو تہٕ ڈوٗلن خاونٛدس بُتھِس۔ دٕہۍ داٖوۍ وُنلہِ ہنٛدِ أہرٕ برٕتھ سایہِ یوٚ دوے برابر أندرٕ تہٕ نیٚبرٕ وُنہِ جاٖرۍ اٖسۍ۔ سحرٕ کِس واوس ہٕتۍ ژٲیہِ گاشہِ لے کھنٛڈ کھرِ پیٚوٚ تہٕ لیو کِنۍ کُٹھِس منٛز۔ تٔمۍ کٔراکھ بدلے اوسوٗدگی موسوٗس تیٚلہِ تس شاید تلاش اٖس۔



# ژٕ تصویرٕ اَکھ پٔژ

اکھ ہنگامہٕ اوس کھڑا گوٗمُت۔

نِصف مُحلہٕ اوس یہِ ڈٟلِ زِتہِ تھوٚد ووٚتھمُت ۔ یُس یِوان اوس سُہ اوس أتی روٗزِتھ گژھان۔نوٗرمحمد تہٕ آوا میوقتہٕ دفترٕ سُہ گو یہِ چِرِ گیٚش وُچھِتھ سبٹھاہ حاٗران اما پٔز ژتس آو نہٕ کینٛہہ لبنہٕ۔ تٔمی وُچھ کٔمِس تانی کورٕ ہٕنز لوٗنٹ۔ مُری دیادٕمی جوراہ اَسی تس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تم أسی کینٛژہاہ کتھ ژٹان کینٛژہاہ تس دِلاسہٕ دِوان۔ تٔمی وُچھ صِرف یُتے تس آو نہٕ کینٛہہ سمجھ۔ کوچس منٛز أسی واریاہ نفر ووٚدنی ٕقسمہٕ ٕقسمہٕ کتھٕ آسہٕ سپدان۔ سُہ گو سارِنٕی ہند بن لفظن بوزان تہٕ تٔمن ژاٗپِ ژاٗپِ اصل پزر ژھاران۔

''نہٕ حض ......نہٕ حض .....'' اکھنفر ووٚنان۔ ''یہِ ضوتاون۔ خوداد ِپنجات۔ ووٚنی چھُ نہٕ مُحلس اندر بسُنے۔ بلاے آکھ اتھ ژٕ پٹھِس مستتہٕ واتل تورِ ژِ ہشن مگن.....'' سُہ اوس یِم لفظ پوٚزٕ کرأنی بیٚپس أ رکس روٗد نہٕ

پانس تانٛی ، ''وونٛی کوٚت ہٕض گو جانہٕ مرگ۔ یہِ ہٕض گوٚژھ پُلسس حوالہٕ کرنہٕ یُن ۔توباہ۔توباہ۔ أسہِ تہِ أسہِ لوٚکٕٹ اِدٕ چھاپی کوٚرمُت۔ پان نرِ تہِ أس نس تھپھ دِژٕمژ۔

''مگر.....مےٚ نہٕ ہٕض.....''

کوٚنچہِ طرفہٕ گو بیاکھ اِنسان ونان۔''مےٚ نہٕ ہٕض.....مےٚ نہٕ ہٕض چھُ نہٕ وُنہِ تہِ باسان أمی آسہِ یہِ حرکت کٔرمژ۔عبدُلرشید ہسا چھُ بڈٕ شریف لڑکہٕ.... تس ہسأ أسی پانس أشی گنڈ یِوان۔ دپان اوس مےٚ لُج الغاٮ۟ب أمِس ستی چھی........''

ہاہاہاہاہا........ چھی......... گوس افسوس............

اکھ بُزرگا وۆتھ زبوژاپان........

کوٚت گو وونٛی ؟''

نوٗرمحمد گو یمہٕ سار بے کتھہٕ بوٗزِتھ کم زیادٕ اصل مالس ستی واٗقف۔ تس تورفِکرِ زِ تٔمی تانٛی لڑکن چھُ کس تانٛی کورِ ٹھٹھہٕ کوٚرمُت۔سہٕ گو پریشان۔تٔمی نیوٗ پنٛن ہمسایہِ الگ کُن ۔تٔسی روٗدسار بے کتھہٕ پرٕژھان۔

یٚیلہِ تٔمی سار بے کتھہٕ بوزٕ تٔمی دیُت لوٚتے گرٕکُن قدم۔ روٗد أندری أندری کم تانٛی سٔدر یازان۔تنہٕ گٔیہ واریاہ دوہ۔

نوٗر محمد اوس گرِ بہتھ اخبار پران۔ أتھی منز زوٗلن سِگریٹ۔ تہٕ روٗد کش کش ماران۔ نِصف چون تہٕ دِتُن باقے بٹ کشہِ کڈِتھ نبر دأرِتھ۔

نوٗر محمدُن مکانہٕ اوس بِلکُل میوٗنسپل نلکس ستی۔ گرن منز أسی نلکہٕ سبٹھاہ کم۔ سأری أسی اوٗتے واتان۔ زنانہٕ آسہٕ أتی پلوتہِ چھلان۔

یُس سِگریٹ بٹ أمی دأرِتھ دیُت سہٕ پھو سیوٗ دُے میوٗنسپل نلکس اندرٕ۔ باسیوس بڈٕ شف گوم۔ کریے کیاہ ؟سہٕ اوس یہِ سونچانے نٕیرِی کَنی کھرٕ تال۔

'' پیوکھ پان وٕستھ .......بوزنے چھُکھ نہٕ یِوان۔ زألِتھ ترأوِہس۔''

نوٗر محمد گو یم لفظ بوٗزِتھ خُجل۔ ووہو روٗدی تیزان۔ یّیتہِ کاُنہہ ووہوا اوس سہٕ اوس نوٗر محمدس تہٕ تٔمی ہِندِس عیالس ستی وابستہٕ سپدان۔ گہے اوس سہٕ لوٚنگ گرٕ ھان، گہے بِلکُل موزوٗر۔ گرا اوس تس أکِس أچھ گاش ژھوکان گرا دوشوٕنی أچھن گاش راوان تہٕ تس اوٗن پھوان۔ گہے أس تس اکے بمأری نال ولان گہے سارے یکہٕ وٹھم تہٕ اکی ساتہٕ۔ أتھی نہٕ تٔمی ہے یوت ٹلی کہِ تٔہندِس سأری ہے عیالس۔ تس باسے یہِ یم ووہو سبٹھاہ زیادٕ اما پوٗزتس اوس توتہِ باسان سہٕ چھ قوٗ صوٗروار۔ بلایہِ آیم وشف گوم۔

یٚلہِ ووہو زیادٕ زیادٕ بڑان گیہِ تس لۄگ نہٕ تھۄد ووتھنس کانٛہہ چارٕ۔ پنٕہ لڑأے أسس کرٕنی ، نہٕ ہرِگز نہٕ ۔ ئلی کہِ یہِ وُچھنہِ زِ یہِ ووہون ہنٛز ییژاہ بڈ ڈِکشنری کس چھ، وِردِ یاد۔ یٚلہِ سہٕ دارِکنی دراو اجہِ ہمسأے بایہِ ژایہِ اندر۔ اجہِ درایہِ داربوکنی زیادٕ زیادٕ کلہٕ نبر کڈِتھ۔ نۄرمحمدس باسیو نہٕ یہِ ٹھیک۔ تس کھۄت ہنا شرارت ۔ پٲنی پانس ستی ژأپن وُٹھ۔ یٚلہِ تٔمی دارِ کنی کلہٕ نبر کۄڈ ووستن ہنٛز شمیمہٕ أس زورٕ زورٕ کربکہٕ دِوان۔ سو أس ییژارٕ گوڈ ہیۄر رکھأرِتھ دٕ بنیاہ اتھس منٛز رٕٹِتھ کو ورن تہٕ کوشٕکل بڈٕ بڈٕ ووہوان۔

نۄرمحمد پیو آ کاشہِ تٔمی وُچھ برونٛہہ کنہِ کٲنٛہہ پلوتہٕ بس۔ نۄرمحمدس أسی یمے ہوش ہی راوان۔

"پرأنی شمیمہٕ۔ خوش پوٗنی۔ شرم دار تہٕ بے مِثال۔ أزِچ شمیمہٕ بد زیب، لڑاکوٗ تہٕ ہلکأری ........" نۄرمحمد گوٚز تصویرِ رلاوان۔

"پرأنی شمیمہٕ اصل ذات، جان تہٕ تٔمیز دار۔ أزِچ شمیمہٕ بےٚ شرم تہٕ بےٚ حیا......" نۄرمحمد روٗد کینٛژس کالس ووہنی۔ پتہٕ ژاو مأفی منٛگِتھ اندر کُن ۔ نۄرمحمدن بوٗز پنہٕ نہٕ آشنہِ نِش شمیمس مُتلق واریاہ کٲنٛہہ۔ اما پوٗز تس أس نہٕ پژھ بہان۔ شمیمُن مول ووستہٕ نٔبر اوس لا جواب تہٕ نیک

شریف ڈ ٖسِل۔ شمیمہٕ تہٕ اُس رٕژ کورِ ہن۔ خبر گوس کیاہ ؟از اوس نوٗر محمدس واریاہ کٔنٛہہ سرٕ گژھان۔ پرٛ ٔنس رنٛگس اوس پوٗرٕ پأٹھی زوال آمُت۔ تس اوس أزٕیک پھیار تہٕ ژھٕ زیادٕ تہٕ پزٕرکم باسان۔ سہٕ گواز تہٕ دون شکلن رلاوان۔ پرأنی شکل تہٕ نوٕ شکل۔ اکھ تصویر مأری مٔنز تہٕ خوش پوٗنی تہٕ بیاکھ کھٔری وٕنی تہٕ ژٕٹھ ژھٕنٛزٕ لایکھ۔ اکھ شکل شانت تہٕ خاموش تہٕ بیاکھ ہلکأری تہٕ وُتہٕ ملکھی۔

تس اوس نہٕ کٔنٛہہ پلہٕ پیوان۔ اکھ پرٛژھ زن اُس تس بروٗنٛہہ کنہ ٕجواب ژھاران۔

اتھ ہنٛگامس گیہ ووٕنی از ییٔے ربتھ جوراہ ہوی۔ نوٗر محمدن وُچھ شمیمہٕ از بیٔیہٕ نلکس تل۔ مگر تمی سُند روے اوس از بدلٕے کٔنٛہہ ونان۔ سوٕے پرأنی تصویر۔ لولہٕ ہُش تہٕ شرم دار۔ شوٗبہٕ دار تہٕ خوش پوٗنی۔ نٔنٛدٕ بأنی تہٕ مأری مٔنز۔

شمیمس آیہٕ أژٕ بکہٕ ییلہٕ تمی نوٗر محمد بروٗنٛہہ کنہٕ وُچھ۔ سو ژٕژٕ تس أکِس روٗمی کچہٕ ہندی پأٹھی یس باضے پنہٕ نِس سایس ستی تہٕ نفرت گژھان چھِ۔

نوٗر محمد گو خوش۔ تس باسیوو تمہِ دُہہٕ کِس ووفریمہٕ تِس بُتھِس پٔژھ بیٚیہِ سُے پرٛون شوٗبہِ دار رنگ ۔ سہٕ گو سبٹھاہ حأران۔ اما یہِ کیاہ ؟ییٚلہِ سہٕ گرٕ ووت تہٕ تٔمۍ پے پتاہ مولوٗم کوٗر خاندارِنہِ ووٗنُس شمیمس چھُ وأری وٕہن ستۍ صلاح گوٚمُت۔ سو چھِ از پٔچھۍ مالیُن واپس آمٕژ۔

نوٗر محمدس ژوٗل گوٚشہِ تٔلۍ اُسن نیرِتھ۔ زن تہِ تٔمِس پرژِ جواب درامُت اوس۔



# ژھاے

مے پُر اخبارِ چ یہِ خبر

تہٕ..... امہِ پتہٕ پرِم دُبارٕ۔

ترٛییمہِ پھِرِ تہٕ پرِٕم۔ خبر اٚس واریاہ دِلچسپ۔ کینژھاہ آم اسُن تہِ..

تہٕ کینژھاہ لۆگس تاجُباگرِتھ حاری ثاتن، وآری داتن تہٕ حالاتن پێٹھ سونچنہٕ۔

یہٕ دراس سرکاری لایبریری منٛزٕ جلدٕ ے نمبر۔ کینٛہہ اخبار تہٕ تمن پێٹھ

قسم وار خبر پٔرتھ۔ مگر یہِ گنی تہٕ اکے خبر چھِ میأنس ذہنس پێٹھ چھاوِتھ۔ یہٕ

لۆگس پکنہِ پھُتی منتوٕ تہٕ لوسی منتوٕ کوٗٹھوٕ۔ تکیازِ مکانہٕ مألکن اوسُم الٹی میٹم

دیتُمت زِ سأنکرأژ تام گری زِ مکانہٕ خألی۔ مکانہٕ کیاہ؟ بۆنٛٹھ ڈبہٕ.... زٕ کمرٕ اکھ

پور۔ بیاکھ وُریبہ۔ منٛزس بۆڈ پہن وُزیہِ گیہِ لابی۔ تہٕ نکہٕ واربن دون منٛز کچن تہٕ

باتھ رۄم۔ یوہے گو فلیٹ۔ پنن مکان تہٕ زمین جاداد ترأوتھ وانٛجٕ وأرِث

روزُن چھُ بۆڈ عذاب۔ پێٹھٕ ییلہِ کرایہ ہُند میٹر برابر کھسان آسہِ آمدنی سۆم تہٕ

کانٛہہ روپے موکج آسہِ نہٕ۔ یہِ چھُ ستم بالا ستم۔ زٕ ے مکانہٕ بدلاوِم از

تام۔ سخ پسرٕ چھُس آمت۔ پراپرٹی ڈیلرن چھُنم یہنہٕ باپتھ وکھ دیتُمت۔ بتاہ چھ

مہٕ کیاہ ونہٕ از۔ اکہِ پھِرِ کریون أکِس جایہِ مکانہٕ پتہٕ ہیوٚتنس مکانہٕ ،کرایہِ دِنہٕ والٕی یَب۔ دۄپُن یہِ چھِ بڈٕ فیملی۔ ٹیپہِ دۄپُن یم چھِ ماز کھوان۔ مےٚ دپیوس اٗسی کھمبو نہٕ۔ مگر کنٛہہ موٗن نہٕ۔ تریٚم اوس بٔنٛزیہِ۔ تٔمۍ وۄنُس اٗسی اگر مکانہٕ ،کرایہِ پیٹھ دِموسہٕ گژھِ بٔنٛزیے آسُن۔ کتھ تاونس لۄگُس؟ مےٚ تیز رأوی قدم تہٕ میأنی ژھاے یوسہٕ ہمیشہِ مےٚ پتہٕ پتہٕ دوان چھےٚ لٔج مےٚ ستی ستی ودنہِ۔ گاٗو پتہٕ وۄژھ یا وژھر۔ دوشوے گیہِ لتن ہُند ماز وتن لارناوان۔

گُمہٕ شران گوم۔ بہٕ رُکیوس تہٕ ووتھرأوِم دجہِ ستی عأرق۔ میأنی ژھاے گیہِ یوٗت کال تھم ہش لگتھ۔

یمن دلہِ ہنزن زیچھن تہٕ بجن بجن سڑکن پیٹھ آسن پتٔمبن پانژن ؤری ین دوران ینہٕ مےٚ تہٕ میانہِ ژھایہِ کٔشیرِ پیٹھ ہجرت کٔر کونٹیل وادِ گرد ژأمِژ۔ یہِ ذٔرہ ژ تہٕ توٚمِژ سکیلہ گرد چھےٚ عأرقہٕ شرأنس منز عجیب بد بوے پأدِ کران۔ اِنسان چھُ دیان باتھ روٗمس منز واتہٕ ہاتہٕ اتہِ نیرہے نہٕ۔ مےٚ پیوٚ کٔشیرِ ہُند چأنٛدی ہیوٗ نیپہ کروٗن ونہٕ وولمُت یخ ژتبس۔ بونبن ہُند شہجار تہٕ ویرِ وارن ہُند لۄبہٕ وٗن ٹھنڈٕ ہوا یاد۔ عجیب دگ وو تلیم۔ جگرس لۄگُم ہیرٕ بون ووکھُل ۔وبہہ تیزیوم۔ مُلہٕ تلہٕ گرٕ چھُنہٕ محض لبن ژۄن ہُند ناو۔ گرٕ چھُ تتھِ مخصوص ماحولُک ناو۔ یتھ منز اکھ زۄن پرٕتھان تہٕ اکھ خاص پہچان پراوان چھُ۔ علمدار وَنان گرٕ ونٛدہے گرٕ ساسا، بہٕ نیرہے نہٕ زانٛہہ۔ گرٕ

راوُن چھُ بوٚڈ ظُلم تہٕ کوہنہٕ سِتم۔ شاید تیُتھے یِتھ اکھ زنانہٕ یوسہٕ لوکچار ہے رٲوِمژ آسہِ۔ یُہند دامانہٕ پنہٕ نِس محبوٗبس نِشہِ ژھِنہٕ گژھتھ خٲلی خٲلی باسان چھُ۔ یہِ ہجرِ چ دگ چھےٚ بٔڈ کریٹھ۔ اسہِ موموٗلی اِنسانن ہنز چھےٚ نہٕ کتھے۔ یہِ چھےٚ بڑٕ بو پیغمبرو تہٕ رسولو تہٕ شِدتہٕ سان محسوٗس کٔرمژ .......

میأنس ذٔہنس منز ووپدے یہِ تہٕ وُبرے یہِ امہِ پتہٕ تِمے لفظ یِم اخبارِچ خبر پران پران مےٚ سٔنِتھ گٔمتۍ ٲسۍ۔

’’آزاد مُلک اُزبیکستانچہِ حکوٗمژ چھُ اعلان کوٚرمت زِ نو وٗری یہِ پیہِ امیر تیموٗر سُند 660 ژُھم ووہرِ وود بڈٕ چاوٕ سان وژھِ وٲلنجہِ مناونہٕ۔ قومی ہیروٗہن پیہِ عقیدتُک سہٕ نٔزرانہٕ پیش کرنہٕ یتھِکی یِم حقدار چھِ۔ حکوٗمتن چھِ لُکھ خبردار کٔریمتۍ زِ اگر اسہِ بے مثال بوہدٕرس تہٕ عظیم فاتح ہس ووٚنی کانٛہہ تیموٗر ناوٕ بدلہِ تیموٗر لنٛگ ونہِ۔ تس پیہِ زبوموٚلہِ کڈنہٕ تہٕ سخت سزا دِنہٕ۔‘‘

مےٚ آو پانس ہتۍ اُسن۔ تہٕ ژھایہِ پرٛژھُم:۔

’’وجہ؟ ..... ژٕ کتھ پٔٹھ اسان؟‘‘

مےٚ کوٚرُس وُچھنا۔ پتہٕ وۄنمس ۔۔۔’’پوٚز چھُ۔ بہٕ چھُس گیرِس منز۔ تمیُک مطلب چھایہِ زِ بہٕ اسے نہٕ .....‘‘

تس پھیور وُٹھن کُمجار۔ تہٕ مےٚ وۄنُس۔’’ تیلہِ بوز کتھ پزر؟۔۔۔ بوز .... تیموٗر اوس لوٚنگ۔ اکُے لنگ اوسُس۔ اکہِ زنگہِ موزوٗر

آسنہٕ موجوٗب اٰسِس تیموٗرلنٛگ ،یانے کاشُری پاٹھی تیمور لۆنگ ونان۔''

''اَ...... چھا...... گو یہٕ چھےٚ کتھ؟'' تمہٕ کھوٗ تراس۔ شاید اَس نہٕ اتھ

پزرس واٰقف۔ سوٗ ژھ پتہٕ بڑٕ موتبرآلیس منٛز۔۔

''کاٗنسہِ تہٕ قومی ہیرو ہس یتھ ناو دیُن چھُ نہٕ پزی شوٗبان۔ یہٕ چھُ

بلکُل وُ چاپہٕ لگان......''

''مےٚ کروٗن نہٕ؟'' مےٚ وۄنُس پھیٚرتھ واپس۔

''یتھ کیاہ اِز؟''

''لۆنگ نہٕ ونہٕ نہٕ ستی ماسپدِ سہٕ اوٗر؟......'' مےٚ وۄنُس ہناہ زِتھ۔

تہٕ میاٰنی ژھاے گیہٕ رس کیٚئرِ گرٕھتھ زمینہٕ ستی شرٕ پِتھ۔ کرٕتھ تہٕ

دراس نہٕ پٔہرس۔

مگر ژھاے اٰسم پٔنٕز۔ یہے روٗزِم ہر مُصیبتس منٛز ستی ستی۔ تیٖلہِ تہٕ

یٖلہِ سوٗرُے رووُم۔ یٖلہِ لیہاز ژھیۆن، حیا روو، پڑھ پھٹ، دِل دوٗریہٕ،

بھروٗسہٕ تہٕ اعتماد فنا گو۔ اِنسان سپدی بیۆن بیۆن خانن منٛز تقسیم۔ تہٕ وحشی پن

آو بارسس۔ امہِ وِزِ تہٕ اگر کاٗنسہِ ساتھ دیُتُم سو چھم یہے ژھاے۔ وُنہِ ییم ژِہ

لۄتام باقٕی آسہٕ نٕم تمن تہٕ روزٕبم یہے ستی ستی۔ وونڈٕ مۄراٰوِتھ ووندس......

''ہنا آس کتھِ سنان۔ ہمیشہٕ چھُھم فقت حرفس گواہ میٖنڈِس شریک

روزان۔''

سوئجم اور برشبہٕ ہندی پأٹھی عارٕ برژوأ چھوٗ وچھنہٕ۔

''چائٕ کنٕز موکلیہٕ کتھ أتی۔'' مےٚ وۄنُس۔

''پتھ کیاہ ادٕ۔خبر وأ ژ نا اند .....''

''خبر وأ ژ ضوٗ روٗ راند۔مگر کتھِ کوٗڈ واش۔أمی واہر وو پٹُن دامانہٕ تہٕ باڈو'' ''مطلب؟'' ژھایہِ کوٗر بے حد حأران سپدِتھ سوال۔

تہٕ مےٚ وۄنُس ....... ''کانٛہہ کتھ بوٗزِتھ چھِ واقاتن تہٕ حالاتن ہندی اصل تاہ ثٕنی نیران۔ہنہِ ہنہِ واہراونہٕ تہٕ مژراونہٕ یِوان۔تہٕ ژھایہِ چھوٕ فقط اِنسانن پتہٕ پتہٕ لارنس ستی ستی آور روزان۔شاید کمی ہندی تام ایجنٹ بٕنتھ کتہٕ تام گوأہی تارنہٕ خأطرٕ یہٕ اِنسان کوٗت کوٗت

چھُ أندٕ رٕی أندٕ رٕی واتان۔تمہِ نِشہِ روزِ دوہے کاتھ .......''

تس گیہِ ژھوپہٕ۔

میأنِس ذٕہنس آیہِ پکھٕ۔زمانن ہنٛز دارِ سپز وژھٕ۔مےٚ وۄنُس ''ہنا بوز قرارٕ سان۔مہٕ آس میأنِس پکہٕ نس ستی ستی پتھرٕچ گرٕد تہٕ میژ ڈُوان......''

''ون تیلہِ؟''

''کیاہ ونہٕ؟''

''پننہٕ مےٚ خبر چھنےٚ۔بہٕ چھس یژھان سورُے بوزُن....' تمہِ

وۄن ........ رُٹھ۔ مےٚ دیُت اٚسس ترۄپ۔"

تہٕ سپدُس امہِ پتہٕ سوٗرے ونہٕ نس پیٹھ آمادٕ۔ مےٚ وۄنُس ........

"امیر تیمور تہٕ نامور بُزرگ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی ؒ المعروف شاہ ہمدان اٚسی ہم زمانہٕ یا ہم کال ۔ تہُند وطن اوس فارس۔ منٛز ایشیہک سبٹھے پرون موشوٗر تہٕ موتبر مُلُک ۔ حضرت امیر کبیر ؒ آیہِ 21 ہن وٕری ین دُنیاہکین بہلہِ پایہِ عاٗلمن ،فاضلن تہٕ صوفی ین ستی مُلاقات کٔرِتھ۔0 127 منٛز پتھٕ وطن واپس۔ تمو وُچھ اتہِ ییرِ وِنی ناو۔ سیاٗسی حالات اٚسی سبٹھا بگرٕمتی تہٕ ابتر سپدٕمتی۔ امیرِ تیموٗرُن جاہ وجلال ۔ روب تہٕ دبدبہٕ اوس طیس پیٹھ ۔ بے حد ظُلم تہٕ جبرٕ ستی اوسُن بالخصوص ساداتن یانے سید حضراتن سخ پئدی کوٚڈمُت۔ تس اٚسی یم پٔنٛنی حریف باسان۔ تہٕ یہنٛز اٚسس سخ رِش گمٕژ۔ واریاہ سادات اٚسی مُلُک ترٛاٚوِتھ اورٕ یور ژٕلی متی۔ حضرت امیر کبیرؒ تہِ سپدی ناخوشگوار حالاتو سببہٕ 1372 ء سنس منٛز پٔنٛنی ستھ ہتھ رفیق ہتھ ہجرت کرنس پیٹھ مجبوٗر۔ تم واٚتی کٔشیر ......."

میأنی ژھاٚسے اٚس دِلچسپی ہند،س ڈٕری یاوس منٛز غرق سپدِتھ میأنی کتھ بوزان۔ تہٕ یکدم پرٛژھنم ..... "امہِ وقتہٕ اوس کٔشیرِ پیٹھ سُلطان شہاب الدین شاہ میری راج کران۔ تہٕ قطب الدین اوس ولی عہد۔ سلطان اوس نہٕ پانہٕ امہِ وقتہٕ کٔشیرِ منٛز۔ سہٕ اوس کتہِ تام دوٗر اٚکِس فوجی مُہمہِ پیٹھ

گوٚمُت۔ ولی عہد نے کوٚر لیاہزا حضرت  شاہ ہمدانسؒ اِستقبال۔

شاہ ہمدانؒ رُوٗدی پانہٕ امہِ وِزِ فقط شیٚن رتن ہیُوٗ کٔشیرِ منٛز۔ امہِ پتہٕ چھِ ستہِ وٕہری پتہٕ دُبارٕ کٔشیرِ یوان۔ تہٕ ڈاین وٕری ین پیٚٹھی وقتس پتہٕ قیام کران۔ ترٛیٚیمہِ پھِرِ آیہِ تم 1382ء

سنٛس منٛز کٔشیرِ مگر طعبیت نا ساز آسنہٕ موکھٕ گیہِ جلدٕ ے واپس۔ تہٕ دیٚتمُکھ 1384 سنٛس منٛز امانتھ۔ تِہنٛز معیت آیہِ ختلان واتناونہٕ تہٕ اُتی دفن کرنہٕ.....

میأنی ژھاے اُس میانہِ زیوٚ یہِ شیٚچھی بوٗزِتھ بڈٕ مسروٗر سپدیمٕژ۔ تہٕ مےٚ ژھوٚٹرأو کتھ تِکیازِ مکانہٕ وألی سُند الٹی میٹم پیوم دُبارٕ یاد۔ مےٚ وٕنُس ......"حقیقت چھےٚ یہِ زِ کٔشیرِ پیٚٹھ ترأوی حضرت امیر کبیرن تہٕ تِہنٛدی فرزند حضرت میر محمد ہمدانی ین سٔنی تہٕ گٔنی اثرات..."

"تم چھِ نٔی تہٕ ویدی۔ صاف تہٕ عیان۔" ژھلیہِ کوٚر یہِ وٕنتھ مےٚ ستی اِقرار۔ "شاباش۔ مرحبا چھےٚ اتھ لیاقتس" مےٚ وٕنُس۔ تہٕ تمہِ کوٚر خوشامد بوٗزِتھ خندٕ۔

مکانہٕ وألی سنٛز وارننگ پیٚیم اکہِ پھِرِ بیٚیہِ یاد۔ ہتو یاوٕ زن آس لاینہٕ۔ "میانہِ دیہِ۔ ووٗنی تھأوی زبم یزتھ۔ کٔنہہ نتہٕ کٔنہہ چاژٕ گٔری زبم از۔ نتہٕ روزٕ نہٕ پنہٕ نہِ آشنہِ تہٕ شُربن تہٕ بُتھ دیُن لایق۔ اتھ زٕ ٹٔلتھ لوٚگُس عرشہِ کٔبن تھزرن کُن وُچھنہِ۔ پٔنٕ پان باسیوم ذکیل تہٕ رُسوا۔ تِکیازِ یہِ اوٚسُس

دوہے تس دیس کنٛہہ نتہٕ کنٛہہ منگان۔ زانٛہہ سوٚرُم نہٕ۔ ''سہٕ'' کنٛہہ منگنہٕ روٗس۔ پٔنُن پان سبٹھاہ حقیر باسِتھ تیلیوم وہہ سأری ہے بدنس۔ عجیب دگ وو تلیم۔ کینسرٕچ دگ۔ یتھ مُتلق دپان یہِ چھِ اٰخری سٹیجس پیٹھ برداشتہٕ نبر اسپدان۔ کُس سمجھِ میأنی دگ؟ کُس کرِ تہِ موسوٗس یہِ بہٕ موسوٗس کران چھُس۔؟ دِل چھُ شیشہِ۔ شیشس چھُم رُم گمژ۔ یہِ وزی نہٕ ووٗنی۔ بہٕ گوس رُم گوٚمُت یہِ شیشہِ وٚچھس منٛز زورٕ رٔٹتھ دوان۔

شاید میانہِ ژھایہِ اوس میون گیوٗر فکرِ تران۔ سہٕ آس مے پتہٕ پتہٕ گرا زیٹھان گرا ژھوٹان، گرا شروکان، گرا ڈوکان۔ مے آوُ تمی سُند یم وِہر وُچھتھ کینژِھاتس پیٹھ تہٕ کینژِھا پانس پیٹھ اُسُن۔ اما پوٚز یہِ سوال لوٚگُم أندری أندری من کوٗرنہِ زِ ''یوٚ دوے نہٕ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانی '' امیر تیموٗر نہِ سببہِ ہجرت کرنس پیٹھ مجبوٗر سپدِتھ کشیرِ تشریف انہٕ ہن۔ کیاہ کشیرِ منٛز سیاست تہٕ موٗجوٗدٕ حالات آسہٕ ہنہٕ تِتھٕی یِتھٕی ازچھِ؟

بہٕ اوٗسس اٰتھی سوچس منٛز یرِ ژھایہِ پرٕژھنم کھور ٹھیکراٰوِتھ :۔''اسہِ کأشرہن پزیا تیموٗرس امیرِ تیموٗرٕ ے وُنُن کِنہٕ تیموٗرلوٚنگ؟

مے توٚگ نہٕ کِنھی وُنُن۔ زیوٗ گوم لقوٕ۔ بہٕ گوس شیشتر کوٗٹ ہیوٗ اٰکِس جایہِ رٕہنتھ۔ تہٕ میأنی ژھاے گیہِ مے ستی لگتھ۔



# رٕہتھ گأمٕژ أچھٕز

کھٹاکھ ...... کھٹھنز .......

شاید پہٕ دارِ ہُند شیشہِ ژٕن گرٕہتھ پتھر۔ کُنہِ شیشہِ اوس اتھ دارِ روٗدمُت ۔ ہےٚ لوٗگ احساس زٕلہِ بوٗک۔

"یہِ شیشہِ کیاز پھُٹ ؟ رُمہٕ لدٕ ے اوس ٹھیکھ۔ شاید مور أمی رُمہِ۔ رُم چھِ ماران۔ کاغذٕ ے آسہِ ہیمس لگوومُت۔ ژٕن ما گرٕڈھِ ہس۔ اُف ! یہِ شیشہِ ژٕن چھُ میأنس دِلس تچھان۔ ے کیاہ ہیوٗتُن یہِ گرٕھُن۔ دِیان چھُس چنج دِمہٕ۔ ہوٚٹ بنیو وصحراو۔ زبان نِلہٕ وٹھ۔ اتھ دارِ کیاہ بنہٕ ؟ سأرٕ ے ہتر چھِ اند راژان۔

شوٗ..... شوٗ..... شوٗ.....شینہٕ ژھٹھ چھےٚ ہہہ ہندی پنجہِ واہراٗوِتھ۔ اُف......یہِ راتھ۔ سِیاہ چاہ۔ یہِ کأژاہ زیٹھ ؟ یہِ گرِ ہُند پیہم صدا یہِ پینڈ ولم چھُ ناتھمان۔ رژھا دِیہِ ہے تھکھ۔ برٕ نزا گرٕڈھِ ہے ہہتھ۔ اُف، وُنہِ چھِ اکے ببجے ہٕژ۔ امہِ پتہٕ بجہِ ڈوڈ۔ تمہِ پتہٕ زٕ۔ تمہِ پتہٕ سوادٕ زٕ ---یہِ چھُ

اکھ زیؤٹھ سِلسلہٕ۔ یؤت وکھ کر سورِ۔ یہِ راتھ؟ میون شاہ ہیؤتُن ژھوکُن۔
دارِ پٹس چھُ زورِ زورِ الہٕ الہٕ اژان۔ ییتی بأژ یتھ لرِ منز اَستھ تہٕ چھُس بہٕ
گُن۔ نہَ۔۔۔۔۔۔ نہَ۔۔۔۔۔ نہَ۔۔۔۔۔۔ کتہِ چھُس گُن۔ یمہٕ کُرسی یہِ۔ ہہٕ میز۔ یم
چھِ سأری مےٚ ستی۔۔۔۔۔۔ ہہٕ لُبہِ ہُند کلنڈر۔ کلنڈرس پٹھ بنیمژ تصویر۔ گنہٕ
پت سُند فوٹو، یؤت زیؤٹھ کر۔ عجیب نس، یمہٕ نچہٕ أچھ۔ آدم پانس پٹھ ہُسی
کلہٕ۔ اکہِ نا ہموار جسمچ علامتھ۔ اکہِ بےٚ توازُن پانچ صوٗرتھ۔ اتھ نا ہموار
پانس چھِ لُکھ پۄژان۔ یہِ چھا کأمل آسنچ تہٕ خوٗبصوٗرتی ہنز علامتھ؟
اُف۔ مے کیأہ ہیؤتُن یہِ گرژھن۔ بہٕ چھُس نہٕ گُن۔ نہَ۔۔۔۔۔۔ نہَ۔۔۔۔۔۔
۔۔۔۔۔ أکیأہ ووبہٕ کنِژ ژایہِ ژھاے اندر۔ ژھاے۔ أچھ ژٕ۔ فقط أچھ ژٕ۔ ہواہس
منز اورِ یور نژان۔ یمہٕ أچھ گیہِ واوس منز رٕہتھ۔ اُف۔ مےٚ گوٗژھ نہٕ ہٕٹِژ
گردم لگن۔ یمہٕ أچھ۔ رٕہتھ گمژٕ أچھ۔ یمہٕ چھےٚ مےٚ گُن وُچھان۔ بہٕ ہکہ
نہٕ بہٕ ہکہٕ نہٕ یہِ برداش کرِتھ۔۔۔۔۔ یہِ عذاب شدید۔ یمہٕ چھےٚ نہ۔۔۔۔۔، یمہٕ چھےٚ
نہٕ تمہٕ أچھ۔ کم نواح تہٕ کوہہٕ تمہہ چھَ نہٕ یمن أچھن۔ أچھ چھِ مریم۔ أچھ
چھےٚ عیسیٰ۔ لولُک تہٕ شفقتُک ناگہٕ راد۔ دارس کھٕستھ تہٕ پٔنژ دگ سأرے ژورِ
تھأوِتھ اسہِ سارِنے پٹھ رَحم کھوان۔ أچھ چھےٚ حسن۔ آرٕ ولہِ ہُند تیز تہٕ
گولابُک رنگ۔ پننہٕ پوٚنپرِ سُند رقص۔ تہٕ ون گنہِ رن منز ہرنہٕ ہنز
ژھال۔ مگر نہَ۔۔۔۔۔ نہَ۔۔۔۔۔۔ أچھ چھَ کألی ہُند خشم تہٕ چنڈی ہنز برہمہٕ۔

.....نہٕ .....نہٕ .....یمہٕ أچھ چھےٚ یمو نِشہِ بلگُل بدوٗن۔ زوتہٕ وِنہٕ أچھ چھَہ سراب۔ یمہٕ رٕہتھ گمژٕ أچھ۔ اُف مےٚ ہیوٚتُن جِگر ژھٔنُن۔ یا گوٚژھ میون پان تحلیل سپدُن نتہٕ یمہٕ أچھ۔۔۔اما پوٚز......اما پوٚز کرتراون یمہٕ أچھ مےٚ کُن زوٗن تہٕ خلوکھ۔ یمہٕ أچھ چھےٚ مےٚ بلگُل وٕزٕ۔ کوتاہ اوس یمن أچھن یہِ کمرٕ ہ ٹوٚٹھ۔ یمہِ کمرٕ چہِ لبہٕ۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز۔ یہِ کلنڈر۔ یتھ پیٹھ گنیشہِ سٕنز تصویر چھےٚ۔ مگر نہٕ .....نہٕ .....مےٚ اوس نہٕ پے۔ کلنڈر چھُ بزنبس۔ یمہٕ أچھ آسہِ بزنبس کس تلاشس منز ..... کمہِ چکہٕ چاوٕ لاجے یہِ مےٚ یم شیشہِ۔ رنٛگ برنٛگ شیشہِ۔ یمن أچھن ٲسۍ یم شیشہِ پسند۔ مےٚ اوس ہنا ژیر گژھان۔ یمہٕ أچھ آسہٕ پریشان گژھان۔ یمن أچھن کوتاہ اوس مےٚ ستیٚ اُنس۔ میأنِس جسیم تہٕ خوٚبصوٗرتھ پانس ستیٚ اُنس۔ اُف۔ سو گُر.....سو گُر آیہِ ....یہِ سپدُس چھوکہٕ لدأ رکس اکسی ڈنٹس منز۔ یہٕ آس لایِنہٕ۔ یہٕ سپدُس بے حد زخمی۔ یہٕ بچوس رکتھ پأٹھی؟ .....یہٕ آس ہسپتال واتناونہٕ۔ میأنہِ زِ زنٛگہٕ آیہِ مےٚ رنش جُدا کرنہٕ۔ بس أچھن دوٗد گاش۔ سہٕ گاش یُس مےٚ زوٗل زالان اوس۔ تمہِ روشنی ہیوٚت لوٚب یوسہٕ میأنی وتھ شیران ٲس۔ مونا لزایہِ بدلیے یہِ أچھ۔ یہٕ آس گژھِ منز ہینہٕ۔ مےٚ اوس نہٕ زانٛہہ سوٗنچمت یمہٕ أچھ زٕ آسن فقط میأنس شریرس ستیٚ۔ جسمس ستیٚ موحبتھ کران۔ منس ستیٚ نہٕ کنٛہہ۔ مےٚ اوس پے مونا لزایہِ ہنٛزٕ أچھ چھےٚ منس ستیٚ موحبتھ کران۔ اُف۔

مےٚ کیاہ گو؟ مےٚ گژھہ نہٕ وأنِنج پھٹنٕی۔ مےٚ ہیوٚتُن تلواس بڈُن۔ یہ کتھ کینسر (Cancer) وارڈس منز آس ہہنہٕ۔ مےٚ ہیوٚتُن دم شروٗگن۔ یمہٕ أچھ چھِ سراب ژلان ژلان واژیوس کمن جاین۔ اما پوٚز کینسرس سپُد نہٕ یلاج۔ دگ چھِ برابر تیلان۔ اُف۔ یہِ دگ.... یہِ چھےٚ مےٚ زٕلان۔ یمہٕ أچھ یوٗت دوٗران گیِہ تیوٗت چھُ میون زخم پرٛتھ دمہٕ قریب انان۔ مےٚ چھےٚ یمن أچھن ستی نفرتھ۔ بے حد نفرتھ۔ یہ چھُس پانہٕ یمو نشہِ دوٗر روزُن یژھان۔ اما پوٚز یتھ کینٛزرس کیاہ کرٕ؟ یُس یمن رٕٹی رٕٹی انانچھُ.... کیاہ کرٕ ؟ ....مےٚ چھُ نہٕ ......مےٚ چھُ نہٕ کنِہیں فکرِ تران۔ بلکُل نہٕ کہنہٕہ۔

یمن أچھن ہنٛز قوربتھ گژھِ ووٗنی میأنس وۄجوٗدس ستی ختم۔
اُف۔ دیان چھُس چِنج دِمہٕ۔ سوکتہِ انہٕ زبو؟ مگر یہِ گنیت کتھ پیٹھ چھُ اسان؟ پنہٕ نِس ناہموار پانس کِنہٕ میأنس ۔ وُچھ تبر کیاہ چھن اتھس کیتھ تچمرش۔ یہ .....یہ .....یہ تہِ تُلہٕ تبر .....یہ تہِ اَسہٕ .....ہاہاہا......بے وایہِ اَسہٕ ......ہا ہاہا.........



# ثواب

عجیب حأری ثات تہٕ حأدی ثات چھِ گھے گھے سپدان یم اِنسانس برہم کرِتھ تراوان چھِ۔

خان تہِ اوس از برہم گوٚمُت۔ سہٕ اوس أکِس کوہنہٕ زالس منٛز بنٛد تہٕ گرِفتار سپُد مُت۔

تِمِس أس نہٕ ووٕنی کانٛہہ وتھا اَتھِ یِوان یوٚسہٕ تس زال ژٕٹِتھ نیبر نیرنس منٛز اتھہِ روٗٹ کرِ ہے۔ پنٕنی کنی أنِن پننہٕ نہٕ ذہنکی کتی گگر مدتس اما پوٚز کانٛہہ ہیوٚک نہٕ اَتھ زالس ٹکھ دِتھ، ژٕٹِتھ تہٕ تس موکلأوِتھ۔

سہٕ یوٗت یوٗت سونچان اوس تیوٗت تیوٗت اوس شدید عذابس تہٕ کھرِس منٛز ولنہٕ یِوان۔

اکھ عجیب کھُر یتھ کأشری پأٹھی بڑے ونان چھِ۔ ستھرٕ کانٛیک کھُر۔ لیس کڈان کڈان سورُے ستھرٕ پن ژھبنان چھُ۔ حاصِل چھُ نہٕ کِنہیں یِوان۔

تِمی دِژ ژٕنڈا ڈبکس۔ لوٚگ ونہٕ نہِ "ہٕٹہٕ ہٕٹہٕ آس یتھ گیرِس منٛز ہنہٕ یتھ مُتلق نہٕ مے زانٛہہ سوٗنچمُت تہِ اوس۔" سورُے سپُد یکدم وُچھان

وُچھان لُہزن منز۔ ئلو آلیس شہاہمتھ۔

وُنہِ آسی رأژ پٕہرس نبس پیٹھ تارکھ زوتأنی۔ مسا مسا آسہِ ہن صبچہِ ژور بجے مژ۔ خان اوس لورِ کُٹنا ہتھ مخدوٗم صأبہٕ نبن ہیرِ پاوٕن کھسان۔ مخدوٗم صأب اکھ پایہِ بوٚڈتہٕ موتبر بُزرگ یَس محبوٗب صُبحأنی حضرت مخدوٗم صأب ونان چھِ۔ روٗحأنی زأوی جارن تہٕ سیرِ اسرارن وأقف کار۔ توے لُبن ہارِ پرتبس پیٹھ جاے یٚتیہِ چہِ میٚژ سونے سون وتھرأوِتھ چھُ۔ سہٕ چھُ عأرِفن ہُند سرتاج سُلطان العارفین!!

خان گو دوہ دِشکی پأٹھی پأوی گنزران ہیوٚر کھسان۔ اورِ أس اکھ بُرقہِ پوٗش زنانا تیز تیز ہیرِ پاوٕن وسان۔ تمہِ أس بُرقہٕ لوٗنٹ پنہٕ نہِ بُتھِ پیٹھِ تھوٚدتھ دِژ۔ تِکیاز کانٛہہ اوس نہٕ امہِ وِزِ ہیرن ہیوٚر بوٚن کھسان۔ یُتھے خان وُچھن بوٚنہٕ کھسان تمہِ وأج یکدم بُرقہٕ لوٗنٹ بوٚن تہٕ بُتھ تھوٗن پردس تل پوٗشیدٕ۔ خانس گیہِ فقط ژھانپ ہش۔ تس باسے یہِ سو نوٗرِ چھل۔ سو أس دوان دوان بانبرِ چھانبرِ ہیرن بوٚن وسان۔ یٚیلہِ سو خانس بِلکُل نکھہِ وأژ، خانن کوٚر موسوٗس زِ خوتوٗنہِ ہُند دِل چھُ زورِ زورِ دکہٕ دک کران۔ شاہ أسس تیز تیز کھسان۔ بڈٕ جلدی أ سس سہٕ روٗد بوٚنہِ مبن أخری پاوٕن، تام تس مُدے گنڈِتھ وُچھان۔ بوٚنہٕ کنہِ اوس اکھ موٹر سائیکل کھڑاتہٕ أتھی ستی اکھ ہٹہٕ کٹہٕ لٔڑکا۔ ژھاے رلے یہِ ژھایہِ

ستی۔ دونوے کھٔتی موٹر سایکلس تہٕ پتہٕ آو نہٕ کنہیں لبنہٕ۔'' میانہٕ سُلطانہٕ ژٕ ے چھُکھ سیرن سر پوش۔'' خانہٕ ہنٛدِ زیٚوِ درایہِ یم لفظ تہٕ لوٚگ بیٚیہِ ہیرن کھسنہٕ۔

اَٲخر ووت سہُ پنہٕ نہِ جایہِ ییٚتھن سہُ بہان اوس۔ تٔمی ہنٛز جاے اَس گنٛڈِتھ مخصوٗص تہٕ مُقرر۔ مجال اوسہٕ بیٚیہِ کانٛہہ فقیر یا بیٚچھِ وُن رٹہِ ہے تٔمی ہنٛز جاے۔ سہُ کُس کرِ ہے تیوٗت جُرت؟ یہِ اوس تٔمی سُند روب تہٕ اثر۔ تس اَس خودایِن اکھ سبٕٹھے میٹھ تہٕ خوش یِوٚنی آواز دِژمٕژ یوسہٕ لُکن ہنٛدٮ۪ن دِلن منٛز سیوٚد ؤے ؤستھ اَس گژھان۔ تٔمی ہنٛدِ دہانہٕ دعایہِ خاطر بوٗزِتھ اَسی لُکھ تس زٕ ژور آنہٕ پنہٕ نہِ جُبہ دِنس پیٹھ آمادٕ گژھان۔ خان اوس سڑکہِ ہُند بادشاہ۔ تٔمِس اَس خبر کُس کوچہِ کتھ سڑکہِ ستی چھُ میلان۔ کوسہٕ سڑک کپأرِ چھِ شہرس ستی رلان۔ کتھ کوچس چھُ کمن کمن کوچن ستی جوڑ۔ تس اوس پے زِ کمہِ دوہہٕ چھُ کتھ استانس پیٹھ ووٚرس۔ سہُ اوس ییمن سارِنٕے ووٚرسن پیٹھ ییمن جاین واتان۔ درگاہ شریف حضرت بل، شاہ ہمدان صأبٕن، ژرارِ شریف، دستگیر صأبٕن، نقشبند صأبٕن، بٹہٕ مالیٚن تہٕ کوٚت نہٕ۔ مگر دوہ دِش اوس سہُ گاش پھولنہٕ بروٚنٹھے مخدوٗم صأب نہِ ڈیڈِ تل واتان۔ یہِ اَس تٔمی ہنٛز ٹاٹھ جاے یتھ ستی تٔمی سُند اصل روزگار وابستہٕ اوس۔ لُکہٕ ہوٚ جوٗمن دوہدِش وُچھِتھ اَس تس اِنسأنی مِزازن پیٹھ سٔنی نظر۔ تس اوس

دوٗرِ فکرِ تران زِ کس شخص کیاہ دود چھُ؟ کُس کیاہ مُراد ہیتھ چھُ بجہِ ڈیڈِ پیٹھ آمُت۔ سہٕ اوس تمی آیہِ دُعایہِ خاٗر کران۔ لُکھ اٗسی نہٕ صِرف تٔمی سٕندی لفظ بوٗزِتھ حاٗران سپدان بلکہِ وژھِ واٗلنجہِ کنٛہہ نتہٕ کنٛہہ دِلس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔

خانن کٔرشانو پیٹھ پٔنٕز ژادر ہناڈیکھ، پتہٕ تراٗون اکھ دجہِ ہن بروٗنٛہہ کنہِ۔ چندٕ منٛز کڈِن پھٔٹہٕ واٗلۍ پونسہٕ واریاہ تہٕ تراٗوِن دجہِ پیٹھ۔ امہِ پتہٕ کڈِن زٕ ترٛے نوٹ أندرِمہِ چندٕ منٛزٕ۔ تم تہِ تراٗوِن دجہِ پیٹھ سجاٗوِتھ۔ اتھ اوس سہٕ پننہِ زبأنۍ منٛز ''وان شیرٕن'' ونان۔

خانس أس اکھ پٔنٕز ٹلہٕ تراوتہٕ وٹھٕ۔ یٛیمہِ کنٕز سہٕ سارِنٕے بچھٕ وٕنبن تہٕ فقیرن منٛز سبٹھاہ ویوٚداوس۔

خان اوس از وُنہِ وان شیرأنی، پتٕ کنٕز گیس کتہِ تام زاشٕری ہٕنٛزٕ وَدرٕنٛچ آواز کنن۔ سہٕ وۄتھ یکدم تھوٚد تہٕ لوٚگ اورٕ یور وُچھنہِ۔ أکِس جایہِ باسیوس یوٚہے سورٕ سور گژھان پتہٕ آلیس لوٕکٕٹ کھورٕ پھٔلی تہِ لبنہٕ۔ سہٕ آو تیز تیز اۄتن۔ سہٕ اوس زنگہِ ہِلوان۔ ودان تہٕ بڑژھارٕ دِنان۔ دپیون کرکھ دِمہٕ تہٕ ساٗری کرکھ جماہ۔ مگر بچس أندی أندی اٗسی واریاہ کرٕکرٕکرٕوٕنی نوٹ ہیمٕتی۔ یِم وُچھِتھ تس گلہِ زبوٗگیہ۔ اٗسس لوٚگُس کُلف۔ تٔمی کٔری ژۄتری ژۄتری ساٗری نوٹ جماہ۔ تہٕ بٔرن چندن۔ امہِ پتہٕ آو بٛیہِ

توٚتے پنہٕ نہٕ جایہِ واپس یٖیٖتھن سہٕ بیچھان اوس۔ اما پوٚز زاشری ہیوٚت وی
وٕنی تیز تیز وۄن۔ خانس ژھیوٚن دِل۔ سہٕ وۄتھ دُبارٕ تھوٚد تہٕ لوٚگ اُمس
نھلہِ تھلہِ وُچھنہِ۔ بڈٕ خوش یُوٚن شُر اوس۔ بچہِ بچہِ پُرکُشِش اُچھ۔ شیرِ تھ تہٕ
سنبھاُلتھ۔ نستہِ ہنز بأن۔ دیچھہِ پھٔلی ہی وُٹھ۔ پھنبہٕ دوگُل ہیُو پان۔ جگرس
منز تھاوُن لایق شُر۔ خانن ژُل یہِ کوچھہِ منز تہٕ روٗٹُن سینس ستی۔ شُری سُند
وۄن رِوُن گو بند۔ شاید باسیوس وُشنیر۔ یا یہِ زِکُس تام چھُم پٔنن ییتھ گو نہٕ
ہو بُرتھ دُنی یہس منز۔

خانن وُجی ژادرِ پٹ۔ شیری مٔتس وانس وۄلُن یہِ ڈٕپی زِ تہِ فالو۔ تہٕ
وۄتھ شُر ہتھ واپس ہیرن۔

وٕنی ادِس گاش زیادٕ زیادٕ نوٚن نیران۔ واریاہ لُکھ آسی استانس اندر
گژھنہٕ باپتھ ہیرن کھسان۔ خان روٗدیمن کُن اورٕ یورٕ وُچھان۔ زِ کانٛہہ
دِیہ پرنایہِ چھُ میون تہٕ سہٕ تراوِ پھرکھ۔ اما پوٚز کانٛسہِ مُژُرنہٕ آس تہِ۔

خان پراربو بونہٕ کنہِ سبٹھاہ کالس مگر کانٛہہ آو نہٕ وأرِث دربٔتھ
بروٗنہہ کُن۔

بچہِ اوس وٕنی شوٚنگمت۔ خان اوس یِی سونچان کرِ کیاہ؟ کوٚت نِمن
؟ سوٚنچتھٕ تھانس پیٹھ گژھِ۔ مگر باسیوس یہِ گو پان کُنسہٕ کھوڈس منز تراوُن۔

دوٚرِ فکرِ تران زِ کُس شخص کیاہ دود چھُ؟ کُس کیاہ مُراد ہیتھ چھُ بجہِ ڈیڈِ پیٹھ آمُت۔ سہٕ اوس تمی آیہِ دُعایہِ خاٲر کران۔ لُکھ اَسی نہٕ صِرف تَمی سندی لفظ بوٗزِتھ حاٲران سپدان ئلکہ وٕژھِ واُنجہِ کنٛہہ نتہٕ کنٛہہ دِلس پیٹھ مجبوٗر سپدان۔

خانن گرشانو پیٹھِ پٔنٕز ژادر ہناڈیکھ، پتہٕ تراٛوِن اکھ دجہِ ہَن بروٚنٛہہ کنہِ۔ چندِ منٛزٕ کڈِن پھٹِہٕ واُٹی پونسہِ وارِیاہ تہٕ تراٛوِن دجہِ پیٹھ۔ امہِ پتہٕ کڈِن زٕ ترٛے نوٹ اَندرِمہِ چندِ منٛزٕ۔ تِم تہِ تراٛوِن دجہِ پیٹھ سجاٛوِتھ۔ اتھ اوس سہٕ پننہِ نہِ زبانی منز ''وان شیرُن'' ونان۔

خانس اَس اکھ پٔنٕز تُلہٕ تراو تہٕ وٹیرِ۔ یٚیمہِ کِنٕز سہٕ سارِنٕے بچھِ وٕنین تہٕ فقیرن منز سبٹھاہ وِیوٚ داوس۔

خان اوس از وُنہِ وان شیرانی، پتہٕ کِنٕز گیس کتہِ تام زاشری سِنٛزِ وَدٕنچ آواز کنن۔ سہٕ وۄتھ یکدم تھوٚد تہٕ لوٚگ اورِ یور وُچھنہِ۔ اَکِس جایہِ باسیوس یوٚہے سوٚرِ سور گژھان پتہٕ آیس لوٚءکٹٕ کھوٚرِ پھٔلی تہِ لبنہٕ۔ سہٕ آو تیز تیز اوٚتن۔ سہٕ اوس زنگہٕ ہِلوان۔ ودان تہٕ بڑژھارِ دِنان۔ دیپون کرکھ دِمہٕ تہٕ ساٲری کرکھ جماہ۔ مگر بچس اَندی اَندی اَسی وارِیاہ کرٕ گرٕ کرٕوِنی نوٹ ٹیمٹی۔ یِم وُچھِتھ تس گلہِ زیوٚ گیہ۔ اَسس لوٚگُس گُلف۔ تُمی گری ژوٗتری ژوٗتری ساٲری نوٹ جماہ۔ تہٕ بُرن چندن۔ امہِ پتہٕ آو بیٚنہِ

